# اَفسانک فَن

## خاص شُمار

۲۰۰۲ء



# انہار

کاشُر ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر

یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

# انہار

۲۰۰۲ء

نگرانِ اعلیٰ

شفیع شوق

مجلسِ مشاورت :-

شاد رمضان

مجروح رشید

رتن تلاشی

محفوظ جان

ایڈیٹر :-

قاضی ظہور

معاون :-

معراج ترکوی

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرت بل سرینگر

# اَنہار

گوڈنیک چھاپ ——— ۲۰۰۲ء
کتابت ——— معراج ترٛکوی
چھاپ خانہ ——— میکاف پرنٹرس



ناشر:۔
کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرت بل، سرینگر

# ترتیب

# سرنامہ

اَفسانٕچ صِنف چھےٚ پَنٕنٛہِ ہَن وٕرِیَن دوران مختلف ارتقأیی مَنٛزلو
مَنٛزٕ نیرتھ کأشرِ اَدبُک اکھ باوِقار اَدبی صنف بَنیمٕژ۔ یَتہٕ رَژھ یہِ زِ فکشنس مَنٛز رُود
اَفسانے سارِوے کھوتہٕ مقبوٗل تہٕ کامیاب صنف تِکیازِ ناوِل ہیٚچ نہٕ کینٛژَو تجربو
وَرأے پَنٕنۍ جاے رٔٹِتھ۔ عالمی اَدبس تہٕ کأشرِس اَدبس مَنٛز افسانٕچ اہمیت نَظرِ تَل
تھاوِتھ رُود افسانہٕ کأشرِ ڈیپارٹمنٹٕکس نِصابس مَنٛز یَتھ سطحس پیٹھ اکھ اہم حصہ۔
نِصابُک یہِ کورس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مُفید تہٕ لگہار بناونہٕ خاطرٕ چھِ ڈیپارٹمنٹٕکۍ بَرونٹھ
تہٕ کینٛہہ کوٗشِشہٕ کَرمٕژ۔ مَثلاً اَز برونٛہہ کینٛہہ وٕری کوٗر اَسہِ کأشرِس مَنٛز لیکھنہٕ
آمتێن بہترین افسانَن ہُند اکھ انتخاب تیار یُس "افسانہٕ مجموعہ" ناوا وُس۔ یہِ
انتخاب کوٗر طالبِ علموٚ تہٕ باقے پَرَن والیو نہایت پسند تہٕ سانہِ ڈیپارٹمنٹُک اکھ
اہم درسی ضروٗرت گَو پوٗرٕ۔ اَمہِ برونٛہہ اَس کلچرل اکادمی تہٕ افسانَن ہٕنٛدۍ زٕ انتخاب
شایع کٔرۍ متۍ یِم وۄنۍ نایاب چھِ۔ دِلہ مَنٛز ساہتیہ اکادمی تہٕ کوٗر جدید کأشرِن
افسانَن ہُند اکھ انتخاب شایع "کأشُر افسانہٕ ۔ اَز" یُس تہٕ آو نِصابس مَنٛز شامِل کرنہٕ۔

کأشرِس افسانَس یِمہِ رفتارٕ فروغ میوٗل تَمہِ رفتارٕ میوٗل نہٕ افسانس متعلق
تنقیدس فروغ۔ ییٚلہِ زَن ضروٗرت چھےٚ زِ افسانہٕ چَن بدلوٚنین ترایَن پیٹھ یَتہِ
مُسلسل لیکھنہٕ یِتھ زِ افسانَس مَنٛز صحت مند روایتھ قأیم سپدَن۔ یہِ ضروٗرت محسوٗس
کٔرِتھ کوٗر یُہس کأشرِ ڈیپارٹمنٹَن فأصلہٕ زِ تِم ساری مضموٗن یِن اکِس جِلدس مَنٛز

جمع کرنہٕ یِم اَزتام افسانس متعلق لیکھنہٕ آے۔ یِمو مضمونو منز چھِ کیہنہ مضمون برونٹھے انہارس منز تہٕ شایع سپدی متیٛ۔

توقع چھُ انہارُک دردس خاص شُمارٕ "افسانُک فن" کرِ ساہن طالب علمن تہٕ ریسرچ سکالرن ہُند اکھ دیرینہٕ ضرورت پوٗرٕ تہٕ افسانس متعلق سپدِ نوٚو بحث شروٗع تاکہ سون افسانہٕ سپدِ اَفسانہٕ کین عالمی معیارن سیتۍ روشناس۔

اَنہارُک آیندٕ خاص شُمارٕ آسہِ "تقابلی ادب: موضوع تہٕ ہیَیت" یتھ منز یُہسہٕ کِس سالانہٕ سیمنارس منز پرنہٕ آمتۍ مقالہٕ شامِل یِن کرنہٕ۔

شفیع شوق

صدر۔ کاشُر ڈپارٹمنٹ

# اَز کہ اَفسانُک عصریت

شفیع شوق

لفظ، از، چھُ ادبی معاملن منز کم از کم اَکس ڈلس ہیٹھ مشتمل آسان تہٕ چونکہ کاشر افسانُک رفتار چھُ سیٹھاہ سوٗت لہذا چھُ یہِ اَمہِ کین وُہَن پینٛژن ہَن ؤرِیَن وحاطہٕ کرٕتھ۔ یِمنے پینٛژن ہَن ؤرِیَن ہندس افسانَس ہیٛکوا اَسی عصری افسانہٕ وَنِتھ تہٕ اَمِچ عصریت چھےٚ اکہِ طرفہٕ اَمہِ کین داخلی ہیتی اصوٗلن تہٕ رواجن منز بیٛیہِ طرفہٕ اَتھ نبر کاشرِ ن لُکن ہندِس، خاص پاٹھۍ تہٕ کُل عالمہٕ کین مُلکن ہندِس معاشی، سماجی تمدنی تہٕ فکری صوٗرتحالس منز یُس اَژھین پاٹھۍ جہد لِقابہٕ تتھ اندر کامیابی یا ناکامی، آش یا فریب شِکستی وہ تلۂ ستۍ بدلان چھُ، اَدبِچ عصریت چھےٚ تتھ اندر تمہِ کہِ زمانٕچ موجوٗدگی، ہیکیاز کانہہ تہٕ ادب پارہٕ چھُنہٕ محض انفرادی ذہنی کیفیژ ہند پیداوار آسان بلکہ تخلیق کارس اَندۍ پکھی یا کُلہٕ عالمس منز زِندٕ انسانن ہنز ذہنی کیفیژ ہُند تہٕ تہٕ اَمہِ رُنگی تمیک ترجمان تہٕ۔ چونکہ تخلیق کارس تہٕ تمہِ ہندس مخصوٗص زمانس درمیان رشتہٕ چھُ لامحال، سُہ مخصوٗص زمانہٕ چھُ پانہٕ پانے تخلیقہِ منز شامل گژھان۔

اَزیک افسانہٕ چھُ اَزی کین سارِنے افسانہٕ نگارن ہنز اجتماعی صلاحیژ تہٕ کوٗشِشہٕ ہُند نتیجہ۔ اَزکی ساری لیکھن والۍ چھِ پننہٕ پننہٕ جایہِ فرد آسِتھ پننہٕ انفرادی صلاحیژ ہُند مظاہر کرِتھ تہٕ بے شوٗنکی پاٹھۍ اکھ جماعتھ بناوان۔ یِہندۍ انفرادی رویہِ

تہٕ طور کاتیاہ تہٕ بدٕون آسٕ تَن، کُلس پیٹھ چھےٚ یہِندِس فنَس منٛز۔ لازمَن واریاہ قدرِ
مشترک یِمہٕ یمَن اُڑی کہ زمانَس یِژ زنتھ چھِ دِوان تہٕ اَمی چھکھ تمہٕ کیسے تناظرس منٛز۔ مولانکون
کران۔ یِریتھ کیٚنہ افسانس منٛز چھُ بیک وقت اُڑی کَمِن سارنے افسانہٕ نگارن ہُند ذہن
شامل تِکیاز تخلیقی عملہٕ دوران چھُ یِریتھ کانہہ افسانہٕ نگار شعوٗری طور یا غار شعوٗری طور
پننِن ہمکال اَفسانہٕ نگارن ہِندی افسانہٕ نظر تَل تھوان۔ تِہندی اسلوٗب تہٕ موضوٗع
تِہنز۔ پسند تہٕ ناپسند ترانان تہٕ چھُ افسانہٕ اوکنہٕ تہٕ لیکھان زِ تہٕ چھُ پننِن ہمکالن منٛز پننی
انفرادیت قایِم یِرتھان کرن یِتھ ساری تسلیم کَرن۔ سُہ چھُ پننہِ تجربہٕ تمَن ستی باگراوُن
یِرتھان تہٕ تمَن نِشہٕ اَچھہٕ ہُند رَژ بایِتھ داد یِرتھان پراوُن تہٕ پننہِ پاسہٕ تمَن قایِل کرناوُن
یِرتھان زِ سُہ چھُنہٕ پننہِ زمانہٕ ڈلتھ بلکہ مُروجہ نہجہٕ تہٕ رَوِشہِ ستی قدم بہ قدم۔

اُڑی کِس افسانس منٛز چھِ یِراہن افسانہٕ نگارن ہِندی ذہن تہٕ کارفرما تِکیاز
اُزیک افسانہٕ چھُ تِلی اُزیک ییلہٕ یہٕ پرانہٕ نِشہٕ مختلف چھُ تہٕ یِتھ ترٛاوم روایژ نِشہٕ
ڈلتھ چھُ۔ تِمہٕ سارے خصوٗصیژ یِمہٕ نَیٚ مَن افسانن منٛز آسہٕ چھےٚ اُڑی کَمِن افسانہٕ نگارن
ہِندِ خاطرٕ وَتَن ہِندی کھڑٛی تہٕ یِم کھڑی دوٗر کرنٕچ شعوٗری کوٗشش چھےٚ تخلیقی عملہٕ دوران
واریاہ دخل تھوان۔ پلاٹ سازی منٛز، کردار نگاری منٛز تہٕ لفظن ہِندِس انتخابس منٛز
چھِ پرانِن لیکھن والین ہُند دخل تِکیاز تمَن ستی چھُ تصادم۔ تِم ساری کردار تہٕ چھِ
اُڑی کِس اف ن س اُزیک بناونَس منٛز دخل تھاوان یِم نَیٚ مس افسانس
منٛز مقبوٗل آسی۔ اُزیک پی این، (پرالب) چھُ نبر شائس (ڈری یا یہٕ ہُند ییزار) نِشہٕ بیوٗن
تہٕ بدٕون یِرتھان بَنُن۔ سُہ پی این، چھُ بدٕون مگر تمہٕ ہنز بدٕونیت نژراوس منٛز چھےٚ
افسانہٕ نگارن شعوٗری کوٗشش کرمژ۔ تمہٕ ہنز یِریتھ حرکت، یِریتھ کتھ چھےٚ نبر شائس
نِشہٕ مختلف آسہٕ بایِتھ محنت کران، تمہٕ ہے یوت نِشہٕ تہٕ بلکہ برپسی وآئلس دندوزن)
نِشہٕ تہٕ یِرانِن افسانہٕ نگارن ہِندِن کردارن نِشہٕ تہٕ ''یھٕ'' افسانکی کھوسہٕ

کوب، پھوٗچھ، لوٗنگ، کون، زوٗر بیترِ تہٕ چھہِ ووتھواتھرس دوران پوشہٕ کجہِ تہٕ اکھ
صاب تہٕ بیاکھ صاب تہٕ ہری کرشنہٕ نِہن باقی کردارن ستی مُتصادم۔ گلشن مجیدُن
درویش (کھشر دلہ ہوٗنی ہندس اردس منز اکھ سفر) تہٕ موٗنگہٕ شاہ یا اسد صاب
(ٹنگہٕ ڈولمُت بَر) چھہِ اختر، کامل، نِردوش، بھارتی بیترِ افسانہٕ نگارن ستی متصادم۔
اَتھ منز چھےٚ گُلشنُنی محنت شامل۔

یِم سارِی محرکات تہٕ مداخلژ یوٚتام نہٕ اَزِکس افسانس منز آسَن یہ آسنہٕ
اَزیُک بلکہ کُسے افسانہٕ یِس جوٲبی کارڈ، یا یِلہِ گاش پھوٚل، اوس۔ اَزِکس افسانس
منز چھُ اَزتیلی شامل گرٛھان یِلہِ یِم سارِی محرکات تہٕ مُداخلژ کارفرما آسَن دوران
افسانہٕ نگار اَزِکس کردارٕ سند اَوند پوٚکھ پرزناوِ۔ جدید یتَس پیٹھ ژھوٗرُے ایمان
تھاوَن وول دِیہہ اَوند بِکھس کیاہ چھُ کرُن، یا افسانہٕ احد زرگرُن صوٗفیانگ
بدل بناوَن وول پرزہِ کردار چھُ شخصَس اَندر تہٕ اَوند پوٚکھ کیاہ ری آو مگر شخص اندر
گژھ کردارس تام واتناورچہِ وُہٕ کم چھےٚ؟ یمے اَندی یکھ فضوٗل چیز، تِمی سند گرگروَیٹھ
پلو پوشاکھ، وہ تھنگی بہنکی طور طریقہٕ، تِمی ہندی ذایقہٕ، تِمی سند گفتار، کتھ ہند تلہ ترٛاو، دفترس
تہٕ گرس منز وطیرٕ، تِمی ہنز کتابہٕ یا کیسٹ، تِمی سند باتھ روٗم، ڈریسنگ ٹیبل یا طاقچہٕ
تہٕ صندوٗق۔ غرض تہٕ سورُے یہ نہٕ سُ چھُی مگر یہ تس نیبرِی نیبرِی شخصیت بناوان
چھُ۔ تِمی اَندر چھُ تِمی سند اَندرُیم کردار گژھ۔ نیبرُیم چھُ اَندرِمیک پھرتھ رِیچھ مگر یہ
پھرتھ رِیچھ پرزناوِتھے چھُ اَندرِم گژھ رِیچھ تصورس منز یوان۔ اَمہِ روٗس اگر اَندرِیم
رِیچھ باوَنٕچ کوشش یِیہِ کرنہٕ، نتیجہِ نیر خود کلامی یا واقعن ہند خلاصہٕ۔ مثلن وےکیوم،
(علی محمد لون) ژٕرے چُھکھ، (اختر محی الدین) یا پیتھ' (غلام رسول سنتوش)۔
اَزِکس افسانس منز گیہٕ نہٕ فضابندی ہنز اہمیت ترک۔ فرق چھےٚ یژٕے زِ روایتی
افسانس منز یتہِ فضا تھےٚ پاٹھ روٲیتی تہٕ مقرر اوس یتھ پاٹھی قدیم ڈرامہس منز

سیٹنگ سیٹ اوس آسان یا ہندوستانی فلمی باپتھ ہندِس منظر، تہٕ چھُ نوس افسانس منز یہ فضا یا پسِ منظر بلکل جُدا کانہٕ نا اندازی۔ اَتھ چھُ حوالہٕ جاتی رنگ ضرور مگر یہ چھُ مخصوص کردارن ہنزن مخصوص تہٕ نا اندازی جذباتی تہٕ احساساتی کیفیژن ہُند دیُت۔ لہٰذا چھُ اَزکِس افسانس منز زبانی ہُند ہاوُن بل زیادٕ زیادٕ کامہ لاگُن ضروری (یُس بدقسمتی کنہِ کاشرِس افسانس راوُن چھُن ہیوتمُت۔) ضرورت چھِ یِمہ کتھ ہُند زِ ساتی افسانہٕ نگار یِر زناوُن پرانہٕ افسانکی فکسچر تہٕ پنہٕ زبانی ہُند ہاوُن بل ورتاوُن پوٗرٕ شدتہٕ سان یُس کردارن ہندِ ن بے بدل صورتِ حالن پیش ہیکہ کرِتھ۔ پرانہٕ افسانکی فرسودٕ وتی تہٕ کلیشے یدکڈنس تہٕ تموُ لنشہٕ نوب ہیٛنس منز تہٕ چھےٚ سانہٕ افسانچ عصریت۔

اَزٕ یلہٕ زن سانہٕ ادبہٕ کِس پوت منظرس منز کانہہ تہٕ شیٚقہ فکری تحریک یا اجتماعی غارادبی رجحان یا جماعتی مقصد یا منشور چھُنہٕ، انفرادی افسانہٕ نگارن پیٹھ چھےٚ زیادٕ ذمہٕ داری۔ اوٚتام اوس سُہ افسانہٕ کامیاب تصور یوان کرنہٕ یتھ منز یِمن تحریکن، رُجحانن، مقصدن یا منشورن ستی ہم رنگی آسہے۔ یِژن وول یا نقاد اوس تِتھی افسانس داد دِوان یتھ منز کانہہ تیتھ مسلہٕ یا موضوع بہتر پاٹھی پیش آسہے سپدمُت یُس وارہیو بروٚنٹھے تلمُت آسہے تہٕ پیش کرنس منز آسہِ ہُس کینہہ کھوژِر روٗدمُت۔ ۱۹۵۰ پیٹھ ۱۹۶۵ تام لیکھنہٕ آمتین اکثر افسانن منز اوس کردارن ہُند حال سماجی حالکُ نتیجہٕ یوان زاننہٕ تہٕ سماجک حال اوس مخصوص نظرٕ وُچھنہٕ تہٕ زاننہٕ یوان۔ فرد اوس نہٕ کُنی۔ اَمہ دورکی بیشتر افسانہٕ آسی اکہٕ سیاسی منشورکی تہٕ تطبیکی پیداوار۔ کردار آسی کینژن تصورن ہندی آکار یا علامتی اظہار یم تصور افسانہٕ نگارن ہٕرِ ہمتی آسی تہٕ اوٚکنہِ اوسُے نہٕ۔ یِمن کردارن ہِنزُ کانہہ داخلی وجود صرف آسی بے زو کھٹھ یا اکاینی۔ ترقی پسندی دیُت کاشرِس افسانس زبانی ہُند ہاوُن بل ورتاونک

موقعہ ضرورت لکہ ڈلیلہ تہ پادشاہ کتھ ہندی فرضی کردار ترأوتھ أندی کنھ زنہ زوٗبنیہ تھے پأٹھی
علامتی یتھ پأٹھی پرانہ لکہ ڈلیلہ منز راز، رأنی، وزیر، جن، پری، چالاکھ بٹہ، راتہ موغل
کاو، ہاپتھ، پوژھ لوو بیتر آسی۔ یم یتھ کردارس اوس علامتی معنے ہگ اہمیارئیس نسل
بہ نسل منتقل اوس سپدان۔ یتھے پأٹھی آسہ ترقی پسندی ہند ذأل دار، موقدم، گرٕیوٗس
موزور، ملیسہ وول، پٹھوأری، غلہ دار بیتر افسانہ نگار ہند ذأتی فرض کری منہ وجوٗد
یم تس طے شدہ نتیجس تام واتناوان آسی۔

جدیدیت آیہ کأشرس افسانس منز ۱۹۶۵ء پیٹھ پیٹھ ساٹھو افسانہ نگار و پلاٹ،
کردار، نقطئے نظر تہ زبان نیٚنس ذأتی تجربس تابع ورتاوہ تہ باپتھ نوٚی نوٚی تجربہ کری۔ فکر
بدلہ آو فنس پیٹھ زور دنہ۔ منشور تہ جماعتی عقیدہ ترأوتھ آیہ لمحأتی تہ داخلی پیرن
اہمیت دنہ۔ ترقی پسند آسہ زانان زِ افسانک پلاٹ گرتھ تھئین اختراع کری تین
واقعن اَغلب پأٹھی ترتیب وار ہاوُن یم واقعہ افسانہ نگار سماجکس حقیقی صورتحالس
نظرِ تل تھوٚوتھ کنہ اکس طبقس حمایت کرنہ باپتھ ترازان اوس۔ افسانہ نگار سند فن اوس
أتھی منز زِ سُہ کتھ حدس تام ہیکہ ہے پرن والی منز پرژھ زیتھ۔ سہ اوس لہذا زندگیہ پیٹھ
پلنہ ترتیبہ لاگو کران۔ جدید افسانہ نگارن کوٗر گوڈنیتھے ترتیب وار پلاٹس انکار تکیازِ
ترتیب وار قصہ چھیی نہ کنہ اصل زندگیہ منز۔ یہ یتھ زِ نہ چھنے زندگیہ منز۔ ترتیب نا انداز
پأٹھی بدلان روزان۔ واقعن ہند اصل زمأنی تواتر آو کردارن سند ذہنی زمأنی تواتر
زانہ۔ خارجی زندگیہ منز موجوٗد علت تہ معلوٗلک رشتہ آو نہ منظر اونہ۔ مگر یہ رشتہ
چھنہ سیٹھ سیوٗد نہ درمیان چھ اکھ ترییم چیز یتھ انسانہ سند شعور وننہ یس روأیتی
ڈلیلہ گوٚر تہ ترقی پسند افسانہ نگار منظر اوان اوس۔ جدید یوٚزون زِ یہ رشتہ چھ:
علت ← شعور ← معلول اگر یہ رشتہ صرف علت تہ معلولس درمیانے روزِ
سُہ چھ خالی طبعی دنہنک رشتہ۔ مثلاً پیالہ پیوٚو واٹھ منز۔ وَسی تہ پھٹ۔ مگر پیالہ

انسأنی دُنیچ کتھ آسہ اَتھ منز چھُ سہ کردار زیادٕ اہم یمیُک ہندِس اَتھس منز پیالہ اوس تہٕ افسانہٕ نگارٕ سُند موضوٗع گرٛشھِ سُے آسُن زِ تَس کیاہ سپُد تیمِتھ زِ سُہ ونیس لیوو، بانبر لیوو، خوش گوٚو یا حأران گوٚو تہٕ یہ زانُنہٕ باپتھ چھُ افسانہٕ نگارَس ہر جایہٕ ہر آگاہ بٔنتھ کردارٕ سٕندِس شعوٗرَس منز وَسُن پیوان۔

پنڈت رامہٕ ژٕندرن دیُت گرگر داماہ تہٕ ووٚنُن: "یہ ژاس صحبَس مُبارکس۔ صحب اوس ہوٚنہٕ نِش بہتھ۔ میم صحب تہٕ آس اَتی۔ ہوٚنہٕ بوٚکٕٹ آسہٕ ژور۔۔۔۔ یم آسہٕ ہوٚنہٕ کِمَن ستِ کھونکھن لاگِ لاگِ دوٚدٕ چوان تہٕ تُم زِ بارٕ آسہٕ اُسان۔ مےٚ کوٚر مَکھ مُبارک"۔ پنڈت رامہٕ ژٕندرٕن کرٕ اُسہٕ ہنا۔ تماگی دامہٕ ہنا چینَس تہٕ ووٚنُن:

"صحبَن تراوٕ تم اَسہ وٕنہٕ ہوٚنجہٕ بجٕھس کُن نظراہ، زَنہٕ کیاہ تمام حأرتھاہ لوٚبہٕ مُت اوسُن۔ مےٚ ووٚنُمَس ہُلِ، محض ہُلِ، صحب اکھ بوٚکٕٹ ہناہ دِژوٚن میٚنہٕ۔۔۔۔۔

(اختر محی الدّین: پرالب)

چونکہِ کردارٕ ہٕندِس شعوٗرَس تام رسأیی چھےٚ دشوار تہٕ شعوٗر چھُ نراکارٕ تہٕ بےترتیب یادن احساساتَن تہٕ خیالَن ہُند گنٛر، اَتھ کانٛہہ ترتیھ ترتیب دِنی زِ یہ بنہٕ افسانہٕ یتھ منز اکھ واقعہٕ آسہٕ، بنیوو اکھ اہم جمالیأتی مسلہٕ۔ جدید افسانہٕ نگارن کوٚر یہ مسلہٕ حل کرنہٕ باپتھ متوازی تمثیلَن تہٕ تلمیحَن ہُند استعمال۔ یَدس زمانہٕ کِس ذہنی صوٗرتحالس مقابلہٕ یا اَتھ متوازی گژھ ریمتہٕ زمانُک کانٛہہ توأریخی، داستانوی یا فرضی واقعہ بیان کرنہٕ ستِ آو عصری یٕزرن ہُند صوٗرتِ حال زانُنہٕ تہٕ بےترتیب تہٕ نراکار تجربس آیہٕ ترتیب دِنہٕ۔ کردار تہٕ اَندٕ کٕنِھ چیز بنےٚ یہ علامژ۔ مقصد بنیوو افسانہٕ نگارٕ سٕندِ ین تصوٗر پیش کرُن یا تجربس

متعلق پنٕنۍ ردِعمل ظاہر کرٕن ۔ اختر نہٕ افسانہٕ "ژٕرے چھکھ ژٕرے چھکھ"، 'ارتقا'، 'مُتۍ کتھ'
یا ہردے کول بھارتی ہندۍ افسانہٕ، 'ہمزاد'، 'شرٕز'، 'آخری سبق'، 'مےٚ چھُ بینڈ ورایہٕ ہند
انتظار'، بیترِ، فاروق مسعودی ہندۍ 'من تہٕ پوٗن'، 'کوہِ قاف پیٹھ پری'، 'جن تہٕ ہیرو'
بیترِ اوتارہ کرشن رہبرنۍ، 'نروان'، 'ییلہ پرد وۄتھ'، رتن لال شانتنۍ، 'یخ'، 'ژھایہٕ گتۍ'، تہٕ
ترکونجل بیترِ تہٕ بییہ کتیٚ افسانہٕ آیہ امۍ انداز لیکھنہٕ یمَو علامتی، تجریدی یا استعاراتی اسلوب
دیوٚد کوٚرتہٕ کاشر افسانہٕ کوٚرُکھ روایتی ولیلہٕ ہندِ غلبہٕ تلہٕ آزاد ۔ یمن افسانن ہندۍ عنواۓ
ہاوان زِ یم افسانہٕ چھِ دوہ دِنچہٕ معروف زندگیہ لنٕہ ڈلِتھ تخیلی زندگیہ ستۍ تعلق تھاوان
یتھ منز تخیلک پرتھ کانہہ عنصر کرداران ہنز نفسیاتی تہٕ روٗحانی کشمکشہ چھِ پیش کران۔
یمن افسانن منز چھنہٕ کامیابی ہندِ دار مدار تجربہٕ کس قابلِ فہم آستس یا ربطس پیٹھ بلکہ عمل
بروٚنٹھ پکناوس پیٹھ، علاوٕ کیتھ موزوٗن فضا تیار کرنس پیٹھ تہٕ کردار سندِس مخصوص شناخت
اختیار کرنس پیٹھ۔

یہِ ژٕیہہ چھُ بس اَتی نس وۄٹھی گومُت ۔ توےٚ تہٕ چھِ کوٗرون
ہندِ نیٚر بردار سیاہ تیر لایان تہٕ نہٕ چھُ ابھیمنیو تھک
بوٚڈ تہٕ ووٚنی بییہ لایتھ تس موٗنہٕ گوٚڈ پھٹ آوتھ ختم کران۔
وۄتھی گومُت یہٕ ژٕیہہ چھُ عملہٕ تہٕ انجامس منز۔ یہٕ حقیقت
چھےٚ صرف میانہٕ کُم چہٕ لیہٕ تام محدوٗد، یتھ پاٹھۍ زن
محمد بن علی بن اسحاق ہندِ زوال بیٹک فریمس منز بند
روزتھ کلس الوند آسُن صرف میانہٕ کُم چہٕ لیہٕ منز حقیقتھ
چھےٚ، یوہے صرف میانِس تام محدوٗد چھےٚ.....

(ژکر ویہہ: ہردے کول بھارتی)

یُس امہِ قسمہٕ کس بیانس منز کانہہ منطقی انجام ژھارٕن ییٚنہٕ سہٕ گژھہِ نا وۄمید ۔

یوٗدوَے نثری جملہٕ سیٚدٕ سیٚود ووتھ واتھٕ سان عملہٕ برونٛھ پکناوان چھِ، مگر احساس یِہ یاد چھےٚ تھ پاٹھۍ بے تسلسُل، متواتر پاٹھۍ ہُران یِہ معنی سیٚتۍ برِتھ زِ پرَن وول چھُ مُسلسل احساس تھوان زِ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شیٚچھ انجام، بلکہ یِہ عمل چھےٚ پانےٚ پنُن مقصد یِہ پرِتھ کانہہ جُملہٕ چھُ واقعہٕ نبر کنِہ فکری حلقس منز معنی ژھاران۔ یہ چھُ افسانہٕ نگارُن فن زِ اَمہِ باوجوٗد چھُ افسانُک واقعاتی مزاج برقرار تھاوِنہٕ آمُت یِہ اگر کُنہِ کُنہِ افسانس منز واقع عملہٕ نِند نتیجہ روٗدتہٕ، سُہ افسانہٕ روٗد صرف خود کلامی تامہِ محدوٗد یِہ سوٗ یہ تَس راوی ہنز یُس سطحس پیٹھے پانہٕ افسانہٕ نگار چھُ۔ سوانحی عنصر چھُ افسانہٕ باپتھ لازمی مگر ییلہٕ سوانحی عنصر کُل عبارژ ہُند حاصل بنیوو، سُہ روٗد نہٕ افسانہٕ بلکہ ذاتی روٗداد، مثلاً علی محمد لونُن "شُنٛیہ" یا غلام نبی شاکرُن "آدم تہٕ حوا"، یا اختر محی الدینُن "ژے چھکھ ژے چھکھ"۔ یِمن تہٕ یِتھین وارِہین افسانن چھُ وکانہٕ یِہ گوٚمُت زِ افسانہٕ کِس واحد متکلم راوی ہنز شناخت چھےٚنہٕ کُنہِ مخصوص زمانی تہٕ مکانی فضہس منز ظاہرے سپدان یہ اگر اَمِس مرکزی کردارس کیٚنٛہ اکھ فرضی فضا دِنہٕ تہٕ چھُ آمُت، تتھ منز چھُنہٕ یتھ کانہہ تہٕ واقعہ یا وتش نظر گژھان یُس تَس کردارس شعوٗر وُزناوِتھ ہیٚکہِ ہے یِہ لہٰذا چھُ کردار منگہ یِہ منگہ ژ یِہ وُترِس بیٚہِر دِوان۔

> یِہ گوو یِہ ووٚنی زِ مےٚ ہیٚژن نظر موکلنہٕ۔ یِہ یِہ زِ مےٚ چھُ کیٚنہ
> بوزنہٕ یِوان یا کُنہِ کِہ آسنُک باس چھُم لگان۔ ہرگز یِہ مگر سُہ اَنہٕ
> گوٚٹ یِہ یُس کھوژناوَن وول اوس۔ یُس وتھ راوِراوَن
> وول اوس۔ کیاہ تام تہٕ بتر ہیو چھُم زِلبہٕ اپار چھُ کُتام، کیٚنہ
> کیاہ تام "یاہوٗ، ہاہوٗ" شاہ کھالان یِہ والان۔ اَما اَتھ
> لَبہٕ اپار کُنہِ کُس آسہِ یا کیاہ آسہِ؟ مےٚ ووٚن یِہ وُنہٕ چھُم اَنز..
> میانین اَچھن چھُ اَزتہٕ کرٕ ہنیارُک باس مگر ووٚنی چھُم اَتھ

کرٕنہیارس منز۔ سفیدٕک تہٕ احساس گنان تہٕ اُمی احساسَن
مورُس تہٕ کیاہ یَمہٕ پوراوسمہٕ کانہہ مُشر ......
(اختر محی الدّین: ژٕرے چھکھ ژٕرے چھکھ)

یَمہٕ بلاوجہ کتھ کرٕن وٲلس چھنہٕ جاے کانہہ تہٕ نہ چھُس زمانُک کانہہ۔ کانہہ مخصوص جاے رٕٹی تھٲوِتھ کردار مخصوص بنان یَیلہٕ سُہ جذبن، یادن، عقیدن تہٕ اخلٲقی قدرن سٕتی جورٕ تہٕ یتھ پٮ۪ٹھ پرزنتھ چھُ لبان۔ اَمہٕ ورٲے چھےٚ اکایِ تہٕ بےمکان فکری کردار سِہنز۔ تِہندِ کلٲمی ژھوٗرٕ ژٕ "فلسفہٕ" بنان۔ چونکہ افسانُک تعلق چھُ وجوٗدٕ دُنیہس سٕتی، یا اگر افسانہٕ خالص تجریدی تہٕ آسہٕ، تِتھ تہٕ چھُ ظاہرٕک باس پٲدٕ بوان کرٕن، کردار چھُ اَتھ متاثر کران تہٕ یہ چھُ تس مُتاثر کران۔ اگر یہ رشتہٕ رُژھہٕ کھنجہٕ بدلاوٕ، افسانہٕ چھُنہٕ کٕنی روزان یا چھُ نوٗدٕ مگر کم ۔ورافسانہٕ بنان۔

کٲشرِس جدید افسانس منز گیہٕ یہ غلط فہمی تمہٕ ساعتہٕ پٲدٕ یَیلہٕ افسانہٕ نگارو افسانُک بُنیٲدی واقعٲتی مزاژ منز ووتکیازِ تِم لگی خبر کیازِ سونچہٕ (شاید جدید نظم وُچھتھ) زِ واقعاتی آسُن چھُ افسانس ناولہٕ تہٕ شاعریہ مقابلہٕ کمتر صنف بناوان۔ ساٲنی افسانہٕ نگار لگی افسانُک پرتھ کانہہ جُملہٕ نظمہٕ ہِندی پٲٹھی استعارٲتی بناوِتھ تخلیقی بناونٕچ بے حاصل کوشش کرنہٕ تاکہ افسانس زانہٕ نہٕ کانہہ کم درجہ صنف۔ تِمن روٗدٕ نہٕ ظون زِ مشاعرن منز یتھ پٲٹھی واہ واہ چھُ میلان، تتھ پٲٹھی ہیکہٕ نہٕ (تہٕ نہ گژھہٕ) افسانس جُملہٕ جُملہٕ واہ واہ میلٕن۔ افسانٕچ کامیٲبی چھےٚ اکھ واقعٲتی نوعیتُک تجربہٕ پٮ۪ٹھ ندرتھ تہٕ تیٚہٕ ہِتھ مکمل پٲٹھی ظاہر کرنس منز۔ نہ زِ زبٲنی ہِندِس الفکٲری ورتاوس منز۔

جدید افسانن منز آو تمثیلہٕ تہٕ حکایژ ہُند وَل تہٕ پرتی پٲٹھی ورتاونہٕ۔ یِمن منز چھےٚ مرکزی اہمیت واقعس یُس مُناسب جایہ تہٕ زمانس منز۔ اغلب چھُ بناونہٕ یوان۔ "پھر" (ہری کرشن کول) افسانس منز چھُ کہن انگہٕ ہن کردارن ہُند وجوٗد اغلب

بناوِنہٕ خاطرٕ ترٛتھٕ اکھ بِتھ ہُند ماحول بناونہٕ آمُت یِیتہٕ یِم کِردار پننہِ اکہِ رٔنگکہِ پاژھو ناوٕ
ژھۄنتھ فطرٔژ ستہِ زٔلتھ خاموش پاٹھۍ لوب کُن لسان لسان چھِ۔

تِمن سارنے آسہِ اکی رٔنگکہِ زیٹھۍ پاژھو لاگتھ۔ تِمن چھُ
زاہنہٕ کالی ما آسہے یِمن پاژھن ہُند رنگ سفید، مگر
وۄنی اوس ئُر ہِ ییہ وادن ہندِ مٔلہٕ کِنۍ تِمن بدرنگ
پاژھن ہُند مۄلہٕ رنگ بدکڈن ناممکن بنیومُت۔
تِہنز بِتھ منز اوس اکھ آرٔ وسان۔ تِم آسہِ امی آرٕ
منز گادٕ رٹان۔ تِمن گاسس منز برزان تہٕ کھیوان۔
گاڈ آسہ بسیار تہٕ گاسہ اوس وفور، لہٰذا اوسُن نہٕ کانہہ
کانسہِ ہُند دُشمنے تہٕ نہٕ کانہہ کانسہِ ہند دوستے۔۔۔

ہری کرشن کول: پھر)

حالانکہ اَمہِ افسانُک فضا چھُ مکمل پاٹھۍ غار عقلی، مگر زَن افسانکۍ
فرضی کِردار تہٕ تِہنز زندگیہ ہندی عجیب واقعہ اغلب ہِنتھ ہیکن تہٕ اکہِ "پربل"
یا حکایژ ہُند مزاز تھِتھ برقرار روز۔ یُوتام تہٕ حکایژ مناسب فضا دِنہٕ ییہ، سو روز
قدیم حکایتھے تہٕ زِ افسانہٕ۔ "پربل" یا حکایتھ چھے تمام واقعن ہُند خلاصہ یا متن پیش
کران۔ ییلہِ زن افسانہٕ اکِس واقعس دیدمان بناونہٕ خاطرٕ صفہٕ واد بیانیہ دِوان چھُ
یِمہ ستۍ واقعہ اغلب باسہِ، کافکا تہٕ چھُ "پربل" ورتاوان مگر پربتھ واقعس ستۍ چھُ
معمولی معمولی چیزن ہُند دور یا نزدیک آسنس متعلق، تِہندِس رنگس تہٕ وِچھرس
تہٕ صورژ متعلق تہٕ تِمن ستۍ کِردارن ہندِس زوٚیس تہٕ وطیرس متعلق تفصیلہ سان لیکھان
امیک ضرورتھ چھنہٕ فقط اغلب بناونُک مقصد بلکہ کِردارن ہنز نفسیأتی حالت زانٕنۍ
تہٕ۔ استعاراتی طرح یُودوے حقیقی طرحس پیٹھ غایب کرنے آسہِ مگر پربتھ کانہہ حرکت

گرٚتھہِ ترٛتھ آہنٛ یِتھ منٛز افسانٕک واقعہٕ تمثیلی واقعس تل رٔٹہٕ۔ نٔتہٕ چھ پرٛن وول تمثیلی
واقعچ اہمیت سٕنان تہٕ افسانٕک واقعہٕ چھُنہٕ کانہہ اہمیتھے تھاوان:

نمرودس ییلہٕ اشتعال لوگ، تمہٕ تُل تہٕ چلوُون کان
اسمانس۔ دپان اسمانہٕ ووتھ خوُن تہٕ کرٕکھ گیہٕ "مود ہا!
مود ہا!" سُہ نمرود اوسُس بےییمہٕ کان لوے۔

(اختر محی الدین: ژٕ چھُکھ تہٕ چھکھ)

جدید افسانٕس ہیوٚچھ واریاہ کیہنہٕ جدید ناولہٕ نِشہٕ ییتھ منٛز تمثیلی واقعہٕ یا اساطیری
واقعہٕ حقیقی واقعن ہنٛز اہمیت ہیندی آہ چھ بنان مگر، انفرادی تجربہٕ ییُٚس کرٛدارس
زمانی تہٕ مکانی حلقس سٟتؠ گنڈتھ چھ تھاوان، آدہٕ منٛز اوہٕ۔ باضے چھ چیز تہٕ تہندی
معنوی حلقہٕ خارجی دُنیہس منز۔ لرٕ لوٚر آسنہٕ بجایہ کرٛدار سندس شعورس منٛزٕ لرٕ لوٚر آسان
مگر افسانہٕ نگارس چھےٚ تہنٛد فضاہ تہٕ تہٕ فضہس منز تہنٛز ترتیب تہٕ حقیقی انداز ییش
کرٛنی ہیوان۔ جیمز جوائس چھ یولیسز منز تیلی اساطیری حوالن کُن کرٛدار سندس شعورس
نوان ییلہٕ گوڈ بلوم، سٹیفن تہٕ مالی سُند واقعی اوند یوٚکھ یور پاٹھی تعمیر چھ سپدان۔ ناولہٕ
منز چھےٚ امہٕ قسمچ واریاہ گنجایش مگر افسانس منز چھ واقعہٕ اکوے آسان، حوالس چھ بہر حال
واقعی تفصیلن تابع روزن پیوان:

وٚنان وٚنان بیہِر تمہٕ بڑ احتیاط سان اَتھ منز کٕ جار
پٹشلس شیشہٕ میزس پیٹھ ڈٕیہ تہٕ امہٕ منز پیوٚ ولیوٚدر
کاژر رنگہٕ پنچ، زندہ پنچ۔ بیتہٕ وزِ آسہٕ اُمس زنگہٕ ہیوٚر
کُن گامت تہٕ ووٚدنی اوس سُہ پٹشلس شیشہٕ میزس پیٹھ
سیوُد گرٛتھنہٕ خاطر زنگہٕ موہس منز ژھرٕ ٹہٕ وان، یوٚز
تھر تل پٹشل شیشہٕ آسنہٕ موکھ.....

(ہردے کول بھارتی: آخری سبق)

پلاٹ کِس صحیح ورتاوَس منز تہٕ پوٚک کاشُر جدید افسانہٕ ترقی پسند دورکِس افسانس مُقابلہٕ وارِیاہ برونٹھ۔ چونکہ ترقی پسندن ٚنش اوس واقعہ خیالن تہٕ نظریَن یا معنیَن تابع تہٕ اَتھ آس نہٕ پنٕنی کانہہ اہمیت، لہٰذا آسہٕ نہٕ تم اَمِچہ عملی وحدژ کُن توجہہ دِوان۔ جدید افسانہٕ پریرنا دِوا افسانکی حد۔ اَتھ منز چھنہٕ ناولہٕ ہندی پاٹھی وارِیاہ پاسَل تہٕ بسیار سمتی پلاٹ ممکن۔ یِہ چھُ مخصوص فرد سِنز مخصوص زندگیہ ہندِس کُنہٕ اَکِس مخصوص تہٕ اہم واقعس۔ اَکی سے واقعس۔ پیٹھ مشتمل یتھ منز جان گیوو وحدتِ مکان تہٕ آسِہے تہٕ وحدت زمان تہٕ ــــ جدید یوٚکوٚر پلاٹس منز فنکارانہٕ ترتیبن ہُند استعمال۔ پلاٹ روٗد نہٕ وجوٗہی رشتن پیٹھ مشتمل واقعن منز ترتیب بلکہ کردار سِنز مخصوص ذہنی کیفیژ تابع واقعن ہنز ترتیب یتھ منز۔ واقعن درمیان رشتہٕ زمانی آسہٕ بجایہٕ جذباتی چھُ۔ یِیلہٕ پلاٹ کردارٕ سِنز نفسیاتی کیفیژ تہٕ شعورکس ارتعاشس تابع آسہٕ، اَتھ منز ہیکہٕ نہٕ روٚایتی اندازٕ سُٕ تھ پیرتھ ترتیب وار پلاٹ آسِتھ تہٕ نہ ہیکہٕ عبارت کُنہٕ مقرر انجامس کُن عملہٕ پکناوِتھ۔ گِہے تایتھ گِہے شہُل (اختر) چھُ راوی ہندِس بدلوٚنس جذباتی تہٕ احساساتی اَندری فضہس اندر ظاہر سپدان والین حالَن خارجی اَڈندِ یچھس منز تہٕ موسمہٕ کِس بدلوٚنس حالس سٟتی مُطابقت پادٕ کرِتھ حرکتھ پادٕ کران یوسہ پلاٹچ کمی پوٗرٕ چھے کران۔ تِتھے پاٹھی چھُ "روتُل" (اختر) افسانس منز پلاٹک مُتبادل تالوس پیٹھ اَکہِہ مُری ھیچہٕ سٟتی بنیومُت یِس نٕ دول ذہنی ارتعاشُک سبب بنِتھ اصل زمانس تہٕ فکشنل زمانس میُل کرنہٕ سٟتی بنان۔

تِتھی تہٕ آیہٕ وارِیاہ افسانہٕ لیکھنہٕ یمَن منز پرانہٕ افسانکی پاٹھی ترتیب وار پلاٹ چھُ۔ یمَن منز افسانہٕ نگارو واقعن منز ربط پادٕ کرنہٕ موکھ ساختُک پوٗرٕ پوٗرٕ خیال تھوٚو۔ ساختس منز چھِ کردارن تہٕ واقعن ہنز بیش کاریہٕ منز مختلف حرکژن، اشارن وٕنتین، مکالمن تہٕ بیانہٕن ہُند تکرار تہٕ ہشر یموٚ سٟتی کردارن ہُند باہمی رشتہٕ، تِہند

سماجی حال، کلچرل سوٗتھر تہٕ ذہنی صورتِ حال یا فکری مرتبہ ظاہر چھُ سپدان ۔
ہری کرشن کولنس "شمشان وارٕ آگ" افسانس منز چھ سماجکہ اکہ مخصوص طبقکی
کردار اکی واقعچہ عملہٕ منز شامل گرٛھان ۔ پیڈرٕ رٕنہٕ ماجہ ہُند مرُن چھُ ٹارزن، ڈاکٹر
سیٹھ تہٕ پہلوانس گرٕ بیٹھ شمشانس تام سفرس منز آوران ۔ مگر ہری کرشن چھُ واقعہٕ
دلچسپیہ یا اُمہٕ کسِ نورس یا اُمہٕ کسِ المیہ یا ہزیہ آسنس پیٹھ شعوری زور دِنہٕ بجایہ
کردارن ہنزن حرکژن، کتھن، تہندین طورطریقن کُن پھرِ پھرِ اشارٕ کرِتھ اکھ
واقعس منز تہند وطیرٕ ہاوان تہٕ تم چھ پننہٕ درٕون کیو بیرٕون ہیتھ ووتلان ۔ امین
کامل چھُ "سوال چھُ کلُک" افسانس منز اکِس افسرس تہٕ راوٕ یس درمیان گفتگوہس ستی
گژھ ریمتہٕ واقعک ماجرا دِنہٕ بجایہ قونوٗن پرس 'بے حِس تہٕ بے رُوح افسرن ہُند
ڈطیرٕ ظاہر کران یُس یہٕ علامتی اہمیت تہٕ اختیار چھُ کران ۔ مگر باربط تہٕ شیرازہ بند
پلاٹ آسنہٕ تہٕ چھُ یہٕ افسانہ پرانہٕ افسانہٕ نشہٕ مختلف تکیازِ امچ شعوری ساخت
چھےنہٕ کُنہِ خارجی مقصدس یا مُدعاہس تابع ۔ شنکر رینہٕ سُند سو ساری افسانہٕ چھِ
اُمی اعتبارٕ جُدا گانہٕ مقام تھاوان تکیازِ یمن منز چھےنہٕ پلاٹ تہٕ ساخت کُنہِ مقررٕ
خیالس یا نظریہس تابین بلکہ دگ تہٕ دٕوکھ ٹُٹن والین ہندس کرس تابین یتھ کانہٕ
انجام دِنُن سراسر فضول چھُ ۔ شنکر رینہٕ ہن کوٚر کردار اتفاقی تہٕ ہنگامی نوعیت
کیو واقعو نشہٕ آزاد تہٕ اُسی چھےنہٕ سَنان زِ تس کیاہ بنہٕ یا تمی سندس لانس کیاہ چھُ
لیکھتھ، بلکہ سُہ کیاہ چھُ تہٕ تس تہٕ تسندس ماحولس درمیان کیاہ رشتہٕ چھُ ۔

عمن تہٕ درٕ نظر ۔ یوہٕ اوس ساری سے ژنہٕ تہٕ سوٗر
وُہرا اُوتھ تہٕ سے منزس اوس شاہ تلہٕ کُل یوٚہے وَدان
ہیوٗ ۔ تتھ اوس پنٕ چھینومت تہٕ ٹھوٗنٹھ آسس
ژنٕ دراہتی تہٕ سُہ اوس یوٚہے ژنڈ ہیوٗ باسان ۔ عمس

باسیوو سۍ یوٚہے اَڈ ہٕ جہِ کھنگر ہیو۔ زن یہِ اوس
سُلامہٕ نیتھ نوٚنے نیرِ ہوٚت ووٗدنی تٔمی دِژ یکدم سُلامس
کُن نظر۔ سُہ اوس بسترس بیٹھ خر ہیو پیومُت تہٕ تس
آسہٕ وَچھ کانٔی نہٕ دزاہتی۔

(دوٗنی کٔہنز، وچھنے واری)

جدید افسانس منز یوٚدوے کردار خارجی واقعہٕ جبرِ نہٕ تہٕ ہنگامہٕ نِشہٕ آزاد
چھُ، مگر یہِ چھُنہٕ افسانہٕ نگارٕ سندِ شعوری حلقہٕ نِشہٕ آزاد تیمہٕ کِنۍ یمن افسانن ہندی اکثر
کردار علامتی یا استعاراتی اہمیتھ چھِ رٹان۔ یمن چھنے بنیٛہ انفرادی حیثیت ترٛاوِتھ
اکہٕ نہٕ تہٕ بیٛیہِ تصورچ۔ خیالچ یا قدرِ ہنز ترجمانی کرٕنچ ترٛاے۔ ہردے کول بھارتی،
فاروق مسعودی، گلشن مجید تہٕ اوتار کرشن رہبرنی اکثر کردار چھِ علامتی تہٕ استعاراتی
نوعیتکی۔ تِتھے پاٹھی چھ اختر محی الدینن تِم افسانہٕ تہٕ علامتی یِم تٔمی اَکہ دورس منز لیکھی۔
زبان آیہٕ ترٛتھ ورتاونہٕ یتھ پٔتہٕ کِنہٕ افسانہٕ نگارٕ سُند فنی ورتاو تہٕ تٔمی سنز ہُنر چھنے۔
البتہ یہِ چھُنہٕ تتھ پاٹھی مأہرانہٕ یتھ پاٹھی ترقی پسندن ہنز زبان آسہٕ زٕ لفظن ہند علامتی
معنی اوس بروٚنٹھے ٹھے۔ جدید افسانہٕ کیٚن کردارن ہند علامتی معنی چھُ ناقابلِ قیاس
تہٕ افسانہٕ چھُ کلہم پاٹھی بیٚنہٕ ساختہٕ ذریعہ اَتھ پانٔے واضح کران۔ کردارن ہندی پیٚنہٕ
مکالمہٕ تہٕ ہیکن تِمن علامتی سوٚتھرس بیٹھ اَنتھ تہٕ تِمن متعلق لیکھن والی سُند بیانیہٕ تہٕ۔

پرٛتھ کرٕہ زٕ لو، سے آیہٕ دوہہِ تایہٕ ہندس تارکھ بوزنہٕ۔
بنیٛہ بوٗزم کرکھ۔ بیٛیہ آسہٕ واریاہ ژٔنی دوران۔ بہٕ بروٚنٹھ
بروٚنٹھ تِم پتہٕ پتہٕ۔ تایُس منز دوٗرن اوس خوش کران۔
ساری تھکی مگر بہٕ تہٕ ۔۔۔۔ بہٕ ووتُس دوران دوران
توٚتہٕ یتیتھ محمد سُلطان اوس ہوٚنس ستِ کلامہٕ کران۔۔۔

(اختر محی الدین : ستہ کتھ)

نٔ، ـــ ماجِ وونُس۔ شاید سپز سو بے گوناہ قتل۔ ژٕنے
چھُنہٕ یاد زٕ، اَز کٕ دوہ اُسس بہ اکھ موج بٔھنہٕ پیمژ،
تہٕ اَزِ چھُ کینژٕ وٕرِ ژھوپہٕ ژٕ بے ستی سون سورُے
خاندان مَرن وول۔

(فاروق مسعودی : مَن تہٕ پوَن)

امین کامل، بنسی نِردوش تہٕ رتن لال شانتن لیکھ جدیدیت کِس دورس منز
تہٕ ضابطہٕ بند پلاٹ والی، غار علامتی تہٕ حقیقت پسند افسانہٕ، مگر کردارن ہُند اوند پوکھ
تہٕ تہندی جبلی تہٕ جذباتی منشہٕ پرزناوِتھ۔ "آہ" (امین کامل) "پھانکھ" (امین کامل)۔
"ژٕ کونجل" بنٕ پنُن پگہ (رتن لال شانت) "ہتک" (اختر محی الدین) اکھ صاب
بیاکھ صاب (ہری کرشن کول) بیتر، مگر یمن افسانن ہند ٹاکار دیُت چھُ غار سیاسی
غار نظریاتی تہٕ یہِ چھُ عام زندگیہ اندر اَزٕ نی موجود طربیہ تہٕ حزنیہ عنصرن ہُند اژھین
میُل محسوس کرنہٕ تہٕ کرناوِنہٕ کہ غرضہٕ یادٕ آمُت کرنہٕ۔ افسانہٕ نگار چھُ امہِ باپتھ فرضی مگر
اغلب ماحول تیار کران، مناسب کردار تھران تہٕ پننہٕ معنوی غرضہٕ واقعن ترتیب
دوان۔ پرَن وول چھُ لیکھن والی ستر ہُنرٕ تہٕ مہارژِ ہند دخل آسان یاتھٕ پرزناوان۔
مثلاً کامل چھُ اکہِ پرانہِ لکہ کہاوژِ ہنز بُنیادِ پیٹھ 'کفنہٕ ژور'، افسانک باف تہٕ ساخت
تیار کران۔ جایہ جایہ کردارن ناوٕ تہٕ پرزنتھ دِوان تہٕ اُسی چھِ کہاوژِ ہند مفہومہٕ تہٕ مدعا
بدلہٕ تمن کردارن تہٕ واقعن ہند آسنس تہٕ تمن منز۔ یاد سپدن واجنین حرکژن
کُن متوجہ سپدان تہٕ تمن ہند لطف تُلان، یم اکہِ پرانہ کامہ کنہ بسکینن یہ باور چھہ
کرناوان زِ پرٕزون کفنہٕ ژور اوس غنیمتھ تکیازِ سہٕ اوس تہٕ تارٕ تارٕ دفن کرنہٕ آمتین
موردن قبرو منز۔ کڈِتھ کفن ژورِ نتھ بے حرمتی کران یتھ پاٹھی زِ نوٕ کفنہٕ ژور چھُ۔

امی انداز چھ اختر نس 'ہتک' افسانس منز تہ کردارن تہ واقعن اختراع کرنچ ماہرانہ کوشش صاف پاٹھی نظر گژھان۔ زعلی پلہ چھ ملانے شاہ نہ مرنہ پتہ دکن تہ دولن لگان تہ لوکہ گرن منز پژھان تہ بڈان۔ پوشہ کنہ خاندانہ سند بدلہ اولادس پتہ اولاد دوان یم رنیتھ زاد چھہ بنان۔ پیلہ زن رحمان دانہ آشنہ تس وتھ ہاوتھ تہ ژھرے چھنہ روزان پیلہ علی پلہ مران چھ۔ رتن لال شانت تہ چھ ترکو تجل افسانس منز سہ پندرہ تہ رتنی درمیان بظاہر تکنی مگر در پردہ مجتیج شدتھ ہاوتہ خاطر موزون فضا، واقعہ تہ مکالمہ اتھ پاٹھی ہنز مندی سان تیار کران ز افسانک مدعا چھ پور گژھان۔

یتھین سارنے افسانن منز چھنہ کہانی افسانہ کمین باقی عنصرن پیٹھ غالب سپدان۔ یہ لیکھن والی ہندس ذہنس منز چھ ہر ساعتہ پرن والی ستہ ظون روزان ز تمہ ہنز دلچسپی گژھہ برقرار روزنی یا ہرنی۔ پرن والی ہندین ذائقن تہ پسند یا ناپسند تابین روزنہ کنی چھنہ دلیل منز دار تہ دلچسپ بناونچ ہر ممکن کوشش کرنہ آمژ۔ نتیجہ چھ ہران زکردار چھنہ زندانسانن ہندی آکار پژاوان بلکہ چھ تتھے پاٹھی محض خیالن یا قدرن ہندی ناو بنان ییتھ پاٹھو پرانہ دلیلہ منز آسان آسی ۔۔۔ یہ اوس اکھ راژاہ، یہ اوس اکھ ژوراہ' یہ اوس اکھ چوراہ ..... بیتر مگر یم راز، ژور، ساد، سادمکار، چارکی آسی محض قدرن ہندی ناو' یمن اوس نہ پننہ داخلی وجود بلکہ آسی محض خول یا ٹھپا۔ کردار چھہ تیلہ انسان بنان پیلہ تم پننہ کنہ اندری تضاد تہ تمہ کس نتیجس منز یا دنیہ تس کنہ مسلہ منز دوتلن۔ تہنز زندگی چھنے اکھ مسلہ آسان نہ زکامہ ہانز تھ۔ یتھی افسانہ چھ محض کہانی یا دلیل روزان فکشن چھنہ بنان۔ فکشن چھ لمحاتی صورت حالس منز تہ ذہنی کیفیژن منز آوراوان پیلہ کردار عملہ منز ییتھ دتی ہند انتخاب کرنچ آزادی کامہ چھ لاگان۔ تہ آتی چھ پرن وول اکس یا بیس پاکس یا سمتس کن پننہ دلچسپی، ہمدردی یا نفرتھ پانس اندر محسوس کران۔ اختر'ن افسانہ 'ہتک' چھ دلچسپ تہ تہ ہم دار

تہٕ۔ مگر یہ چھِنہٕ افسانہٕ بنِتھ ہیوٚکمُت تِکیازِ علی پلہٕ، رحمان وانی آشینٛز تہٕ پوشہٕ کٕج چھ صرف ناو یا خیال یا تصوٚر، افسانہٕ نِگارن چھِنہٕ ہیہن انتخاب کرنچہٕ ذہنی یا نفسیاتی کشمکشہٕ منٛز کہنی تہٕ دلچسپی ہاوِمژ تہٕ تم چھ اَچھ دارِن ہنٛدی پاٹھی بے زوٚ۔ کشمکش چھے کُنہٕ خارجی یا داخلی تضاد ستی وۄتلان تہٕ، افسانہٕ نِگارس چھُ فضا، زبان تہٕ ضروٗری تفصیلاتَو ذریعہٕ یہ تضاد واضح کرُن تہٕ کردارُ سنٛد کاتھہ ذہنی یا جذباتی انتخاب اغلب بناوُن پیوان۔ ہتک، چھ اَتھ بر عکس ترِن ہیرن ہنز۔ دلیل کرٕنٕ تام لفظن منٛزے پاٹھ نوان، اختصارن چھ افسانُک معیار خراب کوٗرمُت تہٕ پرن والیُ سنٛد توجہ چھُ کُنہٕ اَکِس مرکزی تہٕ اہم واقعس پیٹھم کوٗز گرٕھنہٕ بجایہٕ بیپر واوُن پیٹھ چھکراونہٕ یوان۔ یہ طریقہٕ چھُ لکہ کہاوژن تہٕ جبن منٛز ورتاونہٕ یوان ـــــ یہ چھ اَکہٕ خوبصورت ناولہٕ ہنٛد خُلاصہ مگر افسانُک اختصار چھِنہٕ یہ زِ یہ کرِ ناولِ خُلاصہٕ زِ نگی پیش۔ مثلاً ’’وورنگ ہائیٹس‘‘ ناولہٕ لیکھو خوبصورت خُلاصہ تیتھ ونٕو نہٕ افسانہٕ۔ افسانُک اختصار چھ واقعک اختصار زِ یہ کرِ اَکِس مرکزی کردارِ سنٛز زندگیہ یا مخصوٗص لمحاتی کیفیت منعطف۔

یہ چھ پرٕ زِ ماپاسان یا چیخوف سنٛدی واریاہ افسانہٕ چھ وٕرِ یہ وادن ہنٛز۔ عملہٕ مختصر پاٹھی پیش کران مگر افسانہٕ پلاٹُک باف چھ بہر حال اَکوے واقعہ روزان ییٚس زمان تہٕ مکانکی مکمل تفصیل دِتھ تہٕ اَتھ منٛز۔ قاد مخصوص صوٗرتِ حالس منٛز۔ آدرس کردارس ہاوِتھ کلہُم زندگیہ تہٕ باضے باقین ہنٛز۔ زندگیہ تہٕ ارتکاز سان پیش چھُ کران۔ (پلاٹس متعلق ارسطو سنٛدی اصوٗل یوٗ دوے اکثر ڈرامہن منٛز۔ قایم چھِنہٕ مگر افسانہٕ خاطر چھ یم ناگزیر روزان)۔ اختر نس ’’پرالب‘‘ افسانس منٛز چھُ پلاٹُک سارِوے کھوتہٕ مناسب ورتاو۔ پیلہٕ زِ ن تمی سنٛدس ’’مدنوار تہٕ پدماتہٕ ہنٛز۔ لولہ کتھ‘‘ افسانس منٛز یہ مکمل پاٹھی منٛز اونہٕ چھُ آمُت۔

جدید دورکین اکثر افسانن ہنٛز۔ زبان رُوز معنی تہٕ مفہوٗمس تابع۔ جدید

افسانہ چھُنہٕ زبأنی بیٚنہٕ خود وۄپرأوی ہیٚتھ منز۔ ورتاوان ییتھ پأٹھۍ یہٕ عام گفتارس یا شعورچہِ رَو منز ظاہر چھ سپدان تکیازِ اَمیک بُنیأدی وٚسیلہٕ چھُ استعارٕ یا علامتھ۔ ییلہِ زِن زبأنی ہندِس فطری ورتاوس منز استعارأتی (مشابہتی طرز) تہٕ ضمیرأتی (ترادُفی طرز) شعوری کوشش روٚس دوٚنوے یکوٹہٕ کارفرما روزان چھ۔ خابن متعلق فرایڈ سُند بیان زِ ارتفاع تہٕ جایہٕ بدلی تہٕ چھےٚ خابَن ہُند باف بناوان تہٕ مشابہت تہٕ علامیت تہٕ، چھ زبأنی ہنْدِس نارمل تہٕ فطری ورتاوس تہٕ واضح کران۔ ارتفاع تہٕ جایہٕ بَدلی ہُند تعلق چھُ ضمیرس ستۍ، ییلہِ زَن مُشابہت تہٕ علامیت استعارس ستۍ تعلق چھ تھاوان۔ جدید افسانس اوٚ مشابہتی تہٕ علامتی طرز راس تکیازِ سَرِیل مُصوّری ہندی پأٹھۍ آیہٕ چیز بصری تہٕ لمسی خاصیژن منز بُنیأدی بیٚتھ ہشراوِنہٕ یا ہنراونہٕ۔ یہٕ چھُ ہومیوپیتھک یا تقلیدی جادِک پأٹھۍ معتیس وۄتلاوان۔ برونٹھ کنہِ چھُ اکھ چیز تہٕ مُراد چھُ بیاکھ چیز:

"یہِ کیاہ چھُ؟" تمہِ پرٛژھ۔ "زلری زال"۔ مےٚ وۄنمس۔
"بڈ جان چھُ"۔ سو ہیر لرٕ پھِرن دِتھ مےٚ کُن۔ "چانی خاطرٕ اوسُم وۄنمُت"۔ مےٚ وۄنمس تہٕ سو گیہ خوش۔ "ہُہ کیاہ چھُ؟" تمہِ ہوو دارِ طاقس کُن۔ "کیکٹس"۔ مےٚ دِتُس جواب۔ "تہِ کیاہ گووو؟" تمہِ پرٛژھ بییہِ۔ "ناگ منی"۔ مےٚ کٔر وضاحت، پوٚز تور تہٕ فکری۔

(ہردے کول بھارتی: ذاتُک معراج)

مشابہتی طرز آو باضتے شاعر یہ ہند اَنداز ورتاونہٕ۔ اَندی کھی چیز آیہٕ شخصاونہٕ تہٕ تمن لگی تھےٚ پأٹھۍ کتھ کرنہٕ ییتھ پأٹھۍ فیبلن منز کران چھ:

اَما مے گوو نٕ بیدار: مےٚ نے اوس زانہہ تہٕ سۄرُمت

یہ دوونی سران اوسُس۔ بہٕ ہے اکی آیہٕ اوسُس تہٕ
بنیومُت یہ بنُک ہٕ یہ گمانہٕ تہٕ کرِ ہا! مےٚ ہسا اسی اَنگس
اَنگس تہٕ نارِس نارِس مُشکنہٕ امبار شرِ پیہتی۔ تِکر ہٕنٛدی
سوہٕ بیکھ دادن اَس میانِس وجودس تھنبہ جارِ ج اَڈ رَن
کرِم شِہ تہٕ تمہٕ اَس مےٚ اندر تتھےٚ کُنہٕ جاے شیرِ مٕژ یتھ کُنہٕ
پرژھ واٲلی ہٕندِس روحس منٛز۔ خُداین بہٕ ہسا گوس خوفہٕ
نِشہٕ آزاد۔ تہٕ وُچھن والہٕ! یمہٕ ہسا کنہٕ ترٛو تھل یوٚنس
تہٕ اَتھ منٛز۔ نوٚرزِک مُشکدار، بچھ نظر گژھتےٚ، زاٲنِز یہ چھےٚ
بہٕ تہٕ مےٚ منٛز خارِ تہٕ لوٚرُت مُعجز۔

اختر محی الدین: ارتقا)

یِتھَن اَفسانَن منٛز چھُ ہمیشہ کلیتےٚ پادٕ گژھنک احتمال روزان، تِکیازِ
بیٚیرن ہٕنٛز خارجی مُشابہت چھےٚ رنگن، صوٚرژن تہٕ ہیٚژن تامے محدوٗد ییلہٕ زن
حقیقی تجربس منٛز بیٚیرن درمیان رشتہٕ خالے کُنہٕ ساعتہٕ سیدٕ سیوٗد مستقیمی تہٕ منطقی
آسان چھُ، بلکہ وارِہ، اتفاقی، تجمیعی تہٕ انشقاقی۔ لہذا چھُ انتخابہٕ بجایہ ترادفس
کام ہیچھ قلمہٕ ہندی پاٹھی موژاج بیوان پیش کرُن۔ ذہن چھُ اکی آیہٕ بے شمار لمحاتی احساس،
خیالن، جذبن، یادن تہٕ ارادن ہُنٛد مٔیل۔

پیتھمِن دوہن پنٛژہن ورین اندر بدلیوو ربطس تہٕ ترتیبہٕ متعلق
انسانہٕ سُنٛد سوچ پرتھ شعبس منٛز۔ ادبس منٛز تہٕ آوٚمُت متعلق نوٚ سر سونچنہٕ۔ روایتی
ذٔلیلہٕ ہُنٛد فرضی ربط تہٕ جدید ادبس منٛز اساطیر تہٕ پرٛژی ہنٛد ذٔیلہٕ پادٕ کرِہ تہٕ آمُت ربط
تہٕ آوشکہٕ چوٚ نظر وُچھنہٕ۔ خارجی حقیقت پسندی اَسہٕ تن یا نفسیاتی حقیقت پسندی
ہےٚ قی، طریقہٕ چھُ سنا ممکن تہٕ عملہٕ ہُنٛد منطقی یا معنوی انجام تہٕ چھُ افسانہٕ نگار سُنٛد

پَتھٕ مقرر کوٗرمُت انجام آسان، ییلہِ زَن اصل تجربہٕ محض اکھ تسلسُل چھُ ۔ بے شکل بے ترتیب
تہٕ بے ربط ـــــ یہِ سوچُن تراے آیہٕ کاَتھ ہِس افسانس منز۔ کُنہٕ ادبی یا فکری تحریکہِ
ہِندِس اثرس تَل یا بیٚیہِ کُنہٕ زبانٕ ہِندِس ادبس تقلید کرنہٕ ستۍ، بلکہ محض تحریکن، ادبی
روشن تہٕ نظریَن پیٹھ بَرٕتھ چھٹنہٕ ستۍ۔ یوٗدوے اَتھ نوٗ ترایہِ پتھ جدیدیت یا پوسٹ
ماڈرنزم ناو دِنٕچ کوٗشش چھےٚ کرنہٕ یِوان، مگر پزٕ چھُ یہِ زِ اَتھ چھُنہٕ کُنس پیٹھ تہٕ مجموعی
طور کُنہٕ تحریکہِ ہنز۔ یارٕ جمأژ حلقہ بندی ممکن ۔ تِکیازِ مختلف لیکھن وألۍ چھِ مختلف رۄیہِ
تھاوان تہٕ پریتھ کانٛہہ افسانہٕ چھُ بنٕنہٕ جایہِ منفرد تجربٕچ حیثیت تھاوان۔ یہِ چھُنہٕ کینٛہہ زِ
اُتھ کی ساری لیکھن وألۍ چھِ اَمی ترایہِ لیکھان یا اَتھ کیا چھِ امہِ ترایہِ ہندۍ افسانہٕ لیکھنہٕ
یِوان ۔ بلکہ اَزتہٕ چھِ کینٛہہ افسانہٕ روایتی حقیقت پسندی ہنز ترایہِ ہندۍ کینٛہہ افسانہٕ
جدیدیت ہچہِ ترایہِ ہندۍ لیکھنہٕ یِوان تہٕ کینٛہہ افسانہٕ چھِ برونٹھے ترقی پسندی تہٕ
جدیدیت کِس دورس منز تِتھۍ لیکھنہٕ آمتۍ یِم امہِ نوٗ ترایہِ ہندۍ چھِ یِیتھ ہیکن کُنہٕ ذکر
ہیٚکہٕ۔ یِمن افسانن منز چھےٚ بنیأدی خصوصیت یہِ زِ کردار چھِ تصورک یا قدرٕ ہند
مُتبأدل آسنہٕ بجایہِ حقیقی زِندٕ زُو انسان تہٕ تِمۍ سُند تجربہٕ (افسانک تجربہٕ) چھُ
استعارو تہٕ علامژو بجایہِ تس تہٕ تِمس اَندۍ لیکھۍ چیزن درمیان زمأنی عملہٕ تہٕ رد عملہٕ
ستۍ ظاہر سپدان تہٕ ہیت براوان تہٕ عمل چھُنہٕ ڈرامأیی گوڈٕ تہٕ اَند ہاونہٕ ورأیی، یِن
وألۍ سُند توجہ تأمین کرنہٕ ورأے حقیقژ ہُند تیٚتھ ادراک پیش کران یُس خألص نجی یا سوأنی چھُ۔
زمانہٕ چھُ کردارٕ سُند شعوٗرکہِ وسیلہ زمانہٕ کِس ادراکس منز پیش کرنہٕ یِوان نہٕ
زِ زمانہٕ نِتھ پیٹھ سوچنہٕ چھُ یِوان۔ تجربہٕ چھُنہٕ روزان شعوٗری کیفیژن ہُند گِنڈ بلکہ
پہنز۔ اَڈرن تِتھ پاٹھۍ زِ اکھ کیفیت ہیکون نہٕ بیٚیہِ کیفیژ نِشہٕ بوٚن کڈتھ۔ یہِ چھُ
یِمن کیفیژن ہُند بہاو شعوٗرٕچ رَو۔ جدیدیوکر اتھ ربطہٕ تنگ ترتیب دِنہٕ خاطرٕ
پرڈی یا اسطورن ستۍ متوازیت اَنہٕ ستۍ پأدٕ ییلہِ زَن نوٗ ترایہِ ہنز۔ حقیقت

نگاری اسطورن تہٕ استعارن ہنٛد موکھ نہٕ ورٲے برۄنہہ منظر بناوِتھ شعوری کیفیژن
پیش چھ کران ۔ اَمہِ کِس نتیجس منٛز گوو دلیلہِ ہنٛد غلبہٕ ختم تہٕ کیاز دلیلہِ ہنٛد دار مدار
چھُ زمانہٕ کِس مکانی تصورس پیٹھ ییمہِ کنہِ یہِ الگ الگ واقعن ہنٛز ہانکل چھ
باسان ۔ افسانہٕ نگارس چھُ دلیلہِ ہنٛدِ مدد ورٲے زمانہٕ حال بناوِتھ غار استعاراتی
انداز برونٛہہ کُن انُن ۔ اَتھ طرزس پیٹھ لیکھن والین چھ البتہٕ بوٚڈ مسلہٕ یہِ زِ تِم
پران زِ تم کتھ پاٹھی ہیکن بیانس دلچسپی برقرار تھٲوِتھ ییلہِ زن فردٕ سنٛدِ شعورکی
ارتعاش تہٕ اتھ منٛز پاد گومُت خلفشار صرف تمہِ سنٛدی خاطرٕ اہمیت چھُ تھوان ۔
نِکشن لیکھن وول چھ تمِس کنہٕ زمانی تہٕ مکانی دایرس منٛز اَتھ اژھن پاٹھی
اندری خود کلامی منٛز اوٚر تھوان تہٕ اتھ پیش کرنس منٛز ۔ چھُ سُہ یہِ فرض کران زِ
پرَن وول کرِ پرٛتھ زِ تس چھے کردارٕ سنٛد درونٕ آگہی ییمہِ کنہِ سُہ کنہٕ خارجی
دتشاولہِ ورٲے کردارٕ سنٛدِ شعورچ عمل پیش چھُ ہیکان کٔرِتھ ۔ یِتھ عبارژ چھے
اکثر طویل آسان ییمہِ کنہِ پرن وول اکثر پاٹھی کردارن یا تِہنزن ذہنی کیفیژن
ہِتی ہشر لبتھ بنہٕ تجربچ اہمیت دریافت کرنس منٛز ناکام چھُ گژھان لہاذا
خایف گژھان ۔ اَتھ مسلس چھُنہٕ اکوے حل بلکہ مختلف لیکھن والین نِش
مختلف بشرطیکہ سُہ آسہِ لیکھنہٕ وِزِ یہِ منشہٕ تھاوان زِ پرَن وول گژھِ تمہِ سنٛدِس
تجربس منٛز شریک یتھ منٛز تمہِ بنہٕ وجودچ اہمیت بُمہٕ چھے ۔

بہرحال روزگارٕ ہس افسانس منٛز تہٕ دوٚن روشن درمیان ترٲے
گرٲے، اکھ پاسہٕ استعاراتی، علامتی، تمثیلی، شعری، اساطیری تہٕ مصنفانہٕ روش،
بێیہٕ طرفہٕ حقیقی، ضمیراتی ترادفی، دید بدید آوری، نثری تہٕ قاریانہٕ روش ۔
دوشونی روشن منٛز آیہِ بھری بھری مقررٕ روشہِ نشہٕ گریز کرٕنکی تجربہٕ کرنہٕ ۔ کینہہ
محض تجربہٕ شوقہٕ تہٕ کینہہ بہتر ترسیل پراونہٕ موکھ دوشونی روشن منٛز ۔ رود کر

ناکام گژھنکی امکان۔ دراصل چھُنہٕ ادبس منز مستقیمی ارتقا ممکن ادبس منز چھنے
صرف داٮ۪رٕ بند پٮ۪ٹھ بردنہٕ حرکتھ ممکن، تکیازِ زبانہٕ ورأے چھُنہٕ اتھ بیٚیہ کانہہ وسیلہٕ۔
افسانہٕ نگارن چھنے لامحدوٗد تخلیقی صلاحیت حاصل مگر وسیلہٕ چھُسُے ساپہ بوٗد
وٚری پٔرون قصہ وَننک فن یتھ ہر دورس منز تازٕ کرنہٕ موکھ دِنہٕ چھنے یوان دِنہٕ
تہٕ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ چھ ورتاونہٕ یوان یتھ زندگیہ ہنز تخیلی بازیافت سہل بنہٕ۔

اَزِکس افسانس منز تہٕ چھ اَتھ صنفِ نوٚ اندازٕ ورتاونچ کوٗشش کرنہٕ
یوان یتھ زِ ترقی پسندی، جدیدیت بیٚیہ اجتماعی رُوشنوٗشتٕہ بیوٗن ترٛتھ باوتھ حاصل
سپدِ یوسہ صرف کُنہٕ مخصوص افسانہٕ خاطرٕ موزوٗن آسہ تہٕ یتھ نہٕ بدل یا اَتھ
یا بہتر یا اَتھ ورتاونچ گنجائش آسہ مگر یِلہٕ اَزِکین افسانن پیٹھ یکوٚنہٕ نظر تراوان
چھِ، کیٚہنہ اجتماعی رُوشہٕ تہٕ چھنے ضروٗر نظر گژھان۔

اَزِک افسانہٕ چھُ اکہ پاسہ قدیم قصہ گوٗیی ہندِس فنس ستی نا قدانہٕ
رُوٚیہ اختیار کٔرِتھ توٚر ژھارنچ کل تھاوان مگر بیٚیہ پاسہ چھُ قدیم قصہ گوٗیی ہنز
دلچسپی پرٛاونچ کوٗشش کران زِ اتھ منز گژھِ ٹھوس صوٗرتِ حالچ ترجمانی یتھ پیٹھ
نہٕ کُنہٕ غار فنی مقصدچ یا طرزچ آمیزِت آسہ۔ یہ چھُنہٕ سراسر نوٚو۔ (ادبس منز چھُنہٕ
کانہہ تہٕ تجربہٕ صرفین نوٚو ہکان آسِتھ) ۔ ہری کرشن کولُن تاپھ، یا شمشان واراگ،
ہردے کول بھارتی سُنٛد ہمزاد، اختر محی الدینُن "گۓ تاپھ گۓ شہُل"، یا 'پرالب' چھِ
واریاہ بروٚنہہ امہِ نوٚ اندازچ وَتھ ہاوان۔ از سپدِ یہ زِ یوٚہے اندازٕ چھُ اَزِک
نمایند اندازٕ۔ امہِ اندازچ امتیازی خصوٗصیت چھنے یہ زِ افسانہٕ نگارن چھُ
واقعہ سازی بُنیادی اہمیت دوان، نہٕ تشریح عبارژ تہٕ نہٕ موضوٗع چہ آفاقیژ،
بلکہ چھُ کردارس ہندِس مخصوص ذہنی، روٗحانی، اخلاقی یا نفسیاتی کیفیژ مرکزی
اہمیت دِتھ کانہہ تیٚتھ منظر برونٛہہ کُن انان یُس تمہِ کیفیژ ہند متبادل چھُ

بنان۔ معمولی کھوتہٕ معمولی چیز یا حرکژ تہٕ چھےٚ لیکھن وٲلی سٕندِس درٕپردٕ مدعاہس
تابع اہمیت اختیار کران، حالانکہ بظاہر چھُنہٕ یہٕ واقعس کُنہِ تہٕ طریقہٕ بروٚنٹھ پکناوٕنہٕ
خاطرٕ ضروٗری۔

یہٕ چھُ سہٕ طرز زِ پرٛن وٲلی سٕند ذہن چھ امہٕ کِس بیٚس منظرس منٛز موجوٗد تجربس
تفسیر کرنس منٛز پرٛیتھ قدمہٕ منٛز احمیت محسوٗس کران تکیاز امیُک اسلوٗب چھُ ناقابلِ
قیاس تہٕ عملہٕ ہٕند دوٚہ تھ واشر چھُ نہایت سوٚت۔ امہٕ رٔنگی چھ اَزیُک افسانہٕ تہٕ
جدید افسانس منٛز دیکھ زِ یہٕ چھُ انسانی تجربس پیشراونہٕ آمتس ترتیب وار پلاٹس
نفی کران۔ جدید افسانُک ابہام چھُ اضافی تکیاز پرٛن وول چھُ یہٕ وومید ہیٚتھ
اَتھ پھیرٕ دِ پھیرٕ پرٛان زِ دہ یہٕ ترتیبہٕ پھِر پرٛیتھ واتہٕ سہٕ اصل معنیس تام تکیاز علامژ
تہٕ تجرید چھےٚ تیار بہٕ تیار مسالہٕ یمن افسانہٕ نگار پینٛٹن یا آٹھ ورتاوان چھُ۔
مثلاً درویش، سفر، دروازٕ، ہانکل، پوش، مانٛجھ، کنٛز، بیتر یا پرانین اسطوٗرن تہٕ
داستانن ستۍ متواتریت تہٕ آس اَتھ منٛز رہبری کران۔ مگر ییلہٕ یم عنصر آسنہٕ
پرٛن وول چھُ افسانہٕ کِس بروٚنٹھ منظرس منٛزے آوٗر روزان یہٕ زن لیکھن وٲلی
سٕند مقصد آسان چھُ۔ استعاراتی تہٕ علامتی طرز چھ اکھ زٕ افسانہٕ لیکھی تھےٚ کھوٚ کھٕر
گژھان تہٕ پتہٕ چھ باقین ہٕند خاطرٕ کلیشے ورتاونہٕ یتھۍ موژان۔ مثلاً اردوٗہس
منٛز لیکھ انتظار حسینن آخری آدمی، ہم سفر، شہر افسوٗس، دیوار، ’’زرد کتا‘‘ کچھوے‘
بیتر داستانوی افسانہٕ۔ از اگر کانہہ یمنے افسانن ہٕنز علامژ ورتاوان چھُ، سہٕ چھُ
خالے کُنہِ ساعتہٕ یمن نۆوی معنے دِنس منٛز کامیاب گژھان۔

’’پس جدیدیت‘‘ یا پوسٹ ماڈرنزم، چھ از کل دُنیہچین مختلف
زبانن منٛز افسانہٕ نگارن تہٕ ناول نگارن تمام روایژ پھٕٹراونس منٛز اکھ لہر
بنتھ مقبوٗل سپدان۔ جوائیس تہٕ یوٗلیسز، ناولہٕ ہٕندی زیٛٹھ اَندری خود کلامی

ہنز عبارژ تہٕ سیموئیل بیکٹنہٕ ناولہٕ بیٚیہ اَمہٕ نوٕرژ حجانہٕ چھِ مقبولیژ ہندی
سبب تہٕ تنہٕ پتہٕ چھُ یہ سلسلہٕ جاری ۔ فکشنُک کانہہ عنصر چھُنہٕ سہٕ یتھ
منز نہٕ یمَو جدیدی انکار چھُ کران ۔ حتیٰ اکہ افسانہٕ کِس مَوادس منز یمُو انتخاب
ضرورت چھُ تھۄ تہٕ چھِ انکار یِوان کرنہٕ تہٕ نتیجہ چھُ نیران محض بے ہیت،
بے انتہا سلسلہٕ لفظن ہُند یمَن نہٕ پانہٕ وٕنی کانہہ ربط چھُ اُفسانہٕ کِس تسلسل
تہٕ چھُ انکار یِوان کرنہٕ تہٕ صفس پتہٕ چھِ لفظ مختلف ڈیزاینن منز لیکھنہٕ
یِوان تہٕ کتابِکس اتھ تگنگری ہندس فنَس تہٕ چھِ افسانُک ناو دنہٕ یِوان۔
یِمہٕ یوت نہٕ یمِس جدیدیکہٕ ناو چھِ تھَوِ افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ یِوان یم مختلف
مضمونو، افسانو تہٕ اخبارو منز ژٹنہٕ آمتیو اقتباسو سیتؠ عملی طور "بناونہٕ"
چھِ یِوان ۔ اَمہٕ قسمکیٚ بے مقصد تہٕ فن مخالف تجربہٕ کرنہٕ سیتؠ چھُ یمِس جدیدی
صرف یہ ہاوُن یژھان زِ ادبک چھُنہٕ ووٕنی دُنیہس کانہہ ضرورت۔
ییلہٕ نہٕ ادب اَدب روزی تہٕ تیلہٕ کیاہ مقصدے چھُ روایت شکنی یا
اصوٗل شکنی ہُند۔

اُفسانہٕ چھُ فکشنچ اکھ پابند صنف مگر اَمِچ حد بندی چھُنہٕ باوژ منز
کانہہ رُکاوٹ بلکہ ناولہٕ مقابلہٕ سیٹھاہ مددگار۔ ناولہٕ ہند خاطرٕ چھِ پرن
والین ہُند تعداد دوہہ کھوتہٕ دوہ ژمان تہٕ اکِس مخصوص تہٕ محدوٗد
سپیشلسٹ طبقس تام محدوٗد سپدان (حالانکہ تشہیر باپتھ یمِس درجہ ناولہٕ
چھُ سہٕ چھُنہٕ بیٚیہ کُنہٕ ادبی صنفہٕ) مگر افسانہٕ کین پرن والین ہُند تعداد چھُ
مُسلسل ہُران ۔ رتی افسانہٕ چھِ باضے رسالن ہنز کامیابی ہندی اہم
سبب بنان تہٕ ٹیلی وِژن تہٕ فلمہٕ بناون والی چھِ رتین افسانن ہندس
تلاشس منز پریشان ۔ ایم ، ٹی ، وی ، تہٕ ماڈلنگ شو چھِ تمام تفریحی

ذریعہٕ ہنز جاے کھوان، مگر افسانس چھُنہٕ امہِ قسمُک کانٛہہ سنگین خطر
ہتکیاز۔ افسانہٕ چھُنہٕ پننہٕ اختصار کِنہٕ تہٕ اوٚک سمتی آسنہٕ کِنہٕ پرن والین
کیُت گوٚب بنان تہٕ اَتھ ہیتہٕ چھُ یہِ پرٛزرتہٕ اَمچہِ مقبولیژ ہُند ضامن زِ
حقیقی زندگیہِ ہندی اصل واقع چھِ ہمیشہِ مختصر تہٕ اوٚک سمتی آسان۔
افسانس چھےٚ پننہٕ حد پرٛزناوٕنۍ تہٕ تمہِ حدن منز تجربہٕ زیادہ
کھوتہٕ زیادٕ گنجایش لبنہٕ بدلوٕنہٕ زندگیہِ ہندین بدلوٕنین انسانی صورتِ
حالن ہنز پریتھ ممکن حدس تام ترجمانی کرٛنۍ تہٕ ترجمانی کرنس منز چھُ
اَتھ ہوٚبہوٚ نقل کرنہٕ بجایہِ لوٚب روزن تہٕ ہیتہٕ چھُس تہٕ انسانی تجربس
کانٛہہ ہنگ تہٕ منگ ترتیب پیش اوٚنِتھ کوشش کرنۍ۔ تجربہٕ ترجمانی
کرنس منز روزن پریتھ دورس منز مختلف لیکھن والین مختلف انداز۔
کانٛہہ تھاوِ پننین کردارن تھےٚ پاٹھۍ اَندۍ لیکھی چیزن درمیان متہٕ بند
مکانی احاطس منز یتھ پاٹھۍ تم حقیقی زندگیہِ منز پننہٕ گر، دفتر یا بازر
آسن یتھ زٕ تہندِ حقیقی لوکس تھہر۔ شناخت بنہٕ تہٕ کانٛہہ ہاوِ تمن بیکیٹ
ہندین ڈرامہن ہندی پاٹھۍ لوکسہٕ ورأے خالی جاینس منز تہٕ اگر کانٛہہ
چیز ہوٚتے آسِس، تتھ منز آسہٕ لیکھن والٕ سندی شعوری انتخاب یتھ زن
کردارس تہٕ تتھ چیزس تہٕ تمن چیزن درمیان رشتہٕ فینٹسی ہُند رشتہٕ آسہٕ
دوٚ شوٚبنی صورژن منز۔ چھُ افسانہٕ پرنگ تہٕ اَمیک حظ تُلنگ
دارمدار ساتس احساسس یتھ زٕ افسانس اندر موجود شخص چھُنہٕ پانہٕ
پھیران تھوران تہٕ بولان، بلکہ چھِ یم حقیقی انسانن ہندی رسم۔ بندفیب
ہمن اکھ غایب لیکھن وول پننہ منشہٕ تہٕ پننہ مخصوص مقصدن ناوان
تہٕ بولناوان چھُ۔ یہ چھُ زٕ کہِ سےٚ تفریح تہٕ سوے آگہی دِوان یُس پرن

کانٛہہ پاٹھؠ دِوان اوس۔ وُچھن والین اوس تفریح اَوکِنہِ میلان زِ تمن اوس پیٚے زِ سٹیجس پؠٹھ یِم مکھوٹ لاگِتھ ماگن چھِنہٕ پزٕ انسان، مگر کوتاہ پزٕ آسنُک فریب چھِ دِوان۔ مگر یتھ پاٹھؠ قدیم پاٹھؠ حقیقی پلو پوشاک لاگِنہٕ سِتۍ تفریح دِنس منٛز ناکام اوس گژھان تِتھے پاٹھؠ چھُ افسانہٕ تہٕ تاثُر دِنس منٛز ناکام گژھان اگر اَکھ کردار حقیقی کردار باسَن تہٕ فریبُک گژھہِ نہٕ گُمانے۔ قدیم پاٹھؠن ہنٛز کامیابی اَمِس یَتھ کتھِ منٛز زِ حقیقی کِردار ونیشہٕ صرِیحَن مختلف آسِتھ تہٕ آسِہ یِم حقیقی انسانو یا جانورو کھوتہٕ 'پزٕ' باسان۔ سٹیجس پؠٹھ اگر ژھاولِ اداکار سنٛدِ بدلہٕ پوز ژھاوٕل کھاریو تماشہٕ گیر ژلہن اَسناہ کرِتھ۔ دراصل چھُ استعارچہِ کامیابی ہُنٛد راز رلاوُنہٕ آمتین سیاقن ہنٛدِس تہٕ ترادفی طریقہٕ یکہ وٹہٕ کارفرما۔ حقیقت تہٕ فریب، پزر تہٕ فینٹسی لَرِ لور۔

اَز کِس افسانس منٛز تہٕ چھےٚ پرِتھ کُنہِ جزس منٛز کیہنہ خاصیژٕ معیٲری افسانچن خاصیژن سِتۍ مُطابقت تھاوان تہٕ کیہنہ خاصیژٕ محض تجربہ برائے تجربہ تہٕ وقتی۔ یہٕ سِلسِلہٕ روزِ ہمیشہٕ جٲری یتِس کالس انسانس حقیقژٕ نِشہٕ ژلِتھ حقیقژٕ ہنٛدِس تصورس منٛز سرورِ لبنٕچ کل روزِ، یتِس کالس انسانس زِنٛدہ روزنس سِتۍ پننہِ زندگیہِ فکشن چہِ صوٗرژ منٛز وُچھنُک شوق روزِ، یتِس کالس انسانس ازکالہٕ منٛز نیرِتھ پتھ کالچن یادن منٛز یا فرضی بییِٚس کالہٕ کین فریبن منٛز سکوٗن میلان روزِ۔ مُستند قالب تہٕ ہیٚرژٕ پھُٹراونٕچ عمل تہٕ روزِ جٲری تہٕ اَتھ عملہٕ منٛز روزِ بےٚ مقصد تجربن تہٕ پننہِ اہمیت تکیازِ یِم چھِ افسانہٕ لیکھن والین ہیٚرژن منٛز پادٕ سپنہٕ منٛز فرسودگیہِ ہُنٛد احساس دِوان۔

کانٛہہ افسانہٕ چھُ سیٚٹھے سوٗت رفتار سیٚتھ عالمی افسانس منٛز پادٕ سپدن والین رُجحانن سِتۍ ہمقدم تہٕ کُنہِ ہنٛز سیاسی تہٕ سماجی زندگیہِ نِشہٕ مُتاثر سپدان۔

کأشِرؠ چھِ اکِہ پاسہٕ انگریزؠ زبأنؠ ہنٛز مقبولیژ کنٛہ جدید کھوتہٕ جدید فکری رُوشن
بنٛشہِ یکدم مُتأثر سپدان تہٕ بێیہ پاسہٕ چھِ عالمی طاقتن ہنٛز سیاست کأرؠ ہندؠ شکار
آسنہٕ کنٛہ عالمی سطحس پیٹھ رونُما سپدن والین واقعن ہُند اثر قبوٗل کران۔ مگر بأتھن
درمیان بند آسنہٕ کنٛہ تہٕ صنعژ تہٕ ریل نہٕ آسنہٕ کنٛہ زندگیہِ ہنٛز تیز رفتار دوسہِ
دروسہِ بنٛشہِ بے خبر۔ اَوٕ کنٛہ چھِ أزؠ کس کأشرِس افسانس منٛز جدید تر فکرِ ہنٛز آمیزش
تہٕ تجربٕچ تازگی۔ مگر صنعژ تہٕ ریلِہ ہنٛز عدم موجوٗدگیہِ کنٛہ چھیٚہٕ اَتھ منٛز تجربٕچ کثرت
تہٕ رنگ بستگی۔

# افسانس ہنٛد عالمی معیار
# تہٕ کأشُر افسانہٕ

اختر محی الدین

زِندگی، زِنٛدٕ، زُکن، زاچھ تہٕ اکھ کلہٕ ۔ کلس منٛز کاڑ تہٕ کاڑن ہنٛد کھُس وزن تہٕ مولوم ــــ یہٕ گوو انسان مگر انسان چھُنہٕ یتے ٹُوت ۔ یہٕ چھُ اکھ دٕسی سوٗدٕر، یہٕ چھُ اکھ پھبنا منا، یہٕ چھُ پرتھ یکس منٛز اکھ اکھ کاینات ۔ یہٕ چھُ پرتھ تضاد کھ آگُر تہٕ تہٕ ملوٗن تہٕ ۔ یِچھ تمیک ابتدا یتھ نہٕ انتہا چھُ، یہٕ چھُ تمیک اِنتہا یتھ نہٕ ابتدا چھُ ۔ یہٕ چھُ حارٕتس منٛز تراون وول تخلیق تہٕ یہٕ چھُ حارٕتھ انگیز تخلیق کار ۔

افسانہٕ گو وکتھ وَننک سُہ طریقہٕ یتھ اکھ ابتدا آسہٕ، عوٗروٗج آسہٕ تہٕ اختتام آسہٕ ۔ اَتھ منٛز چھِ کردار تہٕ واقعاتھ اکھ اَکس مُرِکھ بنتھ مطابق اظہار تمہٕ طریقہٕ کرن یِرٕن وول چھُ حارٕتس گژھان ۔ یتھ کنہٕ زِنٛدگِس انسان وٕنٕو تیٔر یُتھ کُس گرونٕو یا وٕڑ ونٛس ہٕون وٕنٕو تتھے کنہٕ ہکو نہٕ پرتھ کنہٕ تخلیقس افسانہٕ وَنِتھ ۔ اکھ خاص ترتیبک بُنیادی ڈانچہٕ آسُن چھُ ضروٗری ۔

افسانہٕ چھُ نثر پارٕ ۔ افسانک بوڑ وصف چھُ اختصار، افسانس منٛز چھُ وحدتہٕ تاثر لازم تہٕ افسانس منٛز چھُ وحدتہٕ زمان و مکان شدتہٕ تاثر پاد کرنہٕ خاطرٕ ضروٗری ۔

خاص ترتیبک یہٕ بُنیادی ڈانچہٕ چھُ ازابتدا افسانس اکھ الگ صنفِ ادب بناوان تہٕ عالمی معیارس پیٹھ ییلہٕ اَسہِ افسانک تذکرٕ کران چھ اَسہِ چھُ گوڈے ذہنس منٛز یہٕ ڈانچہٕ لوان ۔

اَتھ بُنیادی ڈانچس ہُنکہٕ کانہہ فرق یتھ ۔ تکیازِ باتے ساری تخلیق ہنٛدی پاٹھ چھُ افسانہٕ تہٕ نیٔوتے دٕسی، تتھے پھبنا منا تہٕ تتھے حارٕتھ انگیز یتھ تخلیق کار یا نہٕ چھُ کردار ہُنکہٕ بالزاک سُنٛد مضحکہ خیز باپرٕ تہٕ آسِتھ، مولیساں سُنٛد ARCHITYPE نمایندٕ کردار تہٕ آسِتھ، سارتر سُنٛد DEGENERATE

تہٕ آسِتھ تہٕ ساداوُل بیلوٗسند علامتھ تہٕ آسِتھ۔ یِتھے کنٕز ہیکن واقعاتھ خارٕجی دُنیہِس منٛز رونما سپدِتھ یا
کردارٕ سندِس ذہنس منٛز یِتھ، کتھ ہیکہِ واقعاتن ہندِس تسلسلس ستۍ منسلک آسِتھ یا سونچہِ چہِ روانی ستۍ
مگر یِمن یاد ہیکہِ نہٕ ژھیہ ہلتھ، یِمی بٕنۍ یا ز انکار کوٚر تمی کوٚر افسانُک وجودس انکار۔ تہٕ یِتھ کوٚ افسانہٕ نگار
چھینہٕ وۄنی تام کانہہ تہٕ وۄتھمُت تہٕ نہٕ ہیکہِ وۄتھِتھ۔

یِموٚ عالمی افسانن اکھ معیار قایم کوٚر تمو ہوونہِ تخلیقی چینہٕ کمال اُتھ پابند صنفس منٛز تِتھو
حارتھ انگیز ایجاد کٔرِتھ زِ ازتہٕ چھہ تمہِ گاشرِ منار عام لوکن تخلیقی موجب فرحتھ عطا کران۔ بو کاشیو سُند
موضوع اوس سیکس مگر سیکس اوس نہٕ OBSESSION یِتھ کنٕز فرایڈ سندین پیروکارن ہندِ خاطرٕ بنیوو۔
دوٚن جوانن جِسمن ہند ملاپ اوس بوکاشیو سندِ خاطرٕ تِتھے سند لوٚن، شوٚبیوٚن تہٕ آسہٕ وۄن یِتھ تاپہٕ صحبس منٛز بلبل
سُند لوشنس ستۍ لولہٕ وۄن تہٕ باسہِ وۄن میل چھہ آسان۔ بالزاک سندِس سیکس ذدٕ پادرِس چھیہٕ ہادباد مذہبی
رضایے وٚرۍ تہٕ یہٕ رضایے چھہ بالزاک ژدیلہٕ مگر خوش کروٚنس شُرۍ سندی یاٹھٕ ہنگہٕ منگہٕ تھوٚدنوان ٹلِتھ۔
شُرۍ ہنٛز رذالتھ چھینہٕ کھران تکیاز ہمس ریش دراز تہٕ وظیفہٕ خان ہنٛز شیطنتھ ننگہٕ گرٛژھتھ چھہ وژھہِ
وانجہِ اسن کھنگالہٕ نیرِتھ ژلان۔ چیخوف سُند فلسفیانہٕ انداز چھہ انسان ہنٛزِ بلعجبی ہیٹھ گاہ تراوان۔
واقعاتھ چھہِ تِتھی یِتھی دہ ہدِش بنہٕ وُنی چھہ مگر اندس واتِتھ چھہ اکھ سۄن تہٕ PROFOUND تاثر پادٕ سپدان
یِتھ منٛز مانے ین ہندی سوٚدرگنیہ چھہ میکسم گورکی سُند آدم چھ یتھ دُنیا کاینا تس منٛز اکھ عظیم تخلیق، یِمی سندِ
ذہنہٕ زرٕ ذراتس گرٛژھِ تحیر سپدان، اتھ مقابلہ سارتر سُند کردار کامبلہٕ بیمار سماجس منٛز ذہنی مصیبتس لگان
تہٕ میانہ خراب آسنہٕ کنٕز چھس پاجامہٕ تام ناپاک سپدان۔ کانن ڈایل سُند برگیڈیر چھہ زلیوٚز باز نیپولین
آسنکہٕ دم دِوان مگر داند ٹھول چھہ تیوتھ کھوٚژان زِ زنانہٕ ڈلس تل چھپین جایہ لبان LADY
MACBETH OF MINSLA چھیہٕ قاتلہٕ ہنٛز مجرم ماشوق آسنہٕ باوجود سابربیا
جلاوطن گژھان گژھان تہٕ قتل کران، اتھ مقابلہ چھہ مارکھیم لوہے بٔنٛز پان پولیسس حوالہ کرناوان۔
GIFT OF MAGI چھہ پرِتھ دورِ تہٕ پرتھ انسانہٕ سندِ خاطرٕ افسانہٕ یتھ منٛز شوق تہٕ لاچاری
تیتھ اکھ ویہہ چھہ کران زِ انسان چھہ کوٚل گژھان' راوان، سونچان تہٕ خاموش سپدان۔ ساداوُل بیلو

یُسند کردار چھُ کُنہِ تہٕ شکلہِ منز علامژ پژھ تخلیق سپدتھ پننہِ وجوُد ک محض احساس دِوان تہٕ واقعاتھ چھ پارٕ دِکہ پاٹھۍ نظرِ گژھتھ تہٕ اتھہِ نہٕ لگوٚنۍ۔ مقصد کلام چھُ زِ عالمی معیارکِس افسانوی ادبس منز چھِ یہ سوے دُستھ۔ یہ چھُسے پھبنامینا، یہ چھُ تتھےکنۍ تضاد ک آگر تہٕ تہٕ ملوٚن تہٕ یتھہٕ کنۍ امیک تخلیق کار انسان چھُ۔ یہ چھُ حارٕ تہٕ منز وجوُدس آمٕت حارتھ۔

یہ زیرِ نظر تھاوِتھ یلہِ اسی کاشر افسانوی ادب وچھان چھِ، اسہِ چھِنہٕ ۔ ہرگز تہٕ چھنہٕ کانہہ ندامتھ سپدان یا کمتری ہُند کانہہ احساس وۄتلان۔ میٚہ چھنہٕ خبر زِ یہ چھُس یہ اکھ بوڈ دعوا کران مگر یتہٕ چھُم خبر زِ یہ چھُس پہ کانہہ ڈایل سُند بریگیڈیر۔ یہ چھُس کاشر افسانہٕ نگار یمس یہ مولوم چھُ زِ اگر یتھ ساری سے دورس منز اسی ساری کاشر افسانہٕ نگار محض اکے افسانہٕ تیُتھ تخلیق کرِ وۄتھ عظیم ہیکو ونتھ سے آسہ سانہٕ کامیابی ہُند معراج۔ میٚہ چھنہٕ پتاہ زِ کینژن عالمی پایہٕ کین نقادن ہُند گفت چھُ زِ یہ کینژھا کانہہ ادیب کُنہِ تہٕ سماجس منز کُنہِ تہٕ وقتہٕ لیکھتھ ہیکہِ ہا تہٕ چھُ آمُت لیکھنہٕ تہٕ وۄنی یِیہِ از کِس ادیبس صرف

ADAPTATION یا PLAGIARISE کرُن۔ مگر امہِ باوجود چھُس یہ پایہٕ تہٕ لیکھان تہٕ باتے ہمسفرن تہٕ چھُس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لیکھنُک مشورٕ دِوان۔ اَتھ چھِ کینہہ وجوُہاتھ یمن ہُند کم زیادٕ تفصیل یہ چھُ ــــــــ

(ا) انسان، پرٕ یتھ اکھ انسان چھُ بذاتہٕ خود اکھ کاینانھ، امہِ سندی تجربہٕ چھِ نِرل، اچھوت تہٕ نوۍ۔

(ب) ادیب چھُ زمان و مکانُک پابند تہٕ اتھی پابندی یہ منز چھُ امس کُنی سے زِنس الگ، بدوٚن تہٕ بیوٚن یکھتیارُس امس پننہِ خاطرٕ محض پننہِ خاطرٕ دِتہٕ ہاوُک چھُ۔

(ج) زندگیہٕ نِسبتھ چھُ پرٕ یتھ اکِس ہینٛ اکھ خاص نظریہٕ یتھہٕ ترتیب تہٕ وجوُد بخشنس منز سانہٕ برزو درینٛٹھ تہٕ ادرینٛٹھ، شوٚنکہِ تہٕ نشوٚنکہِ تحریکو حصہ نیوٚمُت چھُ۔ یوٚدوے ہردے کول بھارتی سارے ہیکہٕ نہٕ آسِتھ، سُہ ہیکہِ نہٕ بنسی نِردوش تہٕ آسِتھ۔ سارِنۍ لفزن چھُ ہینٛ ہینٛ تحریکہٕ آگر۔ ہینٛ ہینٛ ژہتر۔ یہ ہیکہِ نہٕ اکھ اکِس ہیوٚ زانہہ تہٕ ہیوٚ آسِتھ۔

(د) زِندگیہِ ہِندِس کتھ تأریفِس وِلوٗشبِقہٕ پوٗز تہٕ حتمی پوٗز زادِبَس متلق وِلوٗکنہِ اکِس تحریکِس، رُجحانس یا دورس حتمی تہٕ آخری۔ گورکی سُند عظیم شاہکار آدم تہٕ حقیقت، تہٕ کافکا سُند نِنہٕ تہٕ ہیبنہٕ آمُت کیوٗم تہٕ۔ مارکھیم تہٕ پٔزرتہٕ LADY MACBETH OF MINSZA تہٕ۔ یِمہٕ

دوہ ادبس آخری مقام بدٕکڈ ننگ بٔرم لگہِ تمہِ دوہہ آسہِ قیامتھ۔

تہٕ چونکہِ وُنہِ سپز نہٕ قیامتھ لیہاز چھِ وُنہِ تہِ اَسہِ پننیٚو تخلیقی صلاحیتو موجوب پننیٚن نِرل تجربن ہندِ اظہار کرنک وَق۔ ووں گووٕ یہِ کینژھا وَنیک تام گوٚو تتھ ہموٗ سام تکیازِ تی چھِ وُنی کٔس سون موضوع۔

کاشُر افسانچ سارِوے کھوتہٕ بٔڈ خأمی چھیہِ زِ اتھ منز چھنہٕ رنگارنگی۔ اَتھ چھنہٕ وُسعتھ، اَسہِ چھنہٕ کانہہ تامس مان لیس کردار تہٕ ماحول تأمیر کرنس منز نوزک کھوتہٕ نوزک جزیاتن تہٕ بروے کارانہٕ، اَسہِ منز گوو نہٕ وُنہِ کانہہ ہیمنگ وے پأدٕ یِمہٕ سُندی کردار دٕری، وُژھوار ڈھول کرنہٕ خأطرٕ تیار، مِنہٕ شوٗدی تہٕ مردانہٕ ولقار تھاون وأل چھِ، اَسہِ منز چھنہٕ وُنہِ تہِ کانہہ کامولیس اکِس ضأبِطہٕ بند فلسفہ دان ہِندی پأٹھی سماجس منز روٗحأنی بُحرانک نِبر کرِ۔ مگر اما یہِ چھا ضروٗری زِ اَسہِ منز گژھن یِتھی ادیب پأدٕ سپدنہٕ۔ یہِ چھنا حقیقتھ زِ یِمن ہِنکہِ ہا چین سے منز اکہِ خاص وقتہٕ پأدٕ سپدِتھ۔ منشی پریم چند ہِنکہِ ہانہٕ شمألی ہِندوستانس منز اکہِ خاص سماجی تحریکہٕ وَرأے زنہِ زنم لبِتھ۔ اگر نہٕ نیپولین روٗسس شکس آسہِ ہاد یمت، حکن چھِ دُنیہِ ہِنز عظیم ترین ناول، WAR & PEACE آسہِ ہانہٕ تخلیق سپز مژ۔

کاشُر افسانہٕ چھِ سارِیے خأمیہِ چھیہِ اتھ پنُن اکھ الگ تہٕ منفرد مقام عطا کران۔ سانہِ وطنچ جغرأفیأیی پوزیشن، سأنز توأریخ، سانہِ سماجچ خوصوٗصی ساخت تہٕ سانین تحریکن ہِنز کامیأبیہِ تہٕ ناکأمیہِ تہٕ اَمہِ علاوٕ تہِ سانیہِ بدنِچ وری ہِنز سأنز شوعورس منز تہٕ لاشوعورس منز زِندگی کرنہٕ چیز دوٚٹھ زِهانہٕ ـــــــ خبر چھا کأتیاہ چیز چھِ سأنس افسانہٕ نگارس رہبری یا گُمرأہی کران۔ خبر چھا اَہندِس تخلیقی شوعورس منز کیاہ کیاہ چھِ یہِ بیوٚن، الگ تہٕ UNIQUE چھُ، یہِ بسہِ اکھ ہیے لیوت چھُ

تہٕ بیٚنیہ کاٚنٛسہٕ ہیٚکہٕ نہٕ اٚسِتھ۔

اَما لاٗزِم چھِینہٕ اظہارچ ایماندارنہٕ تہٕ پُرخولوص تخلیقی باوتھ۔ یہِ باوتھ کرنَس منٛز کیتھ حدس تام چھُ کاشُر ادیب کامیاب سپُدمُت تہٕ یِزاَسہِ وۄن دِتھ ژھارُن۔ ممکن چھُ یہِ ژھارنس منٛز کرن اَسہِ کیٚنہٕ غارکاشُر ادیب تہٕ نقادتہِ اَتھہٕ رۄٹھ۔ لیٚہاذا دِمہٕ بہٕ تہندی حوالہٕ۔ چونکہ یِہِم حوالہٕ آسن میٚنہٕ پننین افسانن متلق میٚنہٕ گرٛنٛتھہٕ ماٗنی دِنٛ مطلب چھُم نہٕ پننٛ تاریف کرنٛ بلکہٕ (شاید) باقیٚین متلق پننہِ لاعلمی ہُند مظاہرکرُن۔ یُس شرمہٕ لایق چھُ، تایٚمن لایق نہٕ کینٛہہ۔

میٚنہٕ چھُنہٕ غرض کاشرِ افسانٛچ تواریخ بیان کرنٛ۔ مگر کیٚنہٕ جایہِ چھِینہٕ تواریخ بیان کرنٛچ ضۄرورتھ تہٕ بوان۔ یِمی صدی ہندِس گوڈنِس منٛز ییلہِ ہندستانٛز زبانن منٛز افسانہٕ لگاری چلیے جاو لوگ کاشرِس سماجس آے تِم ادیب حصہٕ یِمَن ہنٛزن تخلیقی جوٚین کاشرِ سماجکۍ سرآبیاری آسہٕ کران۔ یِم ساری ادیب آسۍ کٔشیرِ نیبرِ لاہورکۍ، بمبیہِ ہندکۍ دلہِ تہٕ الہٰ آبادکۍ۔ کٔشیرِ چھِینہٕ یِتھ کالہِ بیٚٹھ مشرقس منٛز لیجنڈکۍ پاٹھۍ مشہور۔ ییٚنکۍ ہونرمند تہٕ عالم فاضل آسۍ ساریٚے عالمس ویٚدکۍ مگر زمانہٕ بدلنس سۭتۍ ییلہِ کٔشیرِ ابتلا آو، یِم ہونرمند تہٕ عالم فاضل پیٚدکرنا بوٗد تہٕ کٔشیرِ نیبر رۄو صرف تھدین کوہن، سرسبز جنگلن، آبہٕ سرن تہٕ جوٚین ہُند پرۄپگنڈا۔ انسان گو وۄشتھ یا یہِ آو جنتس منٛز اکھ جہنم گار تصوٗرکرنہٕ۔

نیبرِ میو اُدیبو یوٚدوے تِم پُرخولوص تہٕ نیکھ نیتھ تہٕ آسۍ، ہیوٚک نہٕ کاشُر انسان مِجھتھ تہٕ نہٕ اوس تہٕ تہندِ خاطرٕ ممکن۔ تکیازِ تِمن ہندِس تخلیقی سربندس اوس نہٕ کاشرِ سماجُک پے وِزان۔ نتیجہٕ دراوٕ زِ تِمو دیت کٔشیرِ نِسبتھ اَتھۍ مضحکہ خیز پرۄپگنڈا ہس ادبی رنگ۔ کٔشیرِ ہندِس قدرتی حُسنس منٛز ہاوو تِمو اکھ غریب، مفلس، بیٚندیور، تہٕ نیکھیوٚب کردار لاچار تہٕ بے شۄعۄر تہٕ اَہنٛز حسین مگر اخلاق باختہ کوٗر۔ اکھ اوس نیبرِمس وزیٹر "بابوجی" یُس ٹھٹھہٕ کران تہٕ بیاکھ اٚس تہنٛز جنسی ضۄرورتھ پوٗرہٕ کرِتھ فخر محسوٗس کران۔

اما کٔشیرِ اٚس نہٕ یہِ۔ کاشُر اوس غولاٗمی ہندِس اَتھہٕ دورس منٛز تہٕ سیاسی، ادبی تہٕ سماجی تحریکن زِنٛم دِوان تہٕ سیاسی تہٕ تہذیبی غولاٗمی خلاف جدوجہد کران۔ ضۄرورتھ اوس یِمہٕ کیتھہٕ ہُند

زادبی آسمانس پیٹھ کھٔسِ اکھ نۆو تارکھ لیُس قطب نُماستارکی پاٹھی کٔشیرِ ہِندِ زِندِ سماجُک نیب دِیہ۔ لوٚہے تارکھ ٔبنیتھ دراو گوڈ پریم ناتھ پردیسی تہٕ ستی پریم ناتھ دریموٗ کاشُر افسانہٕ اورٕ دٕ جامہٕ وٚلتھ پیش کوٚر۔ یمن دۄشوٕنی ادیبن ہِندی کردار تہٕ کردارن ہُند سماجی ماحول، جدوجہد کرانمان، واقات بیترٕ آیہ کاشرِ یلِوت زیپہٕ سرِ زبان اٚس اورٕ دٕ آسنہٕ باوۆجوٗد تہٕ کاشرِ تکیازِ محاورٕ، تلمیحات بیترٕ آسی خاص کاشرِ زبانٕ ہندی اورٕ دٕ ترجمہٕ۔ یہند لو ادبی کارنامو ڈول توجہ لاہور، بمبیہ، دِلہ تہٕ الاآباد بیٹھ سری نگر کُن تہٕ پتہٕ پیلہٕ سہ ۱۹۵۱ء منز "پونڈرِچ" افسانہٕ عالمی افسانہٕ مقابلس منز اۆردۄوک دوٚیم بہترین افسانہٕ قرار دِنہٕ آو، غار کاشرین ادیبن رٲو کٔشیرِ نسبتھ "CREDIBILITY" ہمیشہ خاطرٕ۔ پونڈرِچ اوس نہ صرف "دریافتھ ایک نئے افسانہ نگاری اور افسانہ لکھنے کے نئے اندازکی" (افکار کراچی) بلکہ اوس یہ یمہٕ حقیقتک تہٕ اظہار زِ کاشرِ سماجکہ اقلیم ادبچ راز دٲرِ چھ سرینگر تہٕ بنیہٕ نہٕ کانہہ جاے۔

سرینگر کاشرِ ادبی تحریکہ ہند رازدٲری قرار سپدتھ ہُرِ لو ہندُستانکس رنگا برنگی ادبی چمنس اکھ نۆو گُل، یتھ رنگ، مشک، شکل تہٕ صورتھ بلکل بدٕن اٚس۔ یِوٚد وے کاشرِ زبانی منز ۱۹۵۴ء برونٹھے افسانہٕ لیکھنس فوٚر وجہ لوگمت اوس تہٕ سوم ناتھ زتشی، عزیز ہارون، نورمحمد روشن، دینا ناتھ نادم تہٕ حبیب کامران، اکھ پتہ اکھ بردنٹھ، ۱۹۴۸ء پیٹھے لیکھان آسی، مگر ۱۹۵۵ء اوس یمہٕ رنگہٕ خوش قسمتھ وۄری زِ اتھ وۄریس منز سپدی کاشرِ زبانی تمہ افسانہٕ نگار حاصل یہندی تخلیق سانہٕ ادبچ شوٚب بنیتھ واریاہس کالس کاروانچ وتہٕ ہُشاوان روٗدی۔

ہنار بتھ دِتھ یِز اَسہٕ لحظس اکس سوچن زِ اتھ دمس نام کیاہ کیاہ سپد حاصل۔

میانہٕ خیالہٕ پراۆدی یم کینہہ اہم منزل۔

(ا) کٔشیرِ ہندی لوٗکھ چھنہٕ محض لوکہٕ ہو جوم، بلکہ اکھ منضبط قوم یتھ پنٕنی پرمرا تہٕ کلچر چھ۔

(ب) کٔشیرِ ہندِ کلچر چھ زِندہ تہٕ متحرک تہٕ اتھ چھ اظہار کرِ پیمانہٕ الگ تہٕ پننی یم مذہبی تحریکو، سماجی ووتھ ژھانڈِ، سیاسی جدوجہدو تہٕ لسنہٕ بسنہٕ کیو خاص طریقو وۆجوٗدس اٚنی متر چھ۔

(ج) کاشرِ قومکہِ ثقافتی ووتھ بوٗک اَپینہٕ چھُ سرینگر، ییٚس سارنی قومی تحریکن ہُند آگر چھُ، نہ ز لاہور، بمبئی یا دلی۔

(د) کاشرِس منضبط تہٕ متحرک قومس چھیہٕ پننہِ آشہٕ تہٕ ووٚمید، پننۍ ارمان اَورزو، پننۍ جذبات تہٕ خیالاتھ پیش کرنہٕ خاطرٕ تہٕ پننۍ تخلیقی تجربہ باونہٕ باپتھ اکھ وسی، مکمل تہٕ مالدار زبان۔ یہ بہاے اکھ زبان ہیکہِ امہِ قومہِ ترجمان آستھ تہٕ بینیہ نہٕ کانہہ۔

۱۹۵۵ ؁ء برونٹھ یہ کینژھا افسانہٕ زٕنگ لیکھنہٕ آو۔ تہٕ زن آسہ تہٕ تخلیقی کارنامہٕ مگر یہ چھُ تمہِ کےٚ قائم تہٕ برکتھ ز ۱۹۵۵ ؁ء منز تہٕ اتھ اندرِ نیکھوٗیس تہٕ کاشُر افسانہٕ نگار پاٚدٕ سیٚپد تمو کور اعتماد حاصل گوڈ کالہٕ کہین اَدیبن نشی۔ گوڈٕ کال کیو اَدیبو ہوبہو ز کاشر زبانِ چھُ نثری تخلیقن ہُند بار و ہتراونگ ہترٕ تہٕ عماس منز۔ کردارن ہندِس زندگی کرنس منز چھُ سہٕ ڈرامایس ادبی تخلیقن ہُند روٗح بنتھ ہیکہٕ۔

۱۹۵۵ ؁ء منز تہٕ امہِ پتہٕ لیس اکھ کاروان افسانہٕ نگارن ہُند پاٚدٕ سیٚپد تہندی تخلیق چھ دراصل میانہٕ یتمہٕ مضمونک موضوع۔ میہٕ وونٔ گوڈے زِ افسانہٕ چھُ تیتھ اکھ صنفِ ادب یتھ پننۍ لوازم چھ تہٕ یم لوازم چھ ازٕ ابتدا پیٚٹھ جایہِ ملحوظ تھاونہٕ آمتی۔ یم لوازم چھ کاشرو افسانہٕ نگارو، ادہو تاج بیگم رینز، وٲسی تن، غلام نبی بابا، ہردے کول بھارتی، ہری کرشن کول یا شمس الدین شمیم اکسی تن تہٕ ملحوظ تھاوِی متی۔ تہٕ اتھ پابند صنفس منز یوس فنکارانہٕ تہٕ تخلیقی تقاضہ، اوسلوبس منز، بیانس منز، TREATMENT تہٕ APPROACH منز، ہیکہِ پاٚدٕ سپدِتھ سو چھیہٕ کاشرن انسانن منز تہٕ امیش کولٕن رنگ ہیکہٕ نہٕ زنہہ بنسی نردوشنِس رنگس یا فاروق مسعودی ہندِس رنگس سیتر CONFUSE سپدِتھ۔ رتن لال شانتن تہٕ ہری کرشن کولٕن رنگ چھُ اکھ اکس نشہٕ تیوتھ بدوٗن زِ آسہ ہیکو کھ یم افسانہٕ مصنف سُند ناو پرِنے بیٚون کڈتھ حالانکہ دوشوے چھِ افسانہٕ کرنٕہ یادی ڈانچکی قایل۔

لیٚوتے یوت نہٕ بلکہ کاشرِس افسانس منز سپدی یتھو کردار تہٕ تخلیق یمن مازٕ اَڈج تہٕ رنگ روٗپ یونیورسل چھُ مگر پاٚدٕ ہیکہٕ ہن صرف کشیرِ ہندِس یہٕ نس قومی کلچرس منز سپدِتھ۔ کوکرجنگ

افسانچ شاہ مال، یوس خاص اندازہ بھیرتہ دوٗل ڈنان چھیٚ، تہٕ کٔنۍ منٛز کنہٕ واجہ نزناوان چھیٚ۔ یٖمہ ہنز کوکرِ جانہٕ برٛزہند کوگرِ پٹھ کھسنہٕ دراصل اہند ہے، یگوہس جانہٕ برٛز ہنز شخصیژہ مٔنٛد حملہ سپدان چھُ، ہیکہ بانہٕ کشیرِ نٮ۪برتہٕ کشیرِ منٛز آشنہٕ مٔنٛد بلوز ژٹھ وچھ ژیٚنۍ، ماژِ سُند جمیرِ دام دام دِوان خاص اندازِ ماتمُک اظہار کرُن تہٕ آشنا و بایہٕ ہند موردس چندن یتۍ ژھانڈ دِنۍ ——— یہٕ سورُے ماحول چھُ یٖمی میٛنز ہنز اڈٕرنہٕ۔ گُرہ بدماش، برٛنیس واتُن، اشم، نورِ کمال، محمد تلہٕ وونۍ تہٕ بیتہٕ بٔدی ییتھ کردار تہٕ بے شمار SITUATIONS ہیکہٕ ہٕن نہٕ آسی تھی اگر یہٕ کشیرِ منٛز ادبی تحریک آسہٕ ہا۔

یہٕ چھُس نہٕ وننان زِ یہٕ کشیرِ ہاوٕنیک تام کاشرِ ماٹھی افسانہٕ لیکھنہٕ آو تہٕ چھُ سورُے عالمی معیارُک تہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ زباژٕ ہندِ خاطرٕ ممکن۔ یہٕ چھُس نہٕ یہٕ تہٕ وننان زِ کاشرۍ اکۍ افسانہٕ نگارن کیاہ لیوکھ یہٕ ییتھ کانہہ افسانہٕ یُس عالمی ادبس اضافہ اوس تہٕ تہٕ چھُنہٕ زِ ہس ممکن۔ امایہٕ چھیٚ ٹاکارہ حقیقتھ زِ کاشرۍ لو افسانہٕ نگارو کوٚرۍ پُر خلوص تہٕ ایماندارانہٕ اظہار تمن تجربن ہند یِم یٔمۍ پننِس کلچرِ وِ حالس منٛز اکِ خاص وقتہٕ حاصل سپدۍ۔ تہٕ اتھ عوض اگر یِم یتھ دورس منٛز اکے افسانہٕ تیٚتھ تخلیق ہیکن کٔرتھ یُس عالمہٕ کٮ۪ن ادبی ایوان تحریرچ فرحتھ بخشہٕ، سوے چھیٚ بڈ کامیابی۔ کاشرِ افسانچہٕ پرلو چھیٚ ووُن کشیرِ نٮ۪برتہٕ گاہے گاہے پھوان۔ ملکہٕ چھِ مختلف زبانٔ منٛز چھِ ترجمہ سپدان۔ اکھ زِ چھِ میٚہ تتھ تہٕ نظرتل یِم ملکہٕ نٮ۪برتہٕ چھپیہِ۔

" دریایہٕ ہند ایزار " افسانس متلق آو یہٕ تہٕ وننہٕ زِ

THIS IS A POEM OF LOVE - ETERNAL AND DESERVES TO BE INCLUDED IN THE WORLD ANTHOLOGY OF SHOT STORY

یاژس" افسانس متلق آیہٕ راے دِنہٕ زِ "یٖتھ پانژن وٕرین منٛز ہندستانۍ زبانن منٛز لیکھنہٕ آمتین افسانن منٛز چھُ یہٕ افسانہٕ سرس"

مگر یِمن مثالن تہٕ ہیکو نہٕ تحریرچ فرحتھ بخشن واجنہٕ مثالہ ونتھ۔ ممکن چھُ تہٕ میٚہ چھیٚ وومید آیند ہیکہٕ تیٚتھ کانہہ افسانہ نگار پاڈٕ سپدِتھ یُس باصلاحیتھ آسہٕ تہٕ تٔس آسہٕ آزادی موٚلیر

یتھ منز سہٕ عظیم ادب پارن زنم دیہ۔

مینہ ووٚن گوڈے۔ زِ کاشرِس افسانس منز چھینہ رنگا رنگی تہٕ وسعتھ۔ امیک بوٚڈ ہیوٚو وجہ چھُ زِ یتہٕ میوٚن ہوٚ وٚری لوٚ بیٹھ چھُ ادبی تحریکہٕ ہند مرکز سرینگرے لوت۔ ضوٗروٗرتھ چھُ زِ بُھدرواہ پیٹھ گریز تام تہٕ کرگل ہیتھ گرٕزھن مختلف مرکز پادٕ ییتہِ اتحاد پٕسان تہٕ باوہ لیقار پاٹھٕ تخلیق ادب سپد تیلی ہیکن سانس ادبس تمہٕ ساری اوصاف پادٕ سپدِتھ یم اکہ قومی ادبہٕ خاطرٕ ضوٗروٗری چھِ مگر ونیک تام ہیوکھنہ یہ سپدِتھ تہٕ نہ چھُ یہ توٚتام ممکن یوتام نہٕ اسہِ لوٚری شبالِن ہندین لفظن منز آزاد سپدوٗ۔

THERE CAN BE NO FREEDOM IF THE INDIVIDUAL CANNOT GET EDUCATION THROUGH THE MEDIUM OF HIS NATIVE TONGUE OR CANNOT ASSIMILATE THE RICHES OF HIS NATURAL CULTURE.

افسوس زِ اسہِ چھِ نامراد تہٕ بے شوٗعوٗر سیاستھ کارن ہندی غولام۔

# کأشُر اَفسانہٕ

## ۱۹۴۷ء پیٹھٕ ۱۹۶۵ء یَس تام

ہردے کول بھارتی

کأشِر اَفسانچ وأنس چھےٚ یِہ مسادہ یِہ ترتیب وَری تہٕ عالمچن مختلف زبانَن ہُندِ افسانوی ادب نظرِ تَل تھاوتھ چھہٕ اَمِ حسابہٕ کأشُر افسانہٕ سٹھاہ کوٚنٛس۔ یوٚز کوٚنٛس آسنہٕ باوجود تہٕ یمہٕ ارتقایی منزلہٕ اَمی اَتھ موختصر وقتس منٛز طے کٔرۍ تہٕ یتھ مقامس پیٹھ یِہ وُنی کیٚس کھوٚتُھ چھُ۔ سُہ وُچھتھ چھُ یِہ یقین کرُن ہنا مُشکل گژھان زِ یِہ کیاہ چھُ دُمبرلیوت کأنٛسہٕ کوٚٹ۔ تتھ چھُ غالبَن یِہ وجہ زِ اَمیک سفر گوو نہٕ تتہٕ پیٹھٕ شوروع یتہٕ پیٹھٕ شالےٚ اُردو یا ہندی افسانک شوروع گوو بلکہ ترٛاوی اَدۍ گوڈ تہٕ کینہہ منزلہٕ تہٕ منزِ تہٕ کرِن کینہہ دور BY PASS۔ اتھ منٛز کانہہ شکھ چھُ نہٕ زِ سرسری طور اَمکِ سفرچ پِہ سام ہیٚنہٕ وِزِ چھِ اَمیک یہ ارتقایی عمل غار فطری باسان تہٕ مجلسَن منٛز بحث زینہٕ خاطرٕ پنٕنہٕ ترٛنگ آسنگ تھوٚو توٚتھ تہٕ دِوان۔ یوٚز بحث زینہٕ بیٚ کُل اَک طرف ترٛاوِتھ ہرگاہ وُچھنہٕ ییہِ تیلہٕ چھُ یہِ عمل فطری تہٕ تہٕ حقیقی تہٕ۔ تہٕ زن گوو ہرگاہ یہ کتھ تسلیم کٔرِتھ اَمِچ سام ہیٚنہٕ ییہِ زِ اَدب چھُنہٕ سماجی سیأسی کیو اقتصأدی حالاتوٚنشہٕ الگ تھاوِتھ نہٕ وُچھنہٕ یِوان تہٕ نہٕ تخلیق سپدان ہرگاہ یہ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہِ زِ یِہ چھُ کلہم معاشرک اَکھ لأزمی حصہ آسان تیلہٕ باسہِ نہٕ کأشرِ افسانُک ارتقایی عمل غار فطری تہٕ نہٕ غار حقیقی۔ سماجس کیو معاشرس سٟتۍ اَمیک گوٚن رِشتہٕ چھُ ییمہِ اَکہِ مثالہِ سٟتۍ واضح سپدان زِ ییمہِ ساتہٕ اینسٹاین رلیٹوٹی (RELATIVITY) تھیوری پیٹھ تحقیق اوس کران بلکل تمی ساتہٕ اوس پیبلو پکاسو تہٕ کیوبزمس (CUBISM) منٛز تجربہٕ کران۔

ٹھیک یِتھے متوازی رشتہ چھُ سانٛس معاشی، معاشرتی کیو سماجی ارتقایی عملس تہٕ ادبس درمیان تہٕ۔ تہٕ گووِ ییلہِ ملک آزاد سپُد تہٕ سائنسی تہٕ تکنیکی ترقی سانہِ بقا خاطرٕ اکھ لازمی کتھ بنے یہ۔ اگر پرارے یہٕ نہٕ کانٛسہ مارکونی یا ایڈیسنہ ہندِس تھہٕ پینس تہٕ نہٕ کورُ اسہِ تہٕ پیٹھہ ترقی یافتہٕ ملکو یہ سفر شوزوع اوس کورمُت۔ بلکہ کرِ ژ اسہِ ابتدایی تحقیق تہٕ تجربکو واریاہ منزلہ BY PASS تہٕ شوزوع کورتمہِ مقامہ پیٹھٕ یُس سانہِ ماحولہ مزاجہ بیترِ تہٕ سماجی سیاسی کیو اقتصادی حالاتو موجب مُناسب اوس۔ چونکہ ادب چھُ نہٕ زندگی ہندو یمیو شوبونتہ کانہہ بدوٗن چیز۔ اَو موکھ روٗداُچھ ترقی ہندا انہار تہٕ کم وبیش یِتھے تہٕ یہ چھینہٕ کانہہ ہیڈٕ ژ لایکھ یا عاجب کتھ۔ اَمِہ بیانٛک گژھِہ ہرگز تہِ یہ مطلب کڈنہٕ یُن زِ صرف کیاہ سہ زنقالی یا یہ زِمضمون نگار کیا چھُ نقل نویسی ہنز حمایتھ کران۔ بلکہ چھُ مُدا صرف یہ کتھ کھر کرِ ژ زِ سانہِ افسانوی ادبک ارتقایی عمل نہٕ چھُ غار فطری تہٕ نہٕ غار حقیقی۔ بلکہ بہ یاسہ یِتھ صورتس منز یِژ زِ بیاکھ غار حقیقی ہرگاہ اَمِہ کس تہٕ زندگی ہندِ ین باقے شوبن ہندِس ارتقایی عملس منز یِتھ ہِشر تہٕ متوازی رشتہ درینٛٹھ گژھے نہٕ۔

کاشُر افسانہٕ اَو آزادی حاصل سپدنہٕ پتے تمہِ سانہٕ وُجودس منز ییلہ ملکس منز مختلف سیاسی جماژ و نکھہ پکھہ وہراونہٕ خاطرٕ پننہِ ژ کان توٗسرٕ جمکاوِ ژ اکی ہیتیہمتی۔ کھووِر درجہ پاکی اَسِہ زیادہ منظم تہٕ ملکچہ ثقافتی کیو تمدنی زندگی منز تہٕ اوس مختلف اَنجمنو کیو تنظیمو زریہ یہ یُہندا ثر سیٹھاہ ڈِسی تہٕ زوردار۔ یہ اوس سُہ دور ییلہِ ملکی پیمانس پیٹھ کُنہِ منظم ادبی تحریک نظر اَسس گژھان تہٕ سو گیہ یہ ترقی پسند تحریک۔ سانٛس ریاستس منز تہٕ یمو بزرگ اَدیبو شرح کمی موحسوس کرِتھ کاشرِ یاٹھو افسانہٕ لیکھنک ڈسلابہ کور تمہِ تہٕ اَسی سپدِ سیو دیاور گہ اَتھ سیاسی تحریکہ ستۍ والبتہٕ۔ چنانچہ سپُد کاشرِ افسانٛک آغاز تہٕ ترقی پسند تحریکہ ستی۔

گوڈنیک افسانہٕ یُس چھاپ سپدِ تھ لوکن بر ونٛٹھہ کنہِ آو اوس شری دینا ناتھ نادمہ سُند "جوابی کارڈ" اَتھ ستی سپُد شری سومناتھ زُتشی سُند افسانہٕ "ییلہ پھوٚل گاش" تہٕ شایع۔ بلکہ چھینہٕ یِتھ مُتلق متضاد رایہ کاشرِ ش افسانس لوگہ جوابی کاڈ ستی کنہٕ ییلہ پھوٚل گاشہ" ستی۔ کینژن بزرگ

اَدبن ہندونٛ چھ زِ گوڈٕ آو 'نیلہٕ پھوٗل گاش' لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ 'جوٗابی کارڈ' تہٕ (اتھ تحریکہٕ سٍتۍ وابستہٕ) کینژن بزرگن ہنز راے چھےٚ اتھ مختلف۔

" قومی کلچرل کانگریسکس ۲۵ فروری ۱۹۵۰ءکس ادبی جلسس منز آو گوڈنیُک کاشُر افسانہٕ پرنہٕ ۔ ناواوس 'نیلہٕ پھوٗل گاش' تہٕ افسانہٕ نگار اوس سومناتھ زتشی"۔

(اَز تیک کاشُر افسانہٕ اگست ۶۷۔ کینژھا افسانس متلق "آئین کامل) اتھ مقابلہٕ چھےٚ بیاکھ راے یہ زِ۔

" ...... ۱۹۵۰ءہس کنہٕ ہیوٚ لیوٚکھ دیناناتھ نادمن 'جوٗابی کارڈ' ناوٕک گوڈنیُک افسانہٕ ...... تہٕ یوہے چھ کاشِر افسانک مولادار ......"

سارِکہ آدِہ کتھا وشیش انک ۱۹۷۲ اومکار کاچرو۔)

بہرحال یہ بحث اکِ طرف ترٲوِتھ چھےٚ یہ کتھ سیکہٕ زِ کاشِر افسانُک آغاز سپُد ترقی پسند تحریکہٕ پیٹھےٚ تہٕ اَدی کرٕ تم معیار کیو مہٕ ان کنہٕ پس وپیشہٕ یا مشکلہٕ بغار قوبوٗل یم امہٕ تحریکہٕ خاطرٕ لازمی اسی یوہے وجہ چھ زامہٕ دورٕکۍ کم وبیش ساری افسانہٕ چھہٕ تمو افسانو نگارو کینہٕ خاص مختلف یم اتھ تحریکہٕ تحت ٹکہٕ کین مختلف حسن منز مختلف زبانن اندراتھ دورس منز لیکھنہٕ آیہٕ ۔ بلکہ چھ کینہٕ کینہٕ جایہٕ حالٲتی ہندس حدس تام پراگرافن ہندی یہ اگراف ہوی اکی اکہٕ مانہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مثالے:۔

" .. .. .. ربتہٕ کوال سدرٕ دوٚپے چھُ اتھ (کولِ) آب راسی زان گرشھان تہٕ گاڈی گامس آبہٕ کامن گرشھان۔ توے چھےٚ گاش پھولنہٕ پیٹھہٕ اَڈراتن تام آبس منگ آسان .....

....... ازتہٕ اوس گاڈی گام آبہٕ دادِ ژِ رستھ آمت ......"

(افسانہٕ۔ "رے" دیناناتھ نادم۔ جُلے ۱۹۵۰)

تہٕ

"...... گاہکین لسکینن اوس اکھ زِ دہہ برونہہ خوف زِ خوشکی مار گوٚمتھ نہٕ سپدن..

"...... پہاڑی نالہ یُس گامُکِس داں کھہن سگ اوس دِوان اوس دانہٕ پپینہٕ بروٚنہہ ہوٚکھمٕتٕ یِمہٕ کینز
گاہ کلوکھ اُسی ہر روز ڈیکہ ژٕکھرِتھ آسان ......"

(تامل افسانہٕ "ہالو" مصنف راج رتنم۔ ۱۹۵۰)

واقاتن تہٕ یہندس بیانس منز اَمہٕ ہشرِک سبب ہیکہٕ نہٕ محض ہوٚی حالاتھ آسِتھ ہکیار
حالاتھ ہوٚی آسِتھ بلکہ کُنی آسِتھ تہٕ چھ فرد یُسند یا افسانہٕ نگار سُند ردعمل انفرادی آسان تہٕ ظاہر کتھا چھہ
زِنِلیہ ردعمل انفرادی آسہ بیان تہٕ آسہ اُمی اپنہ ماپنہ۔ بلکہ چھ امہ یکسانیتک وجہ یہ باسان زِ اتھ تحریکہ
تحت یہ کینژھا تخلیق سپد تہٕ سُپد اَکس فارمولاہس تحت تہٕ فارمولا باسے کُنہٕ تہٕ جاپہ بیتن ورتاونہ
نتیجہ آسن ہوی۔ یوٚہے وجہ چھ زِ اَمہٕ دورکین افسانن ہنز فکری سطح چھیہ ہشی تہٕ موضوع کہ اعتبار
تہٕ چھنہٕ یمن منز خاص کانہہ رنگارنگی نظر گژھان۔ البتہٕ اُس صرف لیکھن وٲلی سنز ہونر (CRAFT)
کُنہٕ افسانس مقابلتن زیادٕ ہیژ یہ وُن یاسنہٕ وُن بناوان مثالے، ارجن دیو مجبور سُند "کولہ داں"
ناوکہ افسانک ترجمہ چھ یہ دیناناتھ نادم سُند افسانہٕ "شیشہٕ پیٹھو پیٹھو کِہ" یہ کردار لِنسہٕ خاص کینہہ
مختلف۔ دوشوٚے چھ اَکی سے فارمولاہس تحت گرنہٕ آمتی۔ اوٚکنز چھ دوشوٚنی ہنز زندگی ہُند
کُنہ کِنہ سمتی تہٕ دوٚکھ دود ہوٚے۔ دوشوٚنی چھیہ پننی پننی ذاتھ لُٹنہٕ آمژ اوٚے چھ دوشوٚنی منہ
نفسیاتی ووجود تہٕ مصنوعی۔ پوٚز نادم صابنہٕ ہونرمندی (CRAFTSMANSHIP)
چھ اَمس تتھی جاپہ وُلمتر زِ یہ چھ مقابلتن زیادٕ CREDIBLE بیژ یہ وُن تہٕ سِنہٕ وُن باسان۔

"..... یہ اوٚسس نہٕ تسُند مُرن سوٚری تھے ہکان، تہٕ اوٚتے تام واتِتھ اوٚسس
یہ بدل کینہہ یاد پاوان۔ شایدسہ دوہ ییلہ یہ گوڈنیتھے ینِنس ماس ستی شہر وژھوس۔ تمن دوہن
اوس شہر دوئیم "مارشل" چلان تہٕ لوکن آسی نمائشی منز ٹکٹکی کھالتھ رتہٕ داوی کران۔ تہٕ کتھ کُنز جاچھ
آسی گاوکدس نکھہ تہٕ بکناوے یکھ یڈ ستی۔ مے اُس ماجہ مکایہ ژدہ ژہن دِژمژ۔ لوٚ یہ مے نالس
گنڈِتھ اُس تہٕ ییلہ یڈ کھوکھہ لیکان سو آیم مژنہٕ۔ مے دراہ یہ تتھ تھکہ مگر پتھے آیا واکھ بوند وقی تہٕ
تمی ژھنیانم بوٚندو تہٕ ٹاس اکس۔ مے چھ وُنہ تمیک آکھ ذھلس چھانس یہ یاد بیتھ اوٚسس

بہ جل جل اَتھ کڈان تہٕ اتھ تمی مایہ لبوان یمہٕ مایہِ گاوچھیہٕ وۄرہس تھنہٕ پیٹھ تن پھیشان ۔ ۔ ۔ ۔

(افسانہٕ شینہٕ پیتو پیتو ۔ مصنف دینا ناتھ نادم ۔ چھاپ جنوری ۱۹۵۲ء)

یہ بیانہٕ چھ فارمولای آسنہٕ تہٕ سۄنہٕ وۄن تہٕ اتھ مقابلہ بیلہِ آسہ کولہٕ وانگ" رٕحمہٕ چھن وۄچھان سُہ چھ امی فارمولاہک پاداوار آسنہٕ باوجود تہِ سطحاہ سطحی تہٕ سرسری باسان ۔ گو وتھ پسندی حارٕ شاتھ چھے "شینہٕ پیتو پیتو کہِ" نہٕ" کردارٕ نشہِ خاص کینہہ ہیوٚن ۔ ہمس اگرمکایہ ژوٹ والیس حاصل کرنس پیٹھ لونہ دِژ اتھ زخمی چھ کران، ہیمس چھ وۄشکہٕ ژو چہ ہند اہاو بے ہوش کران ۔ ہٕہ اگر مار شلک شکار چھ تہٕ چھ جاگیرداری تہٕ چکداری ہند ۔ پوٚز نادم صابٕنہٕ ہونر چھیہٕ شینہٕ پیتو پیتو ہس امہٕ دور کھ اکھ نمایندہ افسانہٕ بناوان تہٕ اتھ برعکس چھ ارجن دیو مجبورٕ سُند "کولہٕ وان" امہٕ ہونرٕ ہنزٕ کمی موکھ فارمولاہک مساخاکہ باسان ۔ بلکل یہے فرق چھیہٕ عبدل عزیز ہارونہٕ سندِس افسانہٕ "زوٚن" (چھاپ ۱۹۵۱) تہٕ علی محمد لونہٕ سندِس "یم لوکھ" ناوکس افسانس درمیان تہٕ تہٕ نور محمد بٹہٕ سندس" ژدرنا وکس افسانس تہٕ صوفی غلام محمد سندس افسانہٕ ژرنہِ ژورس" درمیان تہٕ ۔

گوو ۱۹۵۴-۵۵ ہس تام اُس ترقی پسند تحریک ژھوکمٕژ ہیٚشرٕ مگر HANGOVER اوس وۄنہِ باقے ۔ اوّت تام یم افسانہٕ اتھ تحریکہِ تحت لیکھنہٕ آیہٕ تم ہیکو کھ اسی دوٚن حصن منٛز تقسیم کرِتھ ۔ اکھ تم یم کھیلی ذہنیت ( HERD - MENTALITY ) تحت لیکھنہٕ آیہٕ تہٕ دوٚیم تم یم ہیوٚ فارمولایی موضوع آسنہٕ باوجود تہِ فنی اعتبارٕ مکمل افسانہٕ چھ ۔ یوٚہے دوٚیم قسم چھ سانہٕ ازکہِ افسانک مولادار ۔

کاشر افسانک یہ پڑاو اوس سیٹھاہ نوزکھ تہٕ اہم لقولِ امین کامل ۔ "اشتراکی انقلاب پسند نوجوانن تہِ اوس کمی تام ذہنی ژوٚرن اتھ ہیوٚ تروومت تہٕ فرنی سماجس پنہٕ کردارن منٛز نشرن والیو اوس والیس پینٕ گراژن ہیوٚ تمٕت ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"

(کینژھا افسانس متلق "شیراز" ۱۹۶۷ء)

یہ اوس کاشرِ افسانک عبوٗری دور تہٕ توے اوس ہنا کرٛوٹھ تہٕ ۔ کرٛوٹھ آوکنہٕ زِ یم ارزھ

اُس یِہ ڈٖلِہ زِ تہٕ تہ اسنس برابر اوٗے بنیاو تہٕ پسند خاطر بنیادی کتھ وپژھناوِنہٕ تہٕ کُنہِ حدس تام ضوٗرٕوٗری۔

"۔۔۔۔۔۔ افسانس چھ یوان زندگی منز ساسہٕ بدی حادثہٕ تہ واقعات پیش یم حادثہٕ چھ تراوان اہندس ذہنس پیٹھ کانہہ نتہٕ کانہہ اثر۔۔۔۔۔ مُتقی چھ شرابی تہ زاری بنان۔ سُہنز زُورچھ لوٗڈ بار امانتھ دار بنان۔۔۔۔۔۔ متہٕ شر اوپچ اکھ پرزیا چلے کلانگ اکھ تیر کوٗنڈ (تہ ہنکہ افسانہٕ بنتھ)
۔۔۔۔۔ یا شیٹھ ووری شہِ تجبہٕ چھ پتنٕ مہرنہٕ تون گاشہ ہندِ ذری یادہ ہیزار ستی یاد پیوان۔ سو کیاہ چھیہٕ تمہٕ ساتہٕ سوچان یتہٕ ہنکہِ افسانک موضوع بنتھ۔۔۔"
(افسانس متلق کینہہ بنیادی کتھ از اختر محی الدین ۱۹۵۵ء)

سو چنکس اتھ اندازس ہیکو فنکہ سفرچ سو وتھ بدِ کڈنچ کل وٗنتھ یمیک کانہہ موڈ کانہہ پڑاو کانہہ دور یا کانہہ منزل حتمی چھنہٕ آسان۔

ترقی پسند تحریکہ پتہٕ کس اَتھ دورس ہیکو اسی کاشر افسانوی ادبک درمیانی دور تہٕ وٗنتھ۔ یہ چھیہٕ اکھ عجیب کتھ زِ اَتھ دورکس آغازس ستی ہیوٗت بیشتر پیش رو افسانہٕ نگاروِیا نے سوٗمناتھ زتشی، دیناناتھ نادم، نور محمد روشن تہ عبدالعزیز ہارون افسانہٕ نگاری ترشِہ لوٗب، شاید چھ امیک اکھ وجہہ یہ تہٕ زِ یم ہنکہ نہٕ پننی سیاسی آدرش فنہ ترشہ الگ کرتھ پوز بیہند لوٗب ہنس ستی سپدی اختر محی الدین، علی محمد لون، صوفی غلام محمد، امیش کول، امین کامل، ہردے کول بھارتی تہٕ اتھ کاروانس منز شامل۔ اتھ منز کانہہ شک چھنہٕ زِ اتھ دورس ستی وابستہ کینہہ افسانہٕ نگار تہٕ اسی ترقی پسند تحریکہ ستی وابستہ روٗدی متی مگر ووہٕ زِ اوس کاشر افسانہٕ نگار فارمولایی دور ترشہٕ آزاد گژھتھ موضوع علاوہ اسلوٗبس ہتس تہٕ فکری پہلوٗہس پیٹھ انفرادی طور سوچنہٕ لوگمت۔

افسانہٕ نگار ہس تہٕ فکری سطح تہٕ باوتھ کرنکھ فن کتھ معیارس پیٹھ اوس اَمہِ ساتہٕ امیک اندازٕ چھ اختر محی الدین سُند "دٕری یاہ ہندِ ہیزار" افسانہٕ پرنہٕ ستی گژھان، یتھ از تہٕ سنگ میلچ حیثیتھ

حاصل چھیہٕ۔ امہِ دورکۍ افسانہٕ چھِنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن ہِندۍ پاٹھۍ بکرگی۔
امہِ دورکین افسانن منٛز چھُ گوڈنکہِ پھرِ یہِ اَحساس گژھان زِ کاشُر افسانہٕ نگار چھُ زندگی ہنٛز تمہِ گرمی
ہنٛز کتھ کران یوس تہِندِ اندریکہِ خاطرِ تیٖژرے ضوٗروٗری چھیہٕ یتھ ذاتہٕ کۍ بقاخاطرٕ چھیہٕ سہٕ چھِنہٕ
کھوکھرِ لوٗنار وستی انقلابکۍ شاگۍ تارکھ ہادِچ کوٗشِش کران بلکہٕ ذاتٕک دود تہٕ دۄکھ سوکھ پننِس
اَندۍ پکھِس منٛز ہنٛدِ کِنہٕ کینژھا یہِ دور کران تہٕ کینژھا دواشِ ژھانڈان گوڈنکہِ پھرِ چھِ باسان زِ افسانہٕ
نگار تہٕ چھُ انسانیت تہٕ تسُند روٗپ چھِنہٕ وۄزمیگ گاش بلکہٕ سہٕ PHENOMENON یتھ کاش
تہٕ پنُن چھُ تہٕ انہٕ گٹہٕ تہٕ تاپھ تہٕ پنُن چھُ تہٕ شہُل تہٕ۔

"..... کیٛژھ لڈٕ وُچھ راجن بھوشنہٕ تہٕ پربھ لڈٕ ژٕ ترٛاو امہِ تسٕندس
بُتھِس پیٹھ اکھ عجیب اُتھن تہٕ نظرن منٛز اکھ عجیب سرٛیہہ۔ زنتہٕ اوس
تمِس دِین اُسان اَسان گتام شاپھ دیت مُت زنتہٕ اوس سُہ یِژھان
اُمِس کیاہ تام ونُن ......" چاڈ کنہِ چھُ زندگی منٛز اَگۍ سپے جایہِ
واتُن تہٕ یہے چھے باسان سیٛز تہٕ ژھوٹ وتھ۔ مگر زندگی منٛز چھیہٕ کانہہ کانہہ
سیٛز وتھ کنہِ کنہِ لوٗٹان تہٕ۔ یہٕ تُس سہلاب باسان لکہٕ موںجہِ کوٗرُم سہٕ
آسان گومُت کُنہِ کنہِ سٔری پیٹھ ....."

(افسانہٕ "اَڈے کتھ" اُمیش کول۔ چھاپ ۱۹۵۵ء)

بھوشنہٕ "اَسنگ شاپھ" چھُ افسانہٕ نگارس پنُن "شاپھ" تہٕ وۄجوٗدکِس اَنس منٛز اَندۍ پکھۍ کھ
وُلسی گومُت اکھ ژرلوٗہ۔ زندگی ہنٛز "ژھوٹ یہٕ وتہٕ" ہند برٛم چھُ ذاتٕک خاب تہٕ "وتھ لوٗٹنٕک" یا
"سہلاب سٔری پیٹھ" گژھنٕک اَحساس چھُ اکھ ترٛژھ ژینہٕ دٔن (بلکہٕ ژرناتہٕ) یوس ذاتی تجربُک
دیت یا حاصل چھُ۔ یوٗہے وجہ چھُ زباو تھ کرنکھ انداز تہٕ چھُ فطری۔ ذاتچہ ژرناپہٕ ہنٛز باوتھ کرنکۍ
اُدانداز ان دِژ کاشرِس افسانس اکھ ترٛژھ پرٛژتہٕ صحتھ مند سیر میرا۔ یتھ پیٹھ اُز کہٕ نہٕ گژھہِ
اُزۍ کہٕ افسانچ مند ورکھرا چھیہٕ۔ تہٕ یہِ تسلیم کرنس منٛز نہٕ گژھہِ اُزکِس افسانہٕ نگارس تہٕ نہٕ

نقادس کانہہ گال باسنہٕ۔ اختر محی الدینن، "میہ تہٕ توگ پہٕ کینہہ"، "تہٕ ڈٔری باپہٕ ہُندیس زار" علی محمد لونن۔ "یم لوکھ" امین کاملن "نوو تاون" تہٕ "کوکرجنگ" ہی افسانہٕ چھ امہٕ دورکی نمائندہ افسانہٕ ممکن چھُ زِ وُنِکین باسہٕ تمہٕ وقتہٕ کِس اختر سُند موضوع تہٕ شووبیانیہ انداز تہٕ کاملہ سنز ترٛچ لفظہٕ زارٕکھ نظری تہٕ عام کتھاہ، لون صابن اوسلوٗب تہٕ اُمیشن فکری اندازٕکھ سینز تہٕ ساد عمل مگر یوٗہے باسُن یِیلہ وُنہ پنٛزٕ ؤری یہٕ پتھ کُن ژھال ہتھ کھوجہ کھالان چھِ، تیٚلہ چھُ یہ باسُن غلط ثابت سپدان تہٕ یمہٕ کتھہ ہُند شہی انداز سپدان یمن فن پارن کاژاہ اہمیتھ چھِ یہ حاصل۔

تقریبن ۱۹۵۹ ہس تام روٗد کاشر افسانہٕ یمہٕ نِ شین اُدیبن اُندی اُندی پھیران تہٕ دہیاگی دورکس آخرس کنہٕ ہیوٗ سپدی اتھ کاروانس منز کینہہ نوٚو اُدیب شامل تہٕ کینٛہ ؤپرانہو سفر دزاوٕ وہیوٗت لوٗب۔ نوین ناون منز چھ خاص طور بنسی نرٛدوش، اوتار کرشن رہبر ڈاکٹر شنکر ریٚنہ عباس تابش غلام نبی بابا تہٕ پھیکرس فاروق مسعودی قابل ذکر۔ یم نوٚو اُدیب آسی نہٕ بلکل تہٕ کُنہ سیاسی یا ادبی تحریکہ نشہٕ جواب دِنہہ اُدموکھ آسہٕ تِہنز ذاتی سوٚمبرن تہٕ ذاتک ژھینٛنے تِہندین افسانن ہُندیٚنزٕ ؤنن، یہ اوس امہٕ ؤتنگ نوٚو ریہ تہٕ جدید افسانگ گوڈ لیٚس تمہٕ وقتہٕ کو کینٛژو نقادو رد کوٚر تہٕ کینٛژو قوبوٗل کوٚر۔ اوتار کرشن رہبر سُند افسانوی مجموعہ تو برکہ تہٕ کوٚر بیشتر روایہ پرستو تمہٕ وقتہٕ یہ وُنتھ رد زِ اتھ منز شامل تمام افسانہٕ چھِ محض خاکہ۔ غالبن چھُ امیک اکھ وجہہ یتہٕ زِ یمن منز اوسنہٕ تہٕ کینٛژھا یمیٚچ اوٚت تام لوزن وآکس، پرن وآلس یا نقادس حال ہش گاٚمژ آسہٕ تہٕ یہ جادی ماںکل پھٹ تمہٕ ساتہٕ مکمل پاٹھی یِیلہ اختر محی الدینہ سُند افسانہٕ "آدم چھُ عجب ذاتھ" چھاپ سپُد۔ گوٚ ویتھہٕ پاٹھی چاکہٕ رکھ تراوتھ بہٕ بندی کرِ ژھینہٕ سہی۔ یوٚزٕ مطلب چھُ صرف یہٕ زِ اتہٕ بیٹھہ چھیہ سو نوٚو نہج ٹاکار پاٹھی دزِ بنتھی گژھان یمہٕ نہجہ اُزکس افسانس زِنم دیت۔ کتھ چھیہ یہے ۱۹۶۰ ہس کِ دُملکہ گوڈنکہ حصہٕ ہش یِیلہ زِن کاشر افسانہٕ مُلکہ کِس ادبی منظرس منز پننٕ مقام حاصل کرنس اہل سپُد۔ امہٕ دورکین افسانن منز چھیہ گوڈنیٚچ پھریہ کتھ نظر گژھان زِ لکھاری چھِنہٕ اوہنری، موپاساں، یا چیخوف ہیوٚ کانہہ تہٕ

ماڈل پالنس برونہہ کنہِ تھاوِتھ افسانہٕ تخلیق کوٚرمُت، بلکہِ چھُ سُہ پننی ژیننہٕ ژترنہٕ تہٕ توانگرٕ
موجب کتھِ ہنٛز باوتھ کران۔ پوٚت منظرس منٛز لکھاری سنٛز فکری سطح ڈکھ آسنہٕ باوجوٗد
تہٕ چھِ یِم افسانہٕ موضوعٕچ کیواو سلوبہٕ حسابہٕ خانہٕ بٔندی لوٚلنِشہِ آزادباسان تہٕ ۱۹۶۰ سنہٕ کِہ ڈلکس
اٰخرس کنہِ ہیوٚ سپدی امکی یِم نوٚقوش زیادٕ واضح تہٕ نوٗرٕ گوٚو زیادٕ ژینہ ؤن "ییٚلہِ گھمے تاپھ گھیے شٕہُل"
"سیٹھاہ موموٗلی" تہٕ "شکست" بیترِ ہی افسانہٕ شایع سپدی۔ اٰتھی وقتس منٛز سپدی ژٕہنٛدی
افسانہٕ نگار ہری کرشن کول تہٕ رتن لال شانت تہٕ اتھ کاروانس منٛز شامل۔ تکیازِ یِم دۄشوٚے
آیہ ہنٛدی پیٹھہٕ کاشرِس کُن اوکنٕزِ روٗد ہنٛدی افسانگ دیُت تہٕ یِمَن ستٕرِ تہٕ ییٚتھ پاٹھی سپٕد کاشرِ افسانچہِ
رنگارنگی بییہٕ ہَن تہٕ برٛژر۔

یہ اوس ۱۹۴۷ سنہٕ پیٹھہٕ ۱۹۶۵-۶۶ سنہٕ یَس تام کاشرِ افسانگ موخصر جایزٕ۔ گوٚو اَرداہ
وٕرِیہِ چھپنہٕ کُنہِ تہٕ فنکہِ پھابٕھلنہٕ خاطرٕ کانہہ مانے تھوان۔ پوٚز کانہہ روایتھ یا پس منظر آسنہٕ ورأے
ہم ارتقائی منزلِ ساٗزِ افسانن اتھ موخصر وقتس منٛز طے کرٕرٕی تِمچ مثال میلنہٕ چھ شاید ناممکن۔

# افسانک فسانہ

## (مغربی تنوظرٕ تہٕ مشرقی ارتقا)

رتن لال شانت

## ۱:۔ چیخوف : جدید افسانہ

افسانہٕ چھُ مغربی ایجاد۔ نقاد چھِ گوڈنیک افسانہٕ نگار ایڈگرایلن پوہس مانان۔ اَز یک افسانہٕ گو وُ دراصل رٗوسی لکھاری انتن چیخوفہٕ (۱۹۰۴۔ ۱۸۶۰ء) ہندِ بیچھہٕ شروع یُس یتھن افسانن منز۔ دِتٕ آمی شخصن گوڈنکہِ پھیر انسانی واقعس اہمیتھ۔ اوتام اوس مغربی افسانس منز۔ واقعہ INCIDENT کردار CHARACTER تہٕ اتفاق COINCIDENCE اہم۔ کردار اوس ضروری تہٕ غار ضروری بارس تل ڈبتھ گرٕتھ تہٕ تُرِتھ کتھ کران۔ امکانی حالاتن منز۔ مثالی زبانی اندر مثالی گفتگو کران۔ اکس شریف NOBLE ماحولس منز پرٕتھان۔ انسان آسِتھ اوسنہٕ تس انسانی وُشینیر۔ تسُند ماحول اوس انسانن ہُند آسِتھ تہٕ فرشتن ہُند۔ چیخوفن دیُت اَتھ انسانی وُشینیرٕ تہٕ انسانی آسنٕ تہٕ موٗلیوین ہُند ماحول بوٗزنس۔ یُتھ زٕ وُہمہِ صدی ہندی تمام افسانہٕ نگار یسدی متاثر۔ پانہٕ ووٗن "زٕ افسانہٕ چھُ زندگی ہنز اکھ چھِل" تہٕ افسانہٕ کین تعریفن ستی آیہ یہٕ "چھِل" کافی شدود سان جوڑنہٕ۔ انگریزی افسانہٕ نگارن منز رٗوٹ اکیک سارے کھوتہٕ سرٗ ون

اژ کتھراین مینسفیلڈ۔ چیخوف ہندی پاٹھ آس سو وہ داسی یا موثر ماحول گرتھ ہکان
مگر یتھ کنی چیخوف افسانہٕ "تعمیر" کرتھ ہکان اوس تہٕ افسانس اندر کانہہ کتھ کانہہ شیٚتھ
باوان اوس مینسفیلڈ آسہٕ ہیکان۔ چیخوفن دُیتہٕ افسانہٕ کس پلاٹس پیٹھ زور تہٕ ماحول
وۄتلاوِتھ کرن اَتھ اَندر اکھ نوٚ جہت پاداہ۔ یتھ زِ تسُند اکھ اکھ افسانہٕ چھ باسان
زندگی ہندِس کُنہٕ نہٕ کُنہٕ پہلوٗہس پیٹھ رائے زنی کران۔ حقیقت چھےٚ تس اندر معنے خاز
بناہ تہٕ اَہنہٕ ناوان اوٗش تہٕ انان، تمہٕ جذباتی اندازٕ تہٕ ییمہٕ کنی تس بروٚنٹھ یا تسندی کینہہ
ہم عصر افسانہٕ نویس انان آسی بٔلکہ وانجہٕ زن کیٚل دِوان۔

## ۲: کُنہٕ وُہم صدی: ہموار کردار

پیچخوفہٕ سُند اثر پیوٚو دُرس دُنیا کس افسانس پیٹھ۔ زندگی ہیٚرن
کھۄلو تہٕ کھرونو حقیقتو سان یرٕھ پٔھےٚ تتھ ہے اندازس منز افسانن منز ینہٕ۔ زندگی
تہٕ واقعہ آینہٕ تھٕرُنہٕ بلکہ تہٕندہ اندازِ بیان تہٕ تموٚ منز ڈرامتی نتیجہ آیہٕ تھٕرنج کوشش کرنہٕ۔
ڈیوٚ کلاسیکی پلاٹ کردار نگاری بیتر گیہٕ کم اہم۔ افسانہٕ بنیوو بامقصد زندگیہٕ ہنز اکھ
بامقصد صنف۔ کُنہٕ ڈُہم صدی چھےٚ مغربی ادبس منز ناولہٕ ہنز صدی مانہٕ یوان۔
تکیازِ امہٕ وقتہٕ گےٚ تتہٕ ڈکنس، تھیکرے، اِملی براُنٹے تہٕ چارلٹ براُنٹے، فلابیر، وکٹر
ہیوگو، والڑ سکاٹ، ٹالسٹاے، ترگینو، داستاوسکی ییس ہی ناولسٹ پادٕ۔ یمو بتو و
افسانہٕ خاطرٕ اکھ ماحول مگر ساری ناولسٹ آسی نہٕ افسانہٕ نگار تہٕ۔ یمو کری یاد روزنس
لایق کردار پیش مگر کردار آسہٕ نہٕ وۄنلان تہٕ بدلان بلکہ عام پاٹھی گو ڈٕ پیٹھ آخرس
تام ہموار روزان۔ یم آسی زندگی ہنز جأنی تہٕ ناکارگی، نیکی تہٕ بدی وکھنان۔ یہندی
مکالمہ آسی گرتھ تہٕ تُرتھ زبأنی منز مخصوص اندازس منز پیش کران۔ کردار آسی نمایندہ
تہٕ واقعات تہٕ آسی نمایندہ۔ اَمیک اثر پیوٚو افسانس پیٹھ یہٕ کہٕ ماپاسان، او ہنری ما

اِروِنگ تہٕ ٹالسٹاے ہوِ افسانہٕ نگار وِ تہٕ کرٕ ٹایپ یا نمایندہ کردار پادٕ۔ عام پاٹھکَن
دِکھاکرٕ ہندی پنٕنۍ خیالات عقیدٕ تہٕ وہم پرن واکس تمام واتہٕ ناوٕنہٕ۔ یمن عقیدن ہنز۔ واقعاتی اہمیت آیہٕ وکھناونہٕ۔
نفسیاتی ضرورت یا نفسیاتی ارتقاۂ۔ کرداراوس پنہٕ سماجی ورگک نمایندہ تہٕ اوس پنہٕ سماجی کشمکشہٕ ہند نتیجہٕ تہٕ نہٕ
اوس اَتھ کشمکشس متعلق کانہہ شبہٕ راے تھاوان ۔ یِتھوٕ فن دِرشٹہٕ پنٕنۍ کانہہ راے بلکہ کشمکشہٕ
ہُند انسانی پہلوٗ درشناوِتھ ہووُن پانے زامیک شکارکُس چھُ گژھان تہٕ کیتھ پاٹھۍ۔

## ۳۔ وُہم صدی: سائنسی تحریک

وُہم صدی ہندس فکشنس (ناولہٕ تہٕ افسانس) پیوو باقے علمن ہندی
پاٹھۍ نفسیاتک سماجیاتک تہٕ سونچک اثر۔ فرائیڈ، ایڈلر ینگ ، مارکس ، انگلز ، ڈارون
بیتر عالمو، محققو تہٕ سائنس دانو کیا ایجادات کرٕ انسانی ظاہرس تہٕ باطنس متعلق تہٕ
ورشناونک ضرورت چھُنہٕ ۔ یمو ایجادو ستۍ پیوو انسانی رشتن تمام اثر تہٕ ادب ، کیتھ کنۍ
روز نہ مجھ۔ انسان چھُنہٕ کُنہٕ خدائی زژ ہُند پرتو بلکہ مٕہ تلہٕ اکھ حیوان ۔ حیوانی جبلتن
تہٕ حِسن ہُند گیوڈ ، سُہ چھُ پننہٕ مخالف تہٕ ناروادُنیہس منز۔ یتھ لڑان تہٕ پننہٕ خامیہٕ دوٗر کرنٕچ
لگاتار کوشش کران ۔ سُہ چھُنہٕ خود کفیل بلکہ اکھ جمالیاتی کھسک اکھ انگ اکھ حصہ پانس
اندۍ اندۍ مخالف تہٕ ناموافق قدرتی طاقت وُچھتھ یمن ستۍ لڑان ، جمارٕن منز روزان ،
کھیلی جسک شکار سپدان ، ورگہٕ لڑایہٕ اندر زاٲنتھ یا ازٲنی پاٹھۍ حصہٕ نوان ۔ لسُنٕد یہ
کاینات چھُنہٕ کانہہ اژھینٕ متواتر تصویر پیش کران بلکہ یہ چھے یتیما شکلن ہندی پاٹھۍ اکھ
اکس ستۍ جُدٕ تھٕ تہٕ بیوٗن بیوٗن تہٕ ..... یم آسۍ تم خیال یم جدید سونچس پیٹھ ورٕ ورٕ
بیٹیہٕ تہٕ باقے ادیبن ہندی پاٹھۍ گوو فکشن لیکھن وول ناولسٹ ، افسانہٕ نگار تہٕ متاثر۔
امہٕ ستۍ کھیوو ادبن نتیجہ ، ولگتن زِکنو ہمہٕ صدیہٕ مقابلہٕ کرِتھ چھُ وُہمہٕ صدیہٕ ہُند افسانوی یا
ناول ادب بدلے باسان ۔ کُلہم پاٹھۍ گیہ یمہٕ تبدیلیہٕ افسانس اندر یتھ کنۍ نموٗدار ژ ودعۍ

ہینتھ یٔہ کرٕدار اَوکنہٕ گرٕنی زٕ آدرش تصویر گژھن پیش۔ چینخوفن ژیوٗن بدلوٕنہٕ سماجک تہٕ سونچک لہجہٕ گوڈٕنتھے۔ تٔمنٛدی افسانہٕ چھہٕ کرٕدارٕ وکھوتہٕ کردارن ہٕنٛدِس منظرِ دِنہٕ رٕکٕنہٕ اہم۔ تِم چھہٕ تِمن تحریکَن تہٕ وجوٗہاتن سام ہیوان یِم تِتھس ماحولس رنگ دِنس ذِمہٕ دار چھہٕ۔

## ۴:۔ نوٗ حقیقت پسندی

ہیرٕ کنہٕ وَننہٕ آمتین علمن اندر تر ٗووافسانَس سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ اَثر انسانی نفسیاتن۔ حالانکہ امہٕ کِنہٕ گوٚو اَسانی کردار یکدم فرد بنتھ ٹایپ رُودنہٕ مگر یہ فرد رُود کُنوہمہٕ صدی یہ ہنز نمایندگی ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادٕ کران۔ جدید سماجہ چہٕ مادی ترقیہٕ ہنز بے ضابطہٕ گیہ اڈبن ورگن ہنز بے گنٛد ترقی تہٕ بیین ہنز لگاتار زوالچ، اکہٕ متضاد مغربی سماجچ عکاسی رُودیہٕ کران۔ مگر سائنسی طرزِ فکرن کوٚر امیک فن متاثر۔ وُہمہٕ صدی ہٕنٛدِ آفاقی افسانہٕ چھہٕ ڈُلامی (بدلوٕنی) کردار پیش کران۔ یِم شروٗع کٔنہٕ تام گژھان چھہٕ تہٕ ختم گژھان کٔنہٕ تام غار امکانی حالژ منز۔ اَمی افسانن ہوو زِ انسان چھنہٕ صرف وصفن ہٕنٛد مجسمہ بلکہ تضادن ہٕنٛد ذٔریاو۔ خاصکر مغربی ترقی یافتہٕ مُلکَن اندر رٕکھو کھ گژھہٕ وُن تہذیب تہٕ مشرقی پھانٛگر گومُت امہٕ پوٚت اندر پوٚرٕ تہذیب اوس یِرتھے تصویر پیش کران۔ انسانی جبلتن ہنز تصویر آس یِرتھے۔ دِماغ اوس غار ضروری ڈِٹھین ہٕنٛد آگر بنیمت۔ عکاسی اَدبن کرٕ۔ نفسیاتی گنٛڈہٕ کھُرِ آیہٕ نفسیاتی فارمولاہو ذریعہ پیش کرنہٕ۔ بدل پیٚو حقیقت پسندی آیہٕ بارسس۔ انسان کِتھ کٔنہٕ چھہٕ بیروٗنی طاقتن کُن ردِ عمل ہاوان تہٕ زندگی گزاران تہٕ یتی اندر کِتھ کٔنہٕ چھہٕ تسنٛد سونچ ذٔریاوکی پاٹھٕ وٕگٕتھ کھوان۔ اَسہٕ پزِ نہٕ یتہٕ مشراوُن زِ یتھ صدیہٕ اندر ییدی یوٗرپس اندر زٕ بٔڈی جنگہٕ لگو اَتہٕ تِکن کیو مفکرن کم پھٹروو۔ اَمی ردِ عمل پیدی زٕ۔ اَکھ مایوسی گژھ طاری تہٕ ناول نگارن تہٕ افسانہٕ نگارن ہیوٚت بینہٕ حالژ ہنز زوال پذیری ہٕنٛدٕ ذکر کرُن۔ دٔویم یہ زِ نوٚبِن آسن تہٕ بدلے متس سماجس متعلق ہیکتن خاب وونہٕ یِتھ۔ مگر اکھ چیز اوس دوشونی

ترٚ اِنہٕ منز مُشترک۔ سُہ گوو یہِ زِ انسان ہوؤ کھٕ ہتی ہوٗنی کھیومُت۔

## ۵:۔ وکھتہٕ زمانچہِ علامژ

اَتھی پس منظرس منز وُچھو وُہمہِ صدیہِ ہُند مغربی اَفسانہٕ۔ اَتھ اَندر چھہِ کینہہ قابلِ ذکر اَدیب یوان۔ تِم گئے جیمز جوایس ورجینیا وُلف، آلڈس ہکسلے، ڈی ایچ لارنس، کیتھراین این پورٹر، مارسل پرُوست، ولیم فاکنر، بورس پاسترناک، نکولائی آستراوسکی میخائل شولوخوف، جان سٹاین بیک، فرانز کافکا، آلبیر کامو، ہیمنگوے بیتر۔ یموکو تیز بدلوون مغربی سماج تہٕ سماجی قدرن ہُند بدلوون رُوپ منقش۔ یہِ کتھ پزِ اَسہِ یاد تھاوٕنی زِ گُنوہمہِ صدیہِ ہنز ناولہِ ہُند بُرزر تہٕ بجراوس یتھ زُوہمہِ صدی اندر تہٕ رُوز افسانہٕ کھوتہٕ ناولے سرس تہٕ ناولہِ ہُندمِ اج سماجی آسنہٕ کنی کورُ اَمی صنفہِ سماج تہٕ فرد زیادہ معتبر پاٹھی بیان۔ یوہے وجہ چھہِ زِ ہیر کنہٕ ذکر سید یمی بیشتر لکھاری چھہِ گوڈ ناولِسٹ تہٕ اَدہ افسانہٕ نگار۔ یہُند نوقطۂ نظر، اسلوب وغارہ ہکو یہنز و ناولوستی سبر کرِتھ۔ یِم گئے مشہور تہٕ بیٛنو ناولوستی افسانوستی تہٕ۔ یہِ وَنُن چھُنہٕ غلط زِ وُہمہِ صدیہِ اندر رُودی نہٕ بے ادبی صنف مقابلتاً زیادہ ترقی پراوان تہٕ تِم گئے ناول تہٕ ڈراما۔ افسانہٕ تہٕ شاعری تہٕ رُوز تخلیق پیدان مگر زمانہٕ نمایندگی تہٕ کانسہِ لکھاری ہند تخلیقہِ ہنز نمایندگی چھنے یاتہٕ تیسنز ناول کران تہٕ ڈراما۔ دیان چھنا زِ افسانہٕ تہٕ اَوک انگ ڈراما یا کس ینگ وجہ چھہِ پرِن والین فرصت نہٕ آسنہٕ، بجہِ ناولہِ پرُتہٕ یا بڈی ڈراما وُچھنگ تاب نہٕ آسن۔ مگر سوکتھ آس اردا ہمہِ تہٕ گوڈ گُنوہمہِ صدیہِ منز ییلہِ ناول نگار کردارہند غارضروری بیانہٕ تہٕ تفصیلاتو (DETAILS) ستی ناولہِ بوج بڈراوان آسی۔ وُہمہِ صدی ہنز ناول چھنہٕ فردہنز تشریح کران بلکہ وکھتن مادی، روحانی یاد کاغی کیفژن ہنز ویرٛتھنے کران مگر یہِ ویرٛتھنے چھنہٕ غارضروری آسان۔ پرتھ کانہہ لفظ پھیور، ڈیش، سوالیہ

نشانہٕ چھُ علامتی معنے تھاوان ۔ علامت گۍ وُہمہٕ صدی ہٕندِس ادبس پیٹھ زبردس حاوی ۔ ناول چھےٚ نثرٕ اجن اکھ بیانیہ صنف، اَتھ اندر ژٹ بیانٕچ جاے لفظی اِشارو ۔ ڈراما چھُ گِندنٕچ تہٕ تماشٕچ صنف ۔ اَتھ اندر گۍ تماشہٕ علامتی تیار ۔

## ۶: شعور تہٕ زبانی ہُندٕ وُترٛبنیل

جیمز جوائیس ہٕنز ناول "یولی سیس" چھےٚ دوٕن شخصن ہٕندِ اکہِ دُہک رُوداد وَنان ۔ ہومر سُند رزمیہ "یولی سیس" پاٹھۍ چھِ اَتھ اندر تہٕ یِم دوٕ شخص راوی مَتۍ ۔ ایرلینڈکس شہر ڈبلنہٕ کِہن بازرن، وانن ہوٹلن ہٕندۍ طویل بیان چھِ اَتھ اندر ۔ مگر یِمن شخصن ہُند زیادٕ سفر چھُ دِماغی تہٕ اَمِکۍ چھِ اَتھ اندر گفتگو کھوٚتہٕ مانولاگ ۔ اَتھ اسلوبس وونکھ شعوری رَو ۔ یہ رَو چھےٚ بیک وق اَدب، مُصوری، مُزٕگری، موسیقی ژٕنس تہٕ بنین قَتن ہٕندِن سرحدن جُٹ کران ۔ دراصل چھُ اَتھ اندر لیکھن وول انسانہٕ ہُنز نامکمل ہاوتھ دِوان تہٕ یتہٕ وَنان زِ آدم چھُ مکمل گژھن برٕٹھان تہٕ اَوے موسیقی شاعری تہٕ مُصوری خاطر کریشان ۔ مغربی زندگیہ ہُند ژھر، چور تہٕ انسانی رُوحُک عذاب، حُسنُک تہٕ سکوٗنُک خاب یتھ کَنۍ اَتھ ناولہِ اندر نوٚ اندازٕ پیش کرنہٕ آو تمۍ ترٛوو یتہٕ ادبس پیٹھ سیٹھاہ سوٚن اَثر ۔ گوڈٕ نِتھے یہ زِ کینژھ کھوٚتہٕ آو خیال بارسس ۔ اَتھ ناولہِ بنہٕ ژٕس چھِ جوائیسنٕ سنز پرٛائیویٹ زندگیہ ہنز کمزوریہ تہٕ تَسندِ بینہٕ "ڈگوش" تہٕ ذِمہٕ وار ۔ مگر تہٕندۍ اَمۍ "ڈگاسنٕ" کرٕ ہمکال لِکھارن ہنز اکھ جماعت متاثر ۔ نجی ڈگوش تہٕ کھوٚت رٕژھ مطلق پرٛاویٹ نظریہ پیش کرُن بنیوو اَدیبن ہُند شیوٚہ تہٕ اَمہِ کنہِ دراہ اکہِ اَندٕ لیکھن والین ہنز زندگیہ ہندۍ سیٹھاہ گٹہٕ لد کوٗنٕچ تمہٕ تہٕ بییہ طرفہٕ کوٚژ تمو پرٛن والین یا سماجس کُن بنہٕ کُنہِ تہٕ ذمہٕ وارِ یہ نِشہِ انکار ۔ زور دِتھ اَتھ پیٹھ زِ لیکھن وول کیاہ تہٕ کیتھ پاٹھۍ چھُ سوٚنچان ۔ یِمہِ کیتھ ہنز ذمہٕ واری مانِتھے نہٕ زِ یہ تہندِ سوٚنچ ماگو ژھ کانسہِ فکرِ تہٕ ترٛن ۔

اُمکو علامت ماگرٹ ھی تہٕ لیکھن والی ہے تام محدوٗد روزٕنی ۔ ورجینیا وُلف، مارسل پروست وغارٕ چھ امی وقتہٕ لیکھان تہٕ یِہندٕ روٗی یہٕ چھ تقریبن یوٗہے تہٕ یِتھے پاٹھی یِہندِس اسلوٗبس مُتاثر کران ۔ یِہند اسلوٗب چھُ IMPRESSIONIST تصویرِس ہیوٗ ۔ یِمن نثر چھیٚنہٕ نثر پٔتہٕ نثر روزان ۔ سٕہ چھُ شاعری (خاصکرِتھ سُریلِسٹ SURREALIST شاعری یتھ اندر خیالن ہندین آسکن (ASSOCIATIONS) ہنزٕ تندل لگان چھے) ہند روٗپ اختیار کران ۔ یِتھے کنٕی چھ آلڈس ہکسلے سُند نثر اِسے ہِیُک رنگ رٹان ۔ ڈی، ایچ، لارنس چھُ جذبن وُتش دِنہٕ وول نظم گو شاعر بنان ۔ ورجینیا وُلفہٕ ہندی کردار چھ پنٕنی پنٕنی واضح رنگ ڈزاین شکل صوٗرتھ تھوٗتھ تہٕ کھریلد ذہنکی یادٕ وار باسان ۔ ٹھوٗس آسنہٕ تہٕ ہوٗائی ۔ (مثلن "مسز ڈیلووے" ناولہٕ اندر مسز ریمزے ناووک کردار) ناو وژاو اُمس "کہنہٕ" ناولہٕ سٟتی ۔ ورجینیا وُلفہٕ متعلق تہٕ چھُ یی یاد تھوٗن لایق زِ تمہٕ تہٕ ژیوٗن پنٕنہٕ زمانک دود ہمدردی سان نگرتھ دِژن اکھ نیم حقیقی شاعرانہٕ شکل یوٗسہٕ ٹھوٗس چھیٚنہٕ ۔ تسُند اسلوٗب تہٕ چھُ انسانی موڈن تہٕ جذبن دٲیراونُک عمل پیش کران تہٕ زبانی اگرے اتھ کرناوِ PROCESS دوران وتھٕ بٔنیل پھیران چھُ تسُند "تخلیق کار قلم چھیٚنہٕ اُمہٕ خاطرٕ ذمہٕ دار" ۔

## ۷ :۔ نوٚو دِلیر دُنیا

یہٕ اوس متضاد انسان توبن تہٕ موزوٗن لفظن اندر پیش کرنُک زمانہٕ ۔ اگرے تمہٕ وقتُک فِکشن بے راہ رَو باسان چھُ، ڈراما (مثلن ابسٔرڈ ڈراما (ABSURD) بےٚ ہوٚٹہٕ تہٕ بے لوٚٹ یا بییہٕ طرفہٕ اُدیب یتھ خود رَو زِ سٕہ چھیٚنہٕ پرن وٲنس یا سماجس کُن رٔژہ تہٕ ذمہٕ دٲری مانان، یہٕ اوس اکھ قدرتی ردِ عمل ۔ مادی ترقی، سرمایہ دٲری نظام، نوآبادین ہنزٕ ٹانگہٕ ٹانگ، سائنسی ایجادن ہنزٕ مہربانی، ایٹم خاہش تہٕ جنگِ عظیمن ہنزٕ تباہ کٲری یہٕ، یم سٲری عنصر آسی اُدیبس اکہٕ طرفہٕ مویوٗس تہٕ پریشان

کران مگر بیٚیہ طرفہٕ اَدرٕ نیٖتھ خابن ہنٛز وَکھنے کرنٕس بیٚیھ مجبوٗر کران ۔ اَدیب
اوس یَپنُے دوٚند ژھارَن ژھ ناوان ۔ سہٕ اوس سماجس ستی بغاوتھ کرنہٕ وزِ بعضے
نراج ANARCHIC تصورن لولہٕ مَتہٕ لاے کران تہٕ کیاز تمِ اوس سوٗنچمُت
زِ اَدیبہٕ ہنٛز کام چھنے صرف تصویر بناونی تتھ معنے دِیُن تہٕ ۔ گٔنُو ہمہ ضدیہٕ مندبو
زیٹھو مذہبی تہٕ سماجی تقریرَو اوس سہٕ تنگ اَومُت ۔ تمِ کرٕ پننہٕ زوالہٕ لدٕ سماجِچ
عکاسی مگر کانہہ حل دِتُن نہٕ ۔ تمِ وُچھ خاب مگر تم کرِن تیتھی سے بے معنہ اندازس
منٛز پیش یَتھ منٛز تمِ آئیس ۔ ڈی، ایچ لارنس (لیڈی چیٹرلی ہند عاشق ۔ پَنٕچو کہ تہٕ
عاشق، سوٗنزل ناولہٕ، اکھ جدید عاشق، نوٚ حوا تہٕ پژون آدم، گو لاب باغچ
ژھاے بیتر افسانہٕ) کرٕ جنسی آزادیہٕ ہندِ خاطرٕ کانٕی جدو جہد تہٕ اکھ تہذیب کوٚرن
اَمہ کھوکھ نِشہٕ یکہٕ ۔ زنانن ہند حُسنِ بیان کرٕ کرٕی اوس اَوتام اَدیبو مین یوٚہے
"انسانی تھوٚد" (مافوق الانسانی) موکھُٹ ناکی ژھنمُت تہٕ لارنسن اَون مردانہٕ
حُسن بارسس ییٚس زنانہٕ ہندِ خاطرٕ زیادٕ پُرکشش چھُ ۔ یتھے کٔنی کرٕن اَکس
رلوایتی سماجی قدرن مُخالفت ۔ یہٕ تہٕ چھنے حقیقت زِ تسندیہ مرد چھُ دراصل "جانور
مرد" جنسی لحاظے یوت نہٕ بلکہ دماغی تہٕ احساسو لحاظ تہٕ ۔ تسند اَدب تہٕ چھُ
پننہٕ زمانچ کس مشینی تہذیبس طنٛز ۔ کران تہٕ اَتھ اندر انسانی شعورٕ منس بیٚیھ واویلا
کران ۔ آلڈس ہکسلے ین (تم بنجر پیٚنہ ڈھیر، مقابلہٕ ناولن منٛز) کرٕی اَدیب تہٕ آرٹسٹ
پیش ۔ یمِ زیٹھی بحث کران چھ مگر زندگین اندریہ نیٚنے اصولن بیٚیھ ٹیکتھ ہیکان
چھنہٕ ۔ یتھ کٔنی چھُ باسان زِ یمَنس بے ہوٗد اَندی نکھس چھ سخ طنٛز ۔ کران تہٕ ہاوِتھ
دِوان زِ اَزیک انسان کوتاہ چھُ یتھ بے ترتیب دُنیہس اندر رووُمت ییٚتہِ
چھُ باسان زِ تسند رُویہ چھُ اکھ نوٚو تصوٗف پیش کران ۔ تسنٛز مشہوٗر ناول
چھے "نوٚو دلیر دُنیا" اَتھ منٛز ۔ وُچھ تمِ اکِہ تتھ دُنیہک خاب ییٚس زن کھوژونس

ماحول س اندر ووتھ کر گریتھ اندر انسانیتک لحاظہٕ ملاحظ بنیہ بار سس پیہ ۔ خاب آور دواہ
سیدن استعمال مگر نو قصان واتناون نہٕ ، جتنی لذت تہٕ یلگی یہ روز نہٕ ہٹاکھ ، انسانہٕ
ہندی وحشی جذبہٕ سیدن کھلہٕ پاٹھی ظاہر ۔ اما پوز انسانہٕ ہندی ارادٕ آسن نیک ۔ اتھ ناولہٕ
اندر یا اوٚی ہتھ ہتن یمن خیالن کٕر مکسلے ہن پتہٕ بنیس کتابہٕ "نوٚ دلیر دُنیہک دوٚیم سفر"
اندر ایسے ہن ہنز شکلہٕ اندر تشریح یتیہٕ زن یہ صاف دوٚن زسایش گوژھ یہ دُنیا
زیادٕ دلوٚ یہٕ وٚن بناونہٕ خاطرٕ استعمال سپدُن ۔ گور کی پُس پیہ کرٕ نکولائے آستروسکی
(ناہ دٕڑاو شیٹہر ناول) مخایل شولوخوف (ڈان چھنے سوٚت سوٚت وسان ناول)
بورس پاسترناک (ڈاکٹر زواگو ناول) تہٕ سولزنتسن (کینسر واڈ ناول) بیتراد یو تمہٕ دُنیہکی
نٕ بیکھی منفش لیٚ مانوس مغربی سرمایہ دارانہٕ نظامہٕ نتہٕ بیوٚن آسہٕ کنہٕ دلوٚکھٕت تہٕ باسان
چھُ تہٕ سید سیوٚد تجربہٕ چھ کمیہ کنہٕ غلط تہٕ پیش سپدان چھ ۔ جماتی تعمیر خاطرٕ مشخص کرنہٕ آمت
منظم سماج تہٕ تمیچ ادبی عکاسی آیہ اَدے گراشکہٕ چوٚ نظر وُچھنہٕ تہٕ گرا منظم مغربی کوشِشو
ستی ذلیل تہٕ کرنہٕ ۔ مگر یکسلے ٹُنڈ "نوٚ دلیر دُنیا" جارج آدرلن ٹُنڈ "۱۹۸۴" تہٕ "جانور
فارم" اگرے اکہٕ متبادل دُنیہک نقشہٕ پنہٕ مشروط نظرٕ ستی باوان چھ صرف اَمچہٕ خامیہ
یاژٕ وُچھنہٕ تہٕ گوو یا نہٕ تہٕ شرطاونہٕ یُن ۔

## ۸ : مرُون مغربی نظام

گوکہٕ مخصوص حالاتو تہٕ خیالی ارتقاہن بنوو دُہمہ صدیہ ہُند زیادٕ تر فکشن
فنی لحاظہٕ تجرباتی تہٕ یمن اَدیبن ہُند ذکر ہیرِ کنہٕ آد تموٚ سارِوے کوٚر فنِ افسانہٕ سخ متاثر
تہٕ کرتھ چھ ہمینگ وے ، کافکاہ تہٕ کامو پرتھ لحاظہٕ الگ مقام تھوان ۔ یموٚ یاد ہم عصر
دُنیہچ تٔیٹھ حقیقتھ تہٕ انسانی شعور س اندرٕ ڈنگ دِتھ کوٚرکھ معلوم زِ زندگی تہٕ موت
خوشی تہٕ غم مرضی تہٕ مجبوری ہوٚن فلسفی تصورن کیتھ پاٹھی یہ ٹھوس سماجی واقعس اندر

شکل دِنہٕ یہٕ کیتھ کٔنٛزِ ین افسانہٕ اَکِس قالبس منٛز پاراونہٕ ۔ ہیمنگ وے سٕنٛز مشہوٗر ناولہٕ سمندرٕ تہٕ بڈکاک" "ہنتھی یارن کرُو رہ نصیحت" یا افسانہٕ "قاتِل" "واہ انڈین بٹیس ملکس منٛز" چھِ پٔنٛنۍ الگ اسلوب قایم کران ، یتھ نہٕ کانٛسہٕ نقل ہیوٗک کٔرِتھ۔ کافکا سٕنٛز ناولہٕ "مقدمہٕ" "قلعہ" یا افسانہٕ "جسمہٕ بدلی" "چینگ بوڈ دیوار" چھِ مغربہٕ کہ مرٔنہٕ نظامُک دوکھ لدرٔوپ اُباران یتھ پیٹھ اُسُن تہٕ یوان چھُ تہٕ وُدُن تہٕ۔ کامیوٗ سٕنٛز ناولہٕ "اجنبی" "طووٗنہٕ" جاں پال سارتر سٕنٛز مشہوٗر ناولہٕ (یمُو وجودِ یتکس جدید تصورس بُنیاد ترآو) "من پھیرُن" "رُحس اندر نشتر" تہٕ "منطبقُک زمانہٕ" چھ تتھ قابلِ رحم حالژ اندر پھسے ہٕتس انسانس پیٹھ مرضیہٕ ہُند استعمال کرتس کُن وتھ ہاوان ، یوسہٕ خاصکر دوٚیمہٕ جنگِ عظیمہٕ پتہٕ آس۔ یمہٕ تخلیقہٕ چھےٚ پیٹھوٚ وأنی کمہٕ تام بَدلے سماجہ کہ انسانہٕ سٕنٛد حال باوان آباسان مگر دراصل) انسانہٕ سٕنٛز مجبوٗرِ یہ پیٹھ طنز کران ، تس زیر دِوان یُتھ سُہ پان تہٕ مارِتہٕ پانے بہ پانس تارتس پیٹھ سو نچنس پیٹھ آمادہ تہٕ گژھہ ۔ فنی لحاظہ چھُ یہند افسانہٕ گرا شعوٗری کہنہٕ ہُند سہارہٕ نوان تہٕ گرا دستاویزی صوٗرتھ اختیار کران ، گرا ایپکہ ڈی دی بور کران تہٕ گرا زیٹھ مونولاگ دی دی پٔنُن منتشر ذہن یشرنہٕ پارٕنہٕ ورأے پرٔن وألس برونٛہہ کنہٕ تھوان ۔

یتھ کنۍ ؤچھاسہٕ ژوٗہم صدی چھےٚ مغربی افسانہٕ کِس توأریخس منٛز سیٹھاہ اہم تہٕ موضوٗع تہٕ ہیٔتہٕ لحاظہٕ کوٗر أمی ادب تیوٗتاہ متاثر زِ یہ چھُ کُنٛہہ صدیہ مقابلہ بالکل بدیمہٕ باسان ۔ موضوٗعکی نوٚرٕن دیت ہیٔتہٕ جارتہٕ نوٚی رٔوپ آیہ بارسس یتھ منٛز مصوری ، موسیقیہ ، رقص ، فلسفن ، مذہبن ، سیاستن ، فلمہٕ ، ٹیلی وِجنن (ووٗنی سیٹلایٹ تہٕ) ریڈیوٚہن وِ غارا اہم رول ادا کوٗر ۔ یتھ نہٕ ۱۹۱۰ ۔ ۱۹۶۰ء یس اندر کوٗر مغربی ناولہٕ تہٕ افسانہٕ پیٹھ نہٕ یمہٕ ساری توأریخہٕ کھوتہٕ زیادٕ منزل طے۔

# ٩ :- ہندوستانٕی افسانہٕ : مغربی قالب تہٕ مشرقی رُح

یہ چھُنہٕ محض اتفاق کہ ہندوستانٕی افسانہٕ پیو دُہمہٕ صدی ہِتی تھنہٕ تہٕ
یتہٕ من شیتَن ؤرِہین اندر پیوٚو اتھ سُہ سورُے فاصلہٕ طے کرُن یُس مغربی افسانن
دوٚن ہتن ؤرِہین اندر کوٚرمُت اوس۔ یہ کران کران برٛاو سانہٕ مُلکُک افسانن یتہٕ
الگ شخصیژ تہٕ اتھ اندر آیہٕ ہندوستانٕیتھ۔ مگر کلہم پاٹھی روٗد یہ مغربی افسانہٕ ترٛاین
ہِتی ہِتی دوکڈان۔ گرایہ گرٛھان تہٕ گراژھوکان۔ مغربی افسانہٕ کس تنوظس
اندر ہندوستانٕی افسانہٕ وُچھن چھُ ضروٗری تہٕ کیازِ یہ صنفے چھےٚ مغربی۔ یہ آیہ یورٕ مغربہ
بیٹھے، خاصکر یتھ جدید افسانہٕ۔ ووٚن گوو یتہ ہن پچھےٚ زِ یتھےٚ چیژو فن مغربی افسانس
نوٚوموڈ دیت، یتہٕ اوس افسانہٕ وُنہٕ زیو انٕے۔ مگر ہندوستانٕی افسانہٕ کس ارتقاہس
دیُت چیژو فنَن وارِیاہ مدد۔ اَتھ چھُ وُچھان زِ یہ افسانہٕ روٗد اولے سمٲجی حقیقتس
عکٲسی کران۔ مغربی زندگیہ ہنز ہش حالتھ آسہٕ یتھ مُلکس منز تہٕ اوکنی آیہٕ نہٕ اتھ
تیز تبدیلیہ۔ تمی نوٚور تہٕ رفتارٕ سان یتھ راہ ترٛ آیہ، مگر بذات خود اُس یتھ مُلکس
اندر اَکھ تحریک چلان۔ آزادی ہنز تحریک سیاسی آزادی برٛاونٕچ عوٲمی تحریک
تہٕ اتھ آزادِیہ دباونٕچ نوآبادیاتی مہم۔ تشددچ سیاست غرض ییچ کہِ، کھاہ تہٕ خانہٕ
وُچھار کرونی ژھنڈ آسن اکہ طرفہ کڈمٕژ تہٕ خان بہوٗدر تہٕ راے بہوٗدری ہند خطاب
آسی بیٚیہ طرفہ استحصالٕچ بنیاد ڈراوان۔ کارخانہٕ آسی بڈان تہٕ گام آسی وُجار گرٛھو
گرٛھو شہرن اندر ژلگی جونپر بستی تین اندر تبدیل گرٛھان۔ تبدیلیہ آیہ یتہٕ تہٕ یوان
مگر بیٚیتہٕ آسہٕ جنگ عظیمن ہندی پادکری متی سوال ڈتھ ہتی یتھ اندر انسانہٕ ہنز مرضی
مجبوٗری تہٕ موت وبرٛھناوہٕ یہ ہے۔ یینکی افسانن یُس خالص ہندوستانٕی رنگ رٔٹ
سُہ اوس سمٲجی حقیقتس بینُ رنگ تہٕ سون قومی مزاج آو تھی اندر دائراوہٕ۔ پریم چند

چھ ابیک نمایندہ مصور تہٕ یہ ہیکہٕ صاف بوزنہٕ یتھ زٕ تسندِن افسانن اندر چھنہٕ
سماجس اندر آمژن بیرونی تبدیلین ہنز ترژھ عکاسی کرنہٕ آمژ یژھ سیاسی
تبدیلیو باوجود سماجی دباوو تہٕ ظلمو پھر تر آوی متس انسانہٕ ہنز کرنہٕ آمژ چھنے۔
تسند کردار چھ انقلاب انُن یژھان مگر ہتہٕ بدن ورین ہنزن زونجورن
چھس کرزی پرزناونی، ہانکلہٕ بدکڈنہٕ۔ اد ہیکہ بھرٕ آدتھ۔ اگرے ہندوستانی
افسانہٕ فنی لحاظہٕ وُہمہٕ صدیہٕ اندر آسہ تہٕ کنُوہمہٕ صدیہٕ ہندی مغربی افسانن
متاثر کورتہٕ ڈکنس، ماپاساں، ڈیلس، ٹالسٹاے اکھ وتہٕ ہاوکی رودی مگر
مفہوم تہٕ متنہٕ لحاظہٕ کورٕ امی بنہٕ وقتک سماجیاتی نوقطے نظر زیادٕ قبول۔ چیخوف
گورکی بیتر رودی اکھ نظریاتی راہنما تہٕ ادیب رودی سماجی شعورس تابع۔ افسانس
پیٹھ ترقی پسند تحریکہٕ ہند زیادٕ سون اثر پینک وجہ آسی ینتکی مقامی حالات چالانکہ
یہ تحریک روزنہٕ آزادیہ پتہٕ موثر تحریکہٕ ہندس صورتس اندر ادبس متحرک
کران، مگر یہ چھ قدرتی امر کہٕ فکشن ادب رود سماجی قدرو ستی پانتے بینہٕ
قدر متعین کران۔ شاعریہٕ ہنز کتھ چھے بدل۔ تمیک مزاج چھ بدل اوے
چھ اسی وچھان زٕ آزادیہ تام اوس نہٕ سانہٕ ملکہٕ کس افسانس پننُ قومی رنگ۔
ووں گو مغربی اثر روٹ امی صرف تھی حدس تام یوت تام سہ بینہٕ سماجی
حقیقت باونس مددگار اوسُس۔

یہ ہیکو نہٕ وننتھ زٕ آزادیہ تام کیا اوس نہٕ وُہمہٕ صدیہٕ ہند مغربی افسانہٕ
ینتہٕ کس سوچس بلکل اثر انداز سپدیومُت۔ ۴۵ - ۱۹۴۰ ئس اندرے آسی
IMPRESSIONISTIC تہٕ دستاویزی اسلوب سانین ادبین برمہٕ راوان۔
مگر غار ملکی تہذیبس تہٕ سیاستس ستی جنگ اوس یہند کلہم سوچ آوراون دول
واقعہ ینمہٕ نشہٕ الگ گژھن خودکشی کرنس برابر اوس۔ سانہ بدن ورین ہندہ

سماجی تہٕ مذہبی رِلوایتو رسومو اوس ییٚتہٕ کٔن دِیتمُت ، تِموٚ نِشہٕ بدٕلن گژھتھ سوچن
تہٕ لیکھن وٲلۍ اٲدیب تہٕ بیدی پاد، مگر تِہنز آواز روٗز کم زور۔ مقامی رسم تہٕ رلوایژ
مقامی زندگیہ ہندی تضاد تہٕ کم۔ وٕریہٕ ییٚمۍ ادیبن قومی تہٕ بیاکی مسلن ہندس تنوظرس
منز گاشہٕ ناوِشہٕ اٲدیب روٗد کامیاب۔

## ۱۰:۔ پھٹمٕژ پرٛتھ

آزادیہ پتکی ماحولن دیُت وارِہن آشن تہٕ ووین ہن بھیش۔ ییٚتکی واقعات
بدل اٲستھ تہٕ باسیو حساس اٲدیبن زِ مغربی صورتِ حال زن ییٚتہٕ تہٕ ڈ دراوتہٕ یوان۔
ییٚتہٕ سپُد بیشک قومی تعمیرک یلغار، مگر غلط منصوبہٕ بندی تہٕ بے ایمان عملہٕ کور مویوٗسی
تہٕ FUTILITY ہُند ماحول تیار۔ مغربی دانشور اوس مویوٗس زِ تیتک بوٗد نظام
لیُس کینژہاہ نوآبادِین ہندن روٗیین پیٹھ کھڑا گومُت اوس تہٕ کینژہاکن ہنز محنت
کشی پیٹھ پژھیو مُت اوس، سُہ ہیوٚتن اوندرٕنی تضادو کنہ کھوکھُر گژھن۔ بیچھے
آیس دوٚن جنگن ہندی ٹاس۔ انسانس راوُتہٕ پننس نظامس تہٕ سماجس پیٹھ پرٛتھ تہٕ سوے
بے پرٛتھی بنیہ ادبک منشور۔ ہندوستٲنی اٲدیبن تہٕ پھُٹ پرٛتھ یوسہ تِمی ہتس وٕریس
عدم تشدد دسان جنگ کرتھ پرٲوِمژ اٲس، یوسہ تِمی ساہ بدن وٕرین انسان خُدایہ
سنز زِ تصور کرتھ تشکیل دِژمژ اٲس۔ ہتہ وٕریہ کہِ جُد جہد پتہٕ وو تلیومُت سماجی
عقیدہ تہٕ اگرا ینز نیر تیلہ کیا چھُ ہُن لایق؟ تہٕ یہ بے پرٛتھ، یہ بدنظمی، یہ سماجی استحصال
اظہار کرنہٕ خاطر آیی مغربی افسانن پیٹھ صدیہ منز بیمانہٕ گرِہتی۔ مغربی افسانہ اوس
زیادہ بوٗرتھ بُرد بار تہٕ اَمہ نِش فایدہٕ تُلُن اوسُنہ غلط۔ ووٚنی گو ویژہن گے زِ تمِ
بیمانہٕ تہٕ ۱۹۳۵ تام یا ۱۹۳۰ ییٚس تام پرٛانے متی آیی تم ہیٚتن ییٚتہٕ نوی تہٕ لوبہ وٕنی
باسنہٕ۔

## ١١:- مغربی پیمانن ہنز سولبہٕ رلواینہ

افسانکی پیمانہٕ کیاہ چھ تہٕ کیا اسی؟ مغربی افسانہٕ کیا اوس گوڈٕ یوان ماننہٕ اَتھ متعلق سونچس اندر کیا تبدیلیہ گیہ تہٕ یہٕ کوت ووت یہٕ؟ مشرقس اندر ییٚس روایتی افسانہٕ اوس سُہ کیازٕ گو و نامنظور؟ یمن سوالن جواب دِتھے ہیکو اسی کاشرس افسانس کُن پھیر تھ۔ یہ پزٕ اسہِ یاد تھوٚن زِ کاشرِس افسانس آس افسانچ ڈوڈ سنتھ ژری پرٲنی رلوایت ڈکھس تہٕ شعوری طور اوس کاشر افسانہٕ نگار تتھی رلوائیس پننی پاٹھی ہریہ کران۔ سیاسی تہٕ سماجی حالات اسی تمس پننی مخصوص، زبانی ہند ارتقا اوس تمس پننی تہٕ تمہ کنی پیوٚو کاشر افسانہٕ تمی وقتہ تھٔنہٕ پیلہٕ سُہ پیوٚو۔ مگر مغربی تہٕ ہندوستانی افسانہٕ اوس تمہِ ورٕتس بروٚنٹھ کنہٕ اوٚرتہٕ تہٕ بوٚرتہٕ تس اوسنہٕ اَنہٕ گنڑ اندر کینہ سارُن۔ افسانہٕ نگار اوس پوٚرمُت لیوکھمُت حساس شخص ییمی نہٕ صرف افسانہٕ چہٕ مختلف رلوایژٕ سمجھنہٕ آسہٕ نہٕ صرف افسانوی نمنگ پوٚر مُطالعہٕ کوٚرمُت اوس بلکہ سُہ اوس اَتھ پانس پیٹھ کھڑا زٕ پننہٕ خاطر ییکہٕ ہے کانہہ خاص وَتھ ژارِتھ۔ اوکنی چھے نقادن ہند خاطرٕ سہل وَتھ بیہے زِ سُہ وُچھ زٕ گوڈ گوڈ کاشر افسانہٕ کیا آدرش چھ بروٚنٹھ کنہٕ رٹان ہہ کمہ تحریکہ سٕتی چھ متحرک سپدان تہٕ کیازٕ؟ یہ تہٕ ہیکو اسی ژانٹھ زِ کانہہ تحریک کیازٕ گیہ ییتہٕ پھلی تہٕ افسانس کیا اثر ترٲوون؟ خاطرٕ یم ساری سوال تُلو اسی۔ گوڈٕ وُچھو افسانکی مغربی تہٕ مشرقی پیمانہٕ کیا اسی؟

## ١٢:- افسانکی مغربی پیمانہٕ: ولکاہچ دلیل

یہ کتھ آیہ گوڈٕ نیتھے وَنہٕ زِ داستانہٕ افسانچ شکل دِنہٕ والی گوڈنکی افسانہٕ نگار

ایڈگرایلن پوہن کر یتھ ہن زِ افسانہٕ اوٗن رٔژھا وُٹھ۔ موثر بننہٕ خاطر کورُن اتھ اندر
اَکے توثرُ یادِ۔ تَتھ پیٹھے روٗد افسانہٕ خاطر یہ لازم زِ اَتھ گژھہِ اَکے توثرُ آسُن۔ یُہ یہ
اَتھ تیلہِ ییلہِ یہ زندگیہ ہٕند اَکے پوٗکھ پیش کرِ۔ اَدے تہٕ چھُ ہڈسن مانان زِ اَتھ اندر گژھہِ
خیال تہٕ اَکے آسُن، ییُٔس اَکی مُدعا تہٕ اَکی سے طرفس کُن سفر کران کران کُنہٕ منطقی نتیجس
پیٹھ واتہِ۔ (دِ آیڈیا مسٹ بی ورکڈ آوٹ ٹو اِٹس لاجکل کنکلوٗجن وِد ابسلیوٗٹ
سنگلنیس آف ایم اینڈ ڈایریکشن آف میتھڈ) (این انٹروڈکشن ٹو دی سٹڈی آف
لٹریچر) واحد توثرُ آو یتہٕ انسائیکلو پیڈیا برٹینکا یہ اندر تہٕ افسانہٕ کین لوازمی مانن منز
درج کرنہٕ تہٕ تتہٕ آو صاف مانہٕ زِ ناولہِ ہیکہٕ نہٕ یہ توثرُ وحدت اَستھ (اے ٹرو شارٹ
سٹوری ڈِفارس فرام دِ ناول اِن اِٹس اسنشل یونٹی آف امپریشن۔ اِن اے فارمور
ایکزیکٹ پرسایز لوز، دی واڈ شارٹ سٹوری ہیز اے یونٹی وِچ اے ناول کین ناٹ
ہیو) (جلد ۲ صفحہ ۵۸۰) توثرُک کنہ آو یتھ کنہ افسانک گوڈنیک لازم مانہٕ دوٚیم
کتھ اَس طوٗلچ۔ حالانکہ یتہٕ آیہ افسانکی توٚی نوٚی قسم تہٕ زیٹھ افسانہٕ لیکھتھ یم بعضے لوکچہِ
ناولہِ کھوتہٕ تہٕ زیٹھ آسی مگر گوڈ گوڈ دیت سارِوے افسانہٕ کس موٗختصر آسنس پیٹھ زور۔
ایچ۔ جی۔ ویلزن کوٚر یہ تہٕ مقرر زِ افسانہٕ پرنس گژھہِ نہٕ اَڈِ گنٹہٕ زیادہ کال لگُن۔ جے ٹی
شپلے ہن کرِ اس ییتھ ترمیم زِ اکھ افسانہٕ گژھہِ عام پاٹھی اَکی سے بیٹھکہِ اندر پرنہٕ یُن۔
(اے شارٹ سٹوری اِز اے نریٹو شارٹ اینڈ ٹو بی ریڈ اِن اے سِنگل سٹنگ رِٹن ٹو
میک این امپریشن آن دِ ریڈر۔۔۔) (دِ کوابیسٹ فار لٹریچر صفحہ ۲۹۹) وقتچ یہ
بندِش لوگو کرنک اوس اکھ خاص وجہ۔ اَرداہمہِ کُنہٕ ہمہِ صدیہ اندر کرُ مغربی دُنیہن
تیزی سان ترقی تہٕ تیتیُک ادب تہٕ روٗد تتھ ستی دَوان۔ صنعتی انقلابن تہٕ نوآبادیو
پیٹھ ینہٕ واجنہٕ دولتہٕ کُر تمن اکہِ طرفہٕ زندگیہ ہٕندٕ آرام مویسر تہٕ بییہِ طرفہٕ اوس نہٕ رفتار
برقرار تھونس چارہ کانہہ۔ یا پرجائی تہٕ مقابلچہ اَتھ دَو دَوِ اندر بییہِ افسانہٕ تہٕ اَڈ کانہٕ

ناٹک تھہٕ یِم دراصل ممکن ۔ بجوٗ ناولوٗ تہٕ بڈٕ ہو ناٹکو بدلہٕ کم وقتس اندر محفوٗظ کران آسی ۔ رفتارٕ اَس زندگیہ ہند حصہٕ بنیم ۔ تہٕ اَدے کوٚر نقادو تہٕ مقرر زٕ افسانہٕ یا ناٹک گرٛتھ پھِر پھِر کران پرٛتہٕ یُن ۔ ژٕلی وٕنہٕ زندگیہ ہنز ۔ گرٛتھ یہ اکھ ژٕلہٕ وِنی تصویر آسُن ۔ یٚرن وول گرٛتھ موجھ منز ژٕھتہٕ پانس ستی دوٚ ترٛاونا وُن ۔ اَمہ خاطر گرٛتھن اَتھ اَندر آمتیٚ واقعات توقع نبر تہٕ آسن ۔ اَتھ گرٛتھ وِکاس سپدُن تہٕ افسانہٕ گرٛتھ کھسان کھسان تتھ تیٚتانس واتُن یتھ یٚرہٕ نوقطہٕ عروٗج وونیمہ ۔ یتھ پاٹھی ہیٚرنن اُفسانُچ ناوے DEFINITION صحیح گرٛتھن ( اے شارٹ سٹوری شُڈ بی اے سٹورِی اے رِکارڈ آف تھِنکس فُل آف انسِڈنٹ اینڈ ایکسی ڈنٹ سوفٹ مووْمنٹ اَن ایکسپیکٹڈ ڈیولپمنٹ لیڈنگ ٹوٗ اے کلایمکس اینڈ اے سٹیسفائنگ ڈِنومان ) بلکہ زندگی ہنز دوٚ ستی دوٚ ترٛاوان وول افسانہٕ آو گُرس دوٚ ہیوٗ مانہٕ ( اے سٹوری اِز لایک اے ہارس ریس ، اِٹ اِز وِی سٹارٹ اینڈ فنش دیٹ کاونٹ موسٹ ) ناول اینڈ پویٹری صفہٕ ۱۱۷ ) واقعہ تہٕ رفتار یِم زٕ لوٗ آزمات یِنہٕ ستی گیہ افسانس اندر کینہہ عنصر لوٚر پاٹھی قایِم مثلن پلاٹ ، کردار تہٕ تجسُس ، مکالمہ ، زبان ، مقصد ، اسلوٗب وغایر ۔ موخصر پہ زٕ افسانُچ تکنیک ہیٚرن مقرر گرٛتھن تہٕ اَمِچ تخلیقی عمل پیٹھ آو سوٗنچ کرنہٕ ۔ آر ۔ ایل ، سٹیونسن چھُ پنٕن تجربہ یتھ کنی وٕرتھ ناوان ۔ '' یا تہٕ نموٗ اَسی پلاٹ تہٕ کردار کرو تتھ اندر فِٹ یا تہٕ نِموٗن کردار کانہہ یتہٕ ژھار وکھ تہنٕد خاطر واقعات یتھ سٕہ کردار ارتقا لیہ ۔ ۔ ۔ ۔ '' یتھے کنی ووٗن بیٚنے نقادن زٕ فِکشنک تنقید چھُ یی زِ کردار چھُ بنہٕ عملہٕ ستی نوٚن تیران تہٕ تہنٕدی وصف چھ عمل نٔنی راوان ۔ ( اُون آف دِ بیسٹ ڈیفینیشنز ۔ الور گون آف دِ ٹیکنیک آف فکشن اِز دیٹ ایکشن رِویلز کریکٹر اینڈ دیٹ کریکٹر ڈیمانسٹریٹس اِٹسلف اِن ایکشن اینڈ ایکشن اِز اونلی این اَدروائڈ فار اِٹس ڈِنٹس ) ( شاٹ اِدقاولن شارٹ سٹوری صفہٕ ۱٦۵ ) وق گو و

بدلان تہٕ یتھٕ زندگیہ بدلیہ قدر بدلیہ ادٕ تیٚہ صورتھ تہٕ گے بدلان۔ افسانہ روُد نہٕ صرف وٕنیتھس پوٗرٕ تھس واقعس لورتہٕ نہ روُد محض اتفاق افسانک وٕکاس طے کران۔ سائنس فلسفہ تہٕ منطق آیہ زندگیہ ہٕندس پرتھ شعبس اندر تہٕ واقعہ روُد نہٕ صرف حادثس تام محدوُد۔ حادثہٕ ہیٚکہ باطنی تہٕ آسِتھ تہٕ اندروٗنی سفر چھُ بعضے بیروٗنی واقعاتن ہٕندس سکونس ادٕ رٕکھل کران۔ ایسلیے آویہ مانہٕ زِ افسانہٕ چھُ دراصل کِرداروٕک تہٕ اِستھتی ہٕند (سچوٗیشنہٕ ہُند) ہیجان پیش کران، یِم ہیجان چھِ اکھ اکس ستیٚ ٹھول کران تہٕ بعضے چھُ افسانہ بے حرکتھ تہٕ خالص بیانیا باسِتھ تہٕ دراصل سٹھاہ ڈاینمک آسان۔ وٕکاس ہیٚکہ صرف تجربک نو قطۂ نظرک آسِتھ۔ افسانس مَنٛز آسیٚ تن پلاٹ مگر اِستھتی تہٕ آسس سٕہ مَنٛز کریٚ تن انسانی تجسس پیش مگر انسانی دِماغٕچ مبہم سازی، خیالی وٕکاس آسس۔

(دِ ماڈرن شارٹ سٹوری ٹیلرس ہوٗ چینجڈ دِ ریٖنج۔ دِیرازسٹل اینڈ وینچر بٹ اِٹ اِز ناوٗ این اینڈوینچر آف دِ مائنڈ۔ دِیراز سسپینس بٹ اِٹ اِز اے نروس سسپینس دین این اِموشنل اینڈ انٹلیکچول سسپینس۔ دِیراز اے کلائمیکس بٹ اِٹ اِز ناٹ کلائمیکس آف اے ووٗمن ہوٗ ڈسکورس ہر لاسٹ جیولزان اے ہیٹ باکس ہیپی نِس اِن اے میموری) (شان او فادلین صفحہ ۱۶۴) اِستھتی ہتہٕ۔ اہمیت گے سُہ ماحول یاد کرُن تہٕ ماحول یاد کرنہٕ خاطرٕ آو مقامی رنگ بارسس۔ افسانہٕ آو مصوری تہٕ مرٕ گری نکھ۔ شاعر یہ ہتہٕ تشبیہہ آیہ افسانہٕ کس نثرس اندر تہٕ۔ امہِ ستیٚ اوس پرُن والی ہٕندین جذبن وُتیش دِنہٕ یوان۔ (لوکل کلر، ایز دِ ٹرم اِمپلایز، میکز اِٹس اپیل آلموسٹ اوریجنل اِن دِ آے آف دِ ریڈر۔ اٹماسفیرآن دادر ہینڈ میکز اِٹس اپیل آلموسٹ اِنسٹا یرلی ٹو دِ اموشنز۔ (گلن کلارک۔ اے مینول آف دِ شارٹ سٹوری صفحہ ۷۲)

## ۱۳:۔ مشرقی پیمانہ: پریم چند وغارٕ

یوٚہے افسانہ آو ہندوستانس منز۔ یِیتہٕ آس پُرانن ہندِ دتہٕ بیٚٹھے کتھا، آکھیایکا ناوٕ اکھ افسانہٕ کُہ صنف چالو، یوسہ زیادٕ تر تواریٚخی یا نیم تواریٚخی واقعاتن پیٹھ مبنی آس۔ اَتھ پیٚدٕ نہٕ خاطر خواہ ارتقا کینہہ تہٕ یتھ ضمنس منز چھینہٕ اَتھ پیٹھ کانہہ بحث کرنٕچ گنجایش صرف کرِ و سنسکرتکی مشہور عالم اے۔ بی۔ کیتھ سُند یہ وَنُن نوٹ زِ کتھا تہٕ آکھیایکایہ منز چھینہٕ خاص کانہہ فرق۔ یوٚ دوٚے عالمو اَتھ پیٹھ سیٹھاہ بحث کٔر۔ کتھ چاہے کردار پانہٕ وَنِن تہٕ (بحیثیت راوی) چاہے مصنف وَنِن تہٕ فرق چھینہٕ کہیں دوشوٚے چھے صرف منظوم داستانہٕ آسہٕ۔ اَمِچ بہترین مثال چھے دَنڈی سُند دشکمار چرت۔ تواریخ بنو و سنسکرت داستان گوٚین کارگر آلہٕ تہٕ خالص تخیٔلی واقعن تہٕ کردارن ہیوٚتن تواریٚخی جامہٕ وٚلُن۔ بیٚیہٕ ہیٚتن تواریٚخی کردار خالص تخیٔلی روٗپس اندر پیش کرنی۔ پُرانَن ہند ادب چھُ اَمیُک ثبوت۔ یتہٕ یتھ کُنہٕ شاعری ناٹک تہٕ یمَن پیٹھ کرنہٕ آمژ تنقید بھوٚج تِتھ کُنہٕ بڈ یریہٕ کتھا تہٕ آکھیایکا بلکہ کِیہ وارِ وارِ سوتان تہٕ تیتھے افسانہٕ مغربہٕ پیٹھ آو، یِیتہٕ کِس لکھارس آسہٕ اَمہٕ رِلوٲیتی کتھِ ہنز۔ اَمِکھ ٹیٚنیک تہٕ۔ یتوٚ پریم چند ہنز افسانٕچ ناوٕ۔ (ڈیفی نیشن) (تعریف)

۱، افسانس اندر گژھِ اکھ حقیقت آسنہٕ۔ اکھ واقعہ، اکھ جلکھ، اکھ نفسیٲتی حقیقت۔

۲، واقعہ بدلہٕ ہیٚکہ احساس تہٕ آسِتھ۔۔۔۔۔

۳، یتھ افسانس بُنیادکِہ نفسیٲتی پرزرس پیٹھ آسہٕ سُہ چھُ رُت آسان۔

۴، افسانہٕ چھُ دل بہلاوِی تہٕ کران مگر تتھ اندر چھُ دِلس تشفی دِنہٕ خاطر خیال وٕ تلاونک مصالہٕ تہٕ موجود آسان۔

۵، افسانٕچ تتھ گژھِ سارنے ماننٕ لایق آسنہٕ۔

۶۔ افسانس اندر گژھہِ نہٕ کہیں غٲر ضروٗری آسُن۔

۷۔ زبان گژھس آسان آسٕنۍ۔

۸۔ افسانس اندر ہیکن واقعات سٕرس آسِتھ یا کردار مگر حاوی کردار وول افسانہٕ چھُ کھسِتھ مانٕنہٕ یوان

۹۔ واقعات گژھن کردارن ہندِ دٕلہٕ نیرنۍ، مگر تم گژھن نہٕ زیادٕ اہم بنٕنۍ۔

صاف چھُ ظاہر زِ پریم چندن چھہٕ افسانکۍ یم لوازمات طے کران کران بیشتر مغربی تنقیدی نظر تل تھوٚمتۍ تہٕ بٔنیہٕ چھُن پنُن تجربہٕ تہٕ لوٚومُت۔ یہٕ ییتھے افسانہٕ پھاچھلان گوٚو اَتھ اندر آیہٕ نفسیاتی کھۄژ بیان کرنہٕ تہٕ اَمکۍ اصول تہٕ گٔے بدلان۔ گراد تکھ اَتھ اندر مقصدس اہم مقام۔ "کہانی مانو جیون کے چِرنتن پرشنوں (دایمی سوالات) اور چنتاؤں کے اُچت سمادھان (واجب حل) کی کھوج ہے" (جتیندر کمار۔ ہندی کہانی اور کہانی کار صفہ ۱۸۲) یعنے کہ زندگیہ منز۔ وہ تلے مژن دارِہن فکرن تہٕ مسلن چھُ افسانس اندر حل دِنہٕ یوان۔ یمن مسلن ہیکہ مختلف نوقطے نظرٕ کنۍ حل پیش سپدِتھ۔ سماجیاتی نوقطہ نظر مانن والۍ افسانہٕ نگار ییٚتھ پالن ووٚن اَوے زِ افسانس چھُ اکھ سماجی مقصد آسان۔ یِتھہٕ افسانہٕ نگارس چھےٚ اکھ سماجی ذِمہٕ داری۔ تس پزن زندگیہ منز بدصورتیہ تہٕ بدنظمیہ دوٗر کرنہٕ تہٕ جان نظام قایم کرنس منز مددگار بنُن۔ ییٚتھ پالن ییٚکھہ پننۍ افسانہٕ اَمی اصولہٕ مطابق تہٕ یہ کوٚرُن ثابتھ زِ ادب چھُنہٕ سماجہ نشہٕ بدوٗن پزٕتھ ہیکان۔ آزادی پتہٕ بدلیوو افسانہٕ تہٕ تہٕ افسانکۍ اصول تہٕ آیہٕ نوٚو سر طے کرنہٕ گوکرنوٚلہٕ افسانوی اصول آیہٕ نہٕ مژھ اوٚنہٕ۔ چیخوفن آس زندگیہ تہٕ افسانس واٹھ کران اکھ نفیس مثال دِژمٕژ۔ تمۍ اوس وونمُت زِ افسانہٕ چھُ زندگیہ منز تیوٚتے روٗپ وکھنان ییٚتھے شکل پیش کران ییژ آہ سمندرس بٹھس پیٹھ بیہتھ تھپتھ کھنڈ سمندرچ پیش کران چھےٚ۔ لگے ین ووٚن ۱۹۵۰ء ییس منز زِ "افسانہٕ چھُ زندگی ہنز ژھلے تہٕ زندگی چھےٚ پانہٕ

اکھ اوڈٗے افسانہٕ۔ اکھ سبق یُس دٕرٕس دائنہٕ میلان چھُ تہٕ زٕ نہٕ ہیٚمو کلان چھِنہٕ" (اَگےٚ "وِچھگا" صفہٕ ۲۲۲) زندگی چھِنےٚ بَرٕ نٕ اکھ مُسلسل جدوجہد، یوسہٕ کائنہٕ انسانہٕ ہٕندِ یٚمہٕ دُنیاہ گذرنہٕ پیٚتہٕ تہٕ چلان چھُ۔ افسانہٕ چھُ اَمہِ کےٚ اکھ منظر ہاوان۔ موضوع تہٕ تکنیکہٕ لحاظ وبرٕتھناوٕ اَزی کیو نقادو کہانی ہٕنٛز تہٕ یہٕ وٕنٛنھ صاف پاٹھن۔" کوتا میں جو ستھان لے کا ہے وہی کہانی پن کا ہے۔ کوتا چاہے جس حد تک چھند مُکت ہو جائے لیکن لے مُکت (لیہ ورائے) نہیں ہو سکتی...... کہانی پن سے رہت (روٗس) گدیہ رچناؤں (نثری تخلیق) کے بارے میں بھی یہی بات لاگو ہوتی ہے.... کہانی ہمارے جیون میں چھوٹی سی چھوٹی گھٹنا (واقعہ) میں بھی ارتھ (معنے) کھوج لیتی ہے یا اُسے پردان کرتی (دِوان) ہے۔" (نامور سنگھ: نئی کہانی: سار تھکتا اور سپھلتا صفہٕ ۱۳)۔

## ۴۔۱۔ سماجی پوٚکھ

اَتھ کتھِ چھُنہٕ شک زٕ از لوٚتہٕ افسانہٕ وٕ وہ تلان روٗدٕ اَتھ اندر روٗزٕ سماجی معنوٕ تہٕ نہٕ پیٚرتھ اَنمانہٕ موجوٗد روزان۔ اَمیک بیرٕونی روٗپ گوٚو واریاہ لَٹہٕ اکائیت ہیوٚ تہٕ مگر سماجی معنے روٗدٕ س برابر۔ یہٕ گوٚو افسانہٕ نگار ہٕندٕ ن انفرادی کُھرٕ ن اندر تہٕ گرفتار گمرٕ ن والیو تہٕ نقادو دیُت تمہِ افسانس مقام یُس کتہٕ سماجی حقیقتہٕ یا سماجی حقیقتہٕ ہٕندِ س انفرادی رَدِ عمل پیٚٹھ مبنی اوس یُس مصنفن ہٕندِ بیرٕونی تہٕ اندرٕونی دُنیاہ تہٕ اَتھکی تضاد، اَکمی ہیجان وچھنیج کوٚشش کران اوس۔ اَمہِ اظہار خاطرٕ بوٚو اَز کی افسانہٕ نگارن طنز۔ تہٕ بیو اکھ موثر ہتھیار۔ کملیشور چھِ ونان۔" کہانی دماغی سمسیاؤں کو کھڑا کر کے آرو پت (گچھنرٕ تہٕ آمتہٕ مصنوعی) ساماجکتا کی اور نہیں بلکہ ساماجک اور سماج سے سمپرکت (وابستہ) دیکتی (فرد) کی یتھارتھ چیتنا (حقیقی شعور) کی اور اُنمکھ (وہ تلان) ہے۔ یہ یاترا کہانی سے یتھارتھ بودھ (حقیقی حسیت) کی اور نہیں بلکہ یتھارتھ بودھ سے کہانی کی اور ہے (نئی کہانیاں۔ مئی ۱۹۶۴ء

صفحہ ۳)

یہ کتھ چھےٚ اہم زِ کأشِر افسانٕک دس تُل تِمو مصنفو یِم سیٚد سیوٚد یا ورگہٕ پاٹھۍ سماجیاتی نوقطے نظرٕ ستۍ متاثر گامتۍ آسۍ۔ مگر یہ کتھ تہٕ چھےٚ یاد تھوٚنۍ لایق زِ یِم لِکھارۍ آسۍ کُنوٚہمہِ صدیہِ ہُند مغربی افسانہٕ ٹھیکھ پاٹھۍ زانان تہٕ تمہِ ستۍ آسۍ متحرک تہٕ گژھان۔ ماپاسان، اوہنری، ڈِکنز، ٹالسٹاے، ایچ۔ جی ویلز ہِوۍ افسانہٕ نِگار آسۍ یِمن ویدۍ۔ یہ اوبروٚنٹھ یِہُن ہاوُن زِ اَمہِ صدیہِ ہُند افسانہٕ اوس گرتھ تہٕ ژٔرتھ آسان تہٕ افسانوی عنصرن ہُند خاص خیال تھوٚوتھ اوس لیکھن وول لیکھان۔ اَمہِ کہِ اَثرٕ ستۍ تھوٚو ابتدائی کأشرۍ افسانہٕ نِگارن تہٕ تِہُند خیال۔ زیادٕ تر کردار آسۍ گوڈٕ پیٹھے پننہِ موقف ہیتھ افسانن اندر یِوان حالانکہ تِمن آس تباہ حالاتو کِنۍ تہٕ چھ کردار بدلان مگر تِم حالات تہٕ آسہ گوڈے صحیح کرنہٕ متۍ آسان۔ یہ چھےٚ عامَن تہٕ غامَن کُنوٚہمہِ صدیہِ ہِندِ مغربی افسانٕچ تکنیک۔ یہ وَنُن چھُ صحیح زِ ۵۵-۱۹۵۰ء کِس کأشرِس کردارس چھےٚ اَمہِ کِنۍ تبدیلی یِوان تہٕ کیازِ تِس ہُند خالق چھُ اکِہ خاص نظریہ مطابق تِس تعمیرٕ ون یژھان۔ نظرٕچ کتھ کرواُنۍ پتہٕ۔ کردار سیوٚد یا ورٕل بدلوُن یعنہٕ بدلوُن تھوٚون چھُ لِکھارۍ سُند۔ تکنیکی صلاحیژ تام آسان۔ سماجی یا سیاسی نظریہٕ ہیکہٕ کردار سیوٚدٕ اَستھ تہٕ باوٕنہٕ یِتھ تہٕ وَرٕل اَستھ تہٕ۔

## ۱۵.۰ سماج وادی ماحول تہٕ ترقی پسند افسانہٕ

۱۹۵۰ءکس کأشُر افسانہٕ نِگار کیازِ اوس سماجیاتی نظریہ ستۍ متاثر اَتھ سوالس چھُنہٕ یتمہِ علاوٕ کانہہ جواب زِ اَمہِ وقتہٕ اوس دانشور طبقس لۆبہِ نظریہ لوٚبہٕ وُن باسان تہٕ اَفے گوو اَمہِ وقتُک کأشُر ادیب تہٕ اَمہِ ستۍ متأثر۔ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شَک زِ نیشنل کانفرنسہِ ہِندۍ قومی تحریکن اوس سماج وادی نظامُک وعدٕ منشورس اندر گوڈٕ پیٹھے

شاٰمل تھوٚومُت یوٚدزَن اَمہ تنظیمہ اَتھ تصوٗرس پتہ وقتی ضروٗرتہ مُطابق نس ڈاج تہ
مصلحتن کاٰم ہیٚتۍ۔ کانگریس پارٹی ہندی پاٹھۍ۔ اَمہ تنظیمہ کوٚر وِوزُل جنڈ تہ البابہ ہُند
نشانہ اختیارٚس ظاہرن انقلاب تہ کوٚمیلہ ہیٚتۍ سرداری ہُند اعتراف اوس۔ ۱۹۴۷ء
پتہ جاگیرداری ختم کرِتھ زمین گریستیٚن دِنُک ہیوٚ انقلاٰبی قدم اوس تمہ وِز ساری سے
برصغیرس اندر بێیہ قسمُک واحد قدم۔ ہتہ بدِن وُریٚن ہند کلچرل پس منظرس کُنہ تہ محنت کش
طبقہ پرۍ شعورٚ آشنہ کِنۍ گیہ تہ تمہ وقتہ سماج وادی تحریک عام نہ اوس کم از کم لوٚرمُت
لیوٚکھمُت طبقہ وارٕ ہیٚس حدس تام سماجی رہبری کرنس آمادٕ۔ آزاد صاٰب اوس وارٕ ہیٚس
کاٰنسہ تام اَتھ تحریکہ ستۍ (سہٕ اوس ایم این رائے سند انقلاٰبی انسانیتکہ تصورہ ستۍ متاثر
لیٚس سماج وادی تبدیلیٚن ہُند لوٚکھ رٹان اوس) دانشن وراٰنہ ہمدردی تھاوان۔ مہجوٗر
صاٰب اوس عملن تہ اَتھ مدد کران۔ پریم ناتھ پردیسی سُند اردوٗ افسانہ ادب چھُ اَمہ
کتھِ ہُند گواہ کِمُلۍ تہ موزوٗرِ ہیٚتۍ ہمدردی کتھ کُنۍ ہیکہ ثقافتی حدن اَپور تٔرتھ۔ یہ چھُ
اَمہ کتھِ ستۍ ثاٰبت سیدان زِ محی الدین حاجنی صاٰبن لیوٚکھ "گریسہٕ سُند گرٕ" یُس بارہا گنڈنہٕ
تہ آو۔ "شہید" "چور بازار" ہیوٚ ڈراماگۍ مقبوٗل۔ ۱۹۳۱ء یِنہ بیٚٹھ کاٰشر تحریک
سیکولر تہ سماج وادی شکلہ اندر برونٛہہ پکۍ ۱۹۴۷ء یَس تام ییلہ یہ کامیاب گیہ اُسۍ
صرف شراہ وُری گامتۍ تہ ساری رہبر کیو کارکُن اُسۍ یتھس کمس کاٰلس اندر کوٚشش
بامن ییٚرتھ وُچھتھ سیٹھاہ شاد گامتۍ، حالانکہ اَتھ اوس ہندوستاٰنی قومی تحریک یلغار
پتہ کنہ زیٚر زیٚرہ دِوان۔ اَمہ کِنۍ گیہ اَکہ اَندٕ غریب عوام تھوٚد تُلنس کُن حکمرانن ہُنز بیماٰرٕت
TENDENCY تہ بێیہ طرفہ سہل انگاری یاد۔ نتیجہ دراو سماجی ذمہ داری ہُند
ہُباوتہ لاپرواہی کُن جُکاوتہ۔ خاٰر اَدیبن کوٚر اَمہ وِزِ جان روٗل ادا۔ یُس کلچرل
کانگریس قاٰیم کرنس تہ۔ سوم ناتھ زتشی، دینا ناتھ نادم، عزیز ہارون، ارجن دیو مجبوٗر
بیترِ اَدیبن ہندی افسانہ لیکھنس وجہ بنیو عام لکن ہندی پاٹھۍ چھُنہ کاٰشر اَدیب تہ زیادٕ

خطرٕ لٕی ہنگ قأیِں ۔ اَدے یوٚتام تمہٕ وقتہٕ چھ حکمران جماژ اَندر ترقی پسندن ہُند اکھ عنصر کار گر
رُوٗد تہٕ تام روزٕ اَدیبن ہنز اکھ بڈ پٲٹھ نظریس لٲکھول کران تہٕ نٕہ واہٕ اَیچ حمایت کران۔
رُوٗسہٕ کِس کامہٕ کار ورگن ہند انقلابُک بیدٕ سیوداثر بیو وُہ کاٚشرس افسانس مگر ہندی
اُردو افسانن اوس یہ برونہہ کُنی قبول کوٚرمُت ۔ کم از کم پریم چندن اوس ۱۹۲۱ ہس اندر
پنٕنہٕ "پریم آشرم" ناولہٕ اندر امیُک نہٕ واہٕ ذکر تہٕ کوٚرمُت ۔ یہٕ گے ترقی پسند تحریک تمنے
اصولن پیٹھ چالو یم اَم انقلابن قائم کٔرِ متی آسی ۔ کاشر بوٗ اَدیبو تھوٚو امہٕ تحریکہٕ ہندین علمبردارن
ہٕنٛز تعلق تہٕ سجاد ظہیر، یش پال، اُپندر ناتھ اشک، کرشن چندر، فیض، دِنکر، جوش بیتر اَدیبو
ہنز آیہٕ کینہہ یورتہٕ ۔ یہ تیکُ مصنف اوس تمہٕ وقتہٕ چین یمن ادیبن ہنزن تصنیفن پران روٗدمُت
تہٕ ترقی پسند نہجہٕ ہنز خاطر خواہ بیچ APPRECIATION آسن پانٔس اندر پاد کٔرمژ ۔ تس
آس اکہ طرفہٕ شخصی حکومتی نفرت تہٕ بیٚیہ طرفہٕ اوس بیتی سماجی بدنظامی دوٗر کرنی یرٕ ژھان ۔ امی لیے
کٔرِ تمی آزادیہ پتہٕ تہٕ آزادیہ برونٹھم غلامی ہندی تصویر منقش تیتھے پاٹھی ۔ یتھ پاٹھی انقلابہ
بیتکی رُوٗسی اَدیب زار شاہی ہنز مظلوم تصویر دوٗتلاوان آسی ۔ آزادیہ پتہٕ گو استحصال کرن
والین تہٕ پتہٕ سازندرن ہُند اکھ ورگ پاد یمہٕ ہندین کارنامن پیٚٹھ تٔلہٕ آو ۔ زمین میلتھ تہٕ آسی
گرسیتن والان مسلہ ۔ ہیوکھے تہٕ سہلاب (۱۹۵۰ءیس اندر آو یمہٕ ضد یہ ہُند اکھ زبردس
سہلاب ) قرضدٲری مقدمہ بازی گرمہ کرایہ تہٕ کٹھکارس منز چھوٚر چھوٚر کرونی زندگی ۔
واریاہ کینہہ اوس لیکھن لایق تہٕ افسانہٕ نگارس بیوو زٕس چھُ یہ سوٗرے اظہار کرنس پابند ۔

## ۱۶: تحریکہٕ ہنز خٲمی

مگر ترقی پسند تحریک چلے یہ تہٕ یوت کال چلے یہ تیتس کالس کوٚرُن بہ کانہہ
شاہکار پاد یم چھ دراصل اکھ سوالکی ژ روح ۔ اگرے تحریک چلے ہنز آسہے فنی شاہکار تہٕ ما
گژھہے پاد ( ہیتہٕ وٚرِ دِکی سماجی شعوٗرن کوٚر اکھ گوٚرکی پاد تہٕ ہیتہٕ وٚرِ بجوٚ سماجی کوشش

ہنرٕ و خامیو کوٚر پاسترناک تہٕ باقٕی) بیاکھ کتھ چھےٚ زِ اگرے امہِ تحریکِ کیو افسانہٕ نگارو۔ فنس
کُن تہٕ توجہ دیتمُت آسہ ہے تحریک لیہہ ہے نوٚو زُو۔ (وجودیتس۔ یتھ راہ وو کھنیہ
INTERPRETATION یتھ صدی تام کرنہٕ آمٕژ آسہٕ تم آسہٕ تیژ متضاد زِ سارترنیو
مُصنف نے "NAUSEA" فن پار لیکھ ہے وجود یتھ بحیثیتہٕ اکھ نظریہ آسہ ہے پیشنو
تضاد دوٚیتے ختم گامٕژ) کاشرٕ افسانہٕ نگارن ہیچھ نہٕ یہ معمولی حقیقت زِ سُہ چھُ اکس
سرمایہ دارانہٕ نظامس اندر روزان تہٕ پیچیدٕ حقیقت باوان۔ یتھ حقیقتس اندر آسہ تہٕ
چھ تیتیاہ خیالن تہٕ سچویشنن SITUATIONS ہندٕ تصوٗرُم سپدان زِ تمن زلوٗد تھے
ہیکن یتھ فردن ہندٕ ہمن تہٕ ژھین بد کڈتھ۔ یتھ تہٕ کامہٕ گار طبقن تام ہیکو سماجی
رہبری واتہٕ ناوِتھ۔ تمی کوٚر تہٕ یہ بن واضح مگر تتی دژ تس سبقہ ہن تہٕ زِ ووہنی ژٔے
کرُن کیاہ چھے۔ ادب بنیو نصیحتن ہنز تہٕ سماجی مسٔلن فال کڈنچ پوتھ۔ گوٚرکی
یتھے بین لوکچار، ظُلم تہٕ جبر آشہٕ تہٕ مویوٗسیہ اظہار کران چھُ سُہ چھُنہٕ ونان کُنہٕ جایہ
زِ کاشِ بہٕ اَنہٕ ہا اتھ نظامس انقلاب۔ مگر پرن وول چھُ پران پران ژھرٕ ژھرٕ
کران زِ بیتہٕ آسا زندگی۔ فنکار چھُ حقیقتس بیان تشبیہ، استعارٕ، لفظہٕ ژارٕ و غارٕ
ہتے موثر بناوان۔ یتھ زِ یُس اوٚ تام تس نش پوٗز اوس سُہ چھُ پرن والی ہنز زندگیہ
ہُند پرٕ زبان تہٕ سماجس اندر اکھ اَدرینٹھ تبدیلی انان۔ گرٕ ییتسن م۔ وٗرن تہٕ منزٕ بہ
درگہین شہر باشن ہندٕ افسانہٕ لیکھی امہِ وقتہٕ کیو افسانہٕ نگارو مگر اکھ تہٕ بار رستہٕ گرٕ وس
یام۔ وٗر یا ٹیکسہ وول یا کلارک یا بٹوارٕ یا خوجہ کردار کوٚر کھنہٕ باذِ یتھی تمہ بیتہٕ انم
تہٕ گلہٕ بد معاش (اختر) مال دیدہٕ تتر۔ کھوٚر (صوفی) فرضہٕ ژٕ (لون) آشہٕ (رہبر)
مہرٕ (اُمیش) ہوی باذِ گیہ۔

## ۱۷:۔ تحریکہِ ترٚاو بُنیاد: سماجی شعوٗر

ترقی پسند تحریکِ امہِ خامیہٕ باوجوٗد

ہیکو یہٕ اَمہٕ تحریکچ یہٕ اَمہٕ لِو قطۍ نظر ہند وقتی اہمیتہٕ نش انکار کٔرتھ۔ خاصکر یلہٕ اَسۍ کاشر افسانہٕ کِہ یہٕ کاشرِ نثرکہ ارتقاہچ کتھ کرو۔ ہندوستانی تنوظرس منز افسانکہ زنمک یہٕ ارتقاہک مطالعہٕ کرنہٕ وِزِ چھہِ اَسۍ وُچھان زِ ؤہمہٕ صدیہٕ ہندیو لِکھاریو کوٚ ڈلمہٕ کشالہٕ افسانہٕ جودگری تخیلی یہٕ ہوائی ماحولہٕ منز بنیرٕ یہٕ حقیقتچہٕ ٹھوس زمینہٕ پیٹھ کوٚر گھٹرا۔ تمہٕ وِزِ آسنہٕ کانہہ پرتھ تحریک تمن وٕنہٕ ہاوک۔ یہٕ سپداوکنیٚ زِ عام پاٹھۍ نثرچ یہٕ خاصکر افسانچ بُنیادے چھنےٚ حقیقت پسندی پیٹھ ڈٔرتھ آسان۔ یلی پریم چندن یہٕ کوٚ ریلی ہیکی تمی فن پایہ ٹھٔرتھ۔ کاشرس افسانہٕ نگارس دیچ حقیقت نگاری ہنزے پوٹھک۔ چھا جذباتیٚ شرٕ یہٕ فنی کٔرن دیت یہٕ تمس تتھ پوٚرا استعمال کرنس موقعہٕ۔ مگر تحریکچ گوٚ ڈیچ گژھتھ ہمنس ستۍ یتھۍ افسانن نوٚ ترایے زٹ سوترٕاے آسنہٕ حقیقت نگاری نشہٕ دوٗر کینہہ۔ اختر نی مثال نمو "سٕتھ نگرکی افسانہٕ چھہٕ سماجی تضاد ہاوتھ یہٕ یتھ پایہ ورگن ہنزن مجبورین ہنز عکاسی کٔرتھ افسانک سماجی کردار فنی شیر پارٕ ستۍ زیادٕ ٹاکارٕ پاٹھۍ واضح کران۔ یاشا کٔرتھ چھہٕ بُریس واتل اشمہٕ کو نشہٕ ٹاس کڈان یہٕ داتلن ہنز باجہٕ ییچ چھنےٚ ینی ڈلیل باوان۔ سائے تحراز ہنز اکھ خوشی چھنےٚ اَسہٕ ناوِ یہٕ منز ی ؤدناوان یہٕ۔ یتھے کنیٚ چھہٕ ننیٚر شال یہٕ خوتہٕ ہنزن خوشین گرٕ ھن واجینی کھنیچل یرن والین ہند دیان ہنگہٕ منگہٕ خریدارن ہندن یلون تل ژھینپہٕ پیٹھ متس ذریا یہٕ ہندس ییزارس کُن گرٕشان۔ یہٕ "کھوس" اندر چھہٕ سادٕ بےٚ ڈول انسانن پیٹھ طنز۔ کرنہٕ یِوان یمن زندگیہ ہنزن داخلی قوتن یہٕ تہذیبہٕ کِس ارتقاس پیٹھ پرتھ چھیٚہٕ۔ "چھنا سیدان" چھہٕ طنز۔ برونٹھ یکہٕ ناوان یہٕ نوٚس نظامس اندر سیاسی استحصالس وُرن ٹھوٗد تکتھ نوان۔ طنزس ستۍ مزاح رلٕ کرٕن یہٕ انسانی کردارچ بےٚ آہنگی بدکڈنی۔ یہٕ چھہٕ اَمہٕ وقتہٕ کین افسانن ہند مُدعا۔ "مال دید" "ژرنہٕ ژور" "قدجو" "دِل" نوٚ وتاون ہوٚ افسانہٕ چھہٕ کردارن ٹایپ بناوان یہٕ واقعن نمایندگی دِوان۔ یمن سارنے

افسانن ہُند کنواس چھُ اکھ سماجی اوٚند بریک جس ( MILIEU ) اَتھ بروٚنٛہہ کنہٕ
وۄتلاوان یتھ اندر سیاسی آزادی میلتھ تہٕ آزادی کنہٕ چھِنہٕ۔ شخصی یا فرہنگی استحصال
ختم گژھتھ نوٚن موقدمن ہُند ظلم تہٕ جبر عام گومُت چھُ تہٕ احتجاجُک صدا غائب گومُت
چھُ۔ سماجی رسوماتن ہٕندی ہوٚنی اَتھ پوٚت پلوژان چھِ یوٚدوے اُمہٕ پتہٕ بُتھی ریاکاری ہٕندن
موکھٹن تَل کھٹتھ تھوان چھِ۔ رشوت تہٕ اخلاقی پس پایی ژروش تہٕ فاش بنیمٕژ چھِ۔ سماجی
تہٕ سیاسی بے ضابطگیہ چھےٚ قدرن ہنز شکل رٹتھ حکوٗمت کران۔ اَمہٕ صوٗرتحالُک بےٚ واَیہٕ
بیان کوٚر اَمی افسانہٕ نگارن یمی ترقی پسندی اختیار کٔرتھ تمہٕ کین بنیادی اصولن سَگ
دیت تہٕ پننہٕ فنی شعور پٔتہ افسانس نوٚو زُو دیت۔

## ۱۸:۔ افسانن ساری بازٔژ تہٕ ذاژ

یہٕ کتھ ہیٚکو اَسہٕ کٔنہٕ پس وپیش بغار مانٛنِتھ زِ ۱۹۵۵ء پتہٕ تقریبن یژن ہِن
وریین روٚٹ کاشری افسانن پوٚر کاشُر رنگ۔ یتہٕ کین لُکن ہندی عقید جذبات رواژ
تہٕ آشہٕ دآیراوین، بنیہ آو ورگہٕ پاٹھی افسانن منز۔ کاشر کردارُک شعور تہٕ فند بازی کتھ گتالی
کنہٕ لبٕد گمُت مُلہوسی تہٕ مولویسی ٹاکارٕ پاٹھی ووتلتھ۔ کاشرین ہُند متضاد سوبا و تہٕ تواریخی یلغار
برداشت کرنُک مادٕ تہٕ آدٕنی راوُن۔ سیاستس پتہٕ چھُنہٕ اَتھ وقتس دوران کانہہ رلے ژنی
کران مگر بیشتر کردار تہٕ واقعہٕ چھِ سیاسی ریاکارٕ یہٕ کُن اِشارٕ کران۔ بنسی نِردوش نُن وارِین
افسانن ہُند مُدعا چھُ یی ز انسان چھُ کینژھاہ گمتس اَوَیران تہٕ کینژھاہ کرِ من لور۔
"آدم چھُ یتھے بدنام" مجموعس منز۔ چھِ یتھی افسانہٕ مثلن "کس چھُ تقصیر؟" "براتھ" امین
کاملُن "نوٚو تاوُن" تہٕ چھُ یتھ نوٚس سماجس اندر ووتلے مژن نوٚن مجبورین ہنز۔ کتھ کران
تہٕ نوٚ زاویہ اکھ تار ہاوتھ دوان، یُس انسانٕ پانس اَندی اَندی ووفن۔ رہبر سُند
"نوٗر تہٕ آفتابہ" چھُ ترٚوس خابن اندر پریشان ذہنن ہنز وکھنے کران۔ انسانی مقدرُک

یِہ رٗوپ چھُ صاف ہاوان زِ افسانہٕ لیکھن وول چھُ حساس تہٕ اگرے سیاسۍ کِس اَیرٕس ستۍ ییٚدِ سیٚو دلڑان چھِنہٕ اَتھ ستۍ سمجھوتہٕ تہٕ کران چھُنہٕ۔ واقعاتن ہٕنز بے ترتیبی تہٕ بے آہنگی چھےٚ انسانس بعضے زِ ژوٚٹ بناوان۔ تس چھُ پننےٚ پانٕہٕ کوٚرمُت دُنیاد رٕنٹھاک باسان یُس ستۍ سُہ دَب کرِتھ ہیٚکہِ۔ مگر مٕنٛز یِہ زٕ ہیکن پلے بیان کران چھُنہٕ اَمہِ وقتُک افسانہٕ نگار مولوٗس گژھان۔ سُہ یوٚدوَے سماجی بدنظمی تہٕ سیاسی ناپایدارِیہِ گرفتار کوٚرمُت چھُ سُہ چھُنہٕ اَندرٕ ہٕمل بنان۔ سُہ چھُ سماجی ریاکارِیہِ تہہ تہہ وُرُن تُلان۔ غلام نبی باباہٕ عباس تابش چھِ اکھ ثقافتی منظر نامہٕ پیش کران۔ دیٖپک کول تہٕ نِردوش بیاکھ۔ اَسی ہیکو یِہ وُنتھ زِ کاشُر افسانہٕ چھُ اَمہِ وِزِ بٕسٹھاہ وسعی سماجی تنوٗعُ وٕتلاوان یتھ منز ۔ ڈاکٹرن ہندی تہذیبی رِشتہٕ بیان کرنہٕ یوان چھِ۔ ستۍ چھُ یِہ گرٕن اندر اُژتھ گوڈنچہِ لٕڑِ بارٕن ہٕنز مزاج پرٕزی کران تہٕ تہندِن دِلن ساران۔ پرِوار (کُنبہٕ) چھُ سماجُک اہم کوٚر یتھ اندر انسان بحیثیتہٕ فردہٕ پنٕنۍ انفرادی یتھ رُجحان چھُ تہٕ بٔیہِ اَندٕ اجتماعی فریضن پوٚرٕ کرٕنچ ٹرینِنگ تہٕ پراوان چھُ۔ اَمہِ وقتُک افسانہٕ چھُ اَمہِ لحاظِ پرٕ وارٕی افسانہٕ تہٕ۔

## ۱۹۔ نوِ مغربی اَفسانٕچ ژھٕٹھ

یِہ پرٕ اَسہِ کیہنہ تِل بیٚٹھ تھوٚنہٕ وَرآے مانٛن زِ یِمہٕ صدیہِ ہُند سٔیتُم دٔہُیل ختم گژھان گژھان یوٚسہٕ تبدیلی کاشرِس افسانَس درٕنٹھ یوان چھےٚ تتھ چھُ اکھ بوٚڈ بارٕ وجہ یِہ زِ یِمہٕ صدی ہندِن گینٛژن بٔڈِن افسانہٕ نگارن ہٕنز کرِتھ گِیہِ یٔیتہٕ تقریبن اَتھۍ وقتس۔ ٹھیٚنٛچھ واتان واتان تہٕ کانہہ اَدیب چرٕچیک موضوٗع بنان بنان چھِ پانٕژھہ اَٹھ وُری لگان۔ فرانسیسی فلسفی ناول تہٕ ڈرامانگار یٔیمہِ اکہِ مخصوٗص سیاسٕتُک علمبردار جان پال سارتر گو اَتھ دٔہلس اندر مرِتھ تس اوس نوبیل انعامہٕ میوٚلمُت، یُس تمۍ نامنظور کوٚرمُت اوس۔ حالانکہ تسنٛز ناول "آولٕن" (NAUSEA) آس ۱۹۳۸ء یس منٛز نے شایع گامٕژ۔ مگر امیک روٗخ روٗے

متعلق فلسفیانہٕ آسنہٕ کِنۍ اوسنہٕ اَمیک اثر یور ووتمُت ۔ ووں گوو زندگیہ متعلق
پَنُن نظریہ کرِ یوو تِمی ۱۹۴۲ءَ ہس منز "آسُن تہٕ نہ آسُن" کتابہِ اندر ظاہر ۔ یِم خیال آیہ پتہٕ ٹھوس
شکلِ منز تِہنزِ ترٚیہ وجہِ (ترٚین ناولن) اندر ۱۹۴۵ء، ۱۹۴۷ء تہٕ ۱۹۴۹ءَ ہس اندر تہٕ
بنیہِ ڈرامہ ہن منز ۱۹۴۴ء، ۱۹۵۵ءَ ہس منز ..... ہمو سارِوے ستۍ گوو سارتر سُند
ادب زیادٕ ولیوٗد ۔ امریکی ارنسٹ ہیمنگوے سٕ دِتھ ۱۹۵۴ءَ ہس اندر نوبل انعامہ تہٕ
۱۹۶۱ءَ ہس اندر موٗد سُہ تھٚتھ سے مُہم پسند واقعس اُکس منز، یتھ اندر تِمی زندگی گُذارمٕژ آس ۔
تَہنٛدی افسانہٕ تہٕ ناولہٕ گیہ اَمہِ پتہٕ زیادٕ بحث طلب ۔ فرانسیسی ادیب کاموٗ یُس الجیریاہس
اندر روٗزِتھ فرانسس خلاف لڑایہِ منز شریک روٗد گوو ۱۹۶۰ءَ ہس اندر فوت ۔ تَس
اوس ۱۹۵۷ءَ ہس اندر نوبل انعامہ میوٗلمُت ۔ اَمہِ ستۍ ہیٚتن باقٕے فرانسیسی شاہکار تہٕ
جرِ حکی موضوع بنِتھ یِمن منز کامُکا سنز ناولہ افسانہٕ تہٕ ڈایریہ چھےٚ ۔ بیٚین ہندوستانی ادبن
منز (مثلن ہندی اُردوٗ یِمن ستۍ ہیٚتیک اُدیب سیٚد سیوٗد واَبستہٕ اوس) تہٕ آیہ یِم مشہور
یوٗرپی اُدیب ترجمہ کرِتھ عام کرنہٕ ۔ یتھٕ کٕنۍ چھِ اَسی وُچھان زِ خاص کر ہندی، اُردو ادبس
منز گوو "تیٚیتھ ٹیٚیم" ادب اَکھ اصطلاحی معنے اختیار کرِتھ ۔ شیٚیتھ پتہٕ گو واَرِ نوٚو حیسیاتک
شعوٗر یادِ تہٕ پتھ پہچان آیہ ہم عصر تجٕ سُند مانہٕ ۔ اَمہِ ساری ستۍ ییٚس ہوا نوا بنیو تِمہِ ستۍ
آیہ باقیو صنفو علاوٕ کاشرِس افسانس اندر بٔڈ تبدیلی یوٚسہٕ نوٚین تجربن ہنٛز شکلِ تہٕ نٔنۍ درایہ
تہٕ یِمو افسانہٕ نگارس نوٚ احساسک کیو نوٚسر مُشاہدُک ترغیب دیُت ۔

مغربی فِکشنس اندر نوٚ تبدیلیہِ ییٚنہٕ تہٕ تِمن ہُند اثر یور واتُن ۔ یِم زِ کیتھ کٕنۍ
مانو کھا اَسی کاشرِ افسانچہِ تبدیلیہِ ہنٛدی وجہ ؟ ستّن مس ڈٕلس اندر آس کاشر ادبی تحریک کامی
سرگرم (حالانکہ کاشُر ادب اوس عام لُکن اندر تیٚتھے نامقبول یُتھ از چھُ) تہٕ محفلن اندر
اوس عام پأٹھۍ ہیٚر کنہٕ ذکر کرنہٕ آمتین لِکھارِن ہُند ذکر سیدان خاصکر ییلہِ کانٛسہٕ
انعامہ میلہٕ ہے یا سُہ انتقال کرِہے ۔ اُدیب آسی یِمن پران تہٕ واریاہ یُتھ زِ کینژَو مون

ادبی بیٹھکن تہٕ ریڈیو کتھ باتھن اندر زِ تمن چھُ فلانس فلانس مُصنفس سُند اثر۔ ڈاکٹر شنکر
رینہ اوس ہیمنگ وے سُند ذکر کران تہٕ ہردے کول بھارتی ین ووٚن گورکی سُند اثر۔
ہری کرشن کولن کوٚر پنُن افسانہٕ مجموعہ "پتہٕ لاران پرٛبھ" بیچو فس منسوب اختر محی الدین
کوٚر کامو پنُن اثرُک اعتراف۔ یِمہٕ سطرٕ لیکھن والی لیوکھ شیراز کِس ۱۹۶۴ کِس شمارس منز "ادبی
منز نوٚ ہرِتہٕ پرانہٕ" ناوٕ مضمون یتھ اندر کینہہ مغربی ادیب تہٕ تہند اثر چ آفاقیت وُ بڈھاونہٕ
آیہٕ۔ شیرازُ ۱۹۶۷ کِس اندر یُس افسانہٕ نمبر دراو تتھ اندر آسی کم از کم زٕ افسانہٕ نوین فنی تجربن
ہنز نشاندہی کران۔ "زھایہ گژھ تہٕ" "سٹھاہ معمولی" تہٕ مفہوم پٹھ لحاظ آسہِ اختر محی الدین، ہری کرشن
کول ہردے کول بھارتی سندی افسانہٕ نوین حیثیت بیٹھ مبنی۔ یِمن افسانن منز چھُ صاف
پاٹھی تم اثر بوزنہٕ یوان یِم تمی ادبی ماحولُک توسیع چھِ یُس لِکھار یو مغربس منز پاد کوٚر تہٕ
درٛس ڈینہس اندر قبوٗل سپُد۔

## ۲۰۔ کاشُر جوازیتھ

مغربی اثر چھُ تیلہِ قبوٗل سپدان ییلہِ تتھ کانٛہ مقامی وجوہات آسن۔
گو کہ ییتہٕ آسہٕ مغربچ ہش سماجی یا اقتصادی حالت۔ یہ آسہٕ برونٛٹھ تہٕ زاہنہٕ
مغربس متوازی۔ اَدے تہٕ آیہٕ مغربچ روٗمانیت ڈوڈ ہتہٕ ڈیری ہندستانی شاعری
منز تہٕ رومانیتُک وجہ یُس صنعتی انقلاب اوس سُہ خبر دُنہٕ نہٕ ییتہٕ آمت چھا؟ مگر
ییٚنہِ افراتفری تہٕ انتشارس زلو دِنہٕ خاطرٕ کوٚر ییٚنکی افسانہٕ نگارن تہٕ نوٚ زبانی ہند محاورٕ
استعمال (مطلب نوٚ واظہار نہٕ کہ کانہہ یورپی زبان) تہٕ نوٚ مشاہدُک داتہٕ ناوٕر ادن
بروئے کار۔ یہ زن مغربی ادیبن ییٚنہِ بے چینی تہٕ ذہنی کشمکشس زلو دِنہٕ خاطرٕ کوٚرمُت
اوس۔ یتھ پاٹھی نون یوٗر پہٕ بیٹھ آو مگر کاشر کتھ کیاہ اکھ اندر چھنا دیان؟ ییٚنن سائنسی
ایجادن ہندی پاٹھی چھِ حسن تہٕ جذباتن ہندِ واتنادر کِ ذریعہ تہٕ اکس جایہ ایجاد یا اخذ پدٕ تھ

پتہٕ بین الاقوامی ملکیتکۍ چیز بنان ۔ تمہ استعمال کرٕنۍ چھُ سائنس ضرورتس تہٕ عقلہٕ تام آسان ۔
ضرورت اوس اَسہِ یہِ زِ اَتھ وقتس اندر آسہٕ کشیر خاص ہیجانہٕ منز گُذران ۔ سیاسی استحصال
اوس زندگیہ منز رُوش بنان ۔ تھدِین ایوانن اندر آسہٕ کردارچ کمی سائنپٹ ASSET بنیمژ
تہٕ سانہِن لوکَن کیو بَن ٹیٚین منز آسہٕ کردارٕ وٚرثےاکھ مستقل خصوصیت بنیمژ ۔ عجیب تضاد
اوس ۔ ناپایدار قدرٕ آسہٕ پایدار مانہٕ یوان تہٕ ماذٕ راوانہٕ یوان ۔ سماجی مسلہٕ آسۍ یتھ ترٲوِتھ
حل سپدٕ ہِتۍ تصور کرنہٕ یوان ۔ ریاکاری آسہٕ مولیہ قراقلی ٹوپہ ہندی پاٹھۍ شیرس پیٹھ شوبان
تہٕ جنسی جبر تہٕ بے راہ روی تل دٕباوِمژ کرتہٕ آسہٕ کپاہہٕ پارٹی ین اندر قوالی ین ہندِس طرزس
پیٹھ بوزناونہٕ یوان ۔ یم نعرٕ اکھ وِزہکہ ڈرامہٕ آسۍ تمن اوس مول کھوتمُت تہٕ تم آسۍ قیمتی
صوندُقس اندر رسما پتھ تھونہٕ یوان یُتھ وقتہٕ ضرورت استعمال سپدِتھ پتہٕ بیٚیہ تہٕ کرتھ
تھونہٕ یہان ۔ مغربس منز آو جنگس منز ہنہٕ آمُت انسان زندگیہ تہٕ موتس پیٹھ نوس سوچنس
پیٹھ مجبور کرنہٕ ییتہٕ اوس ثقافتی رِواٲژن موت یادِ پے تھاونو مُت ۔ وونی گو گُلکھ آسۍ حمد
پرٲن زِ روزِ محشر چھُ دوہ دوہ یتھ گژھان ۔ یُتھ تم یڈ برِتھ لیکھا کڈہن تہٕ لو تتھ نیندراہ
کرہٲن ۔ اَتھ وقتس دوران گیہ تعمیری سرگرمیہ تیز ۔ ثقافتی لین دین ووت عروجس پیٹھ ۔
مگر تعمیر سپدیہ سڑکہ تہٕ کدل کولہٕ تہٕ سوتھ دفترٕ تہٕ سینما من پیٹھ آنتھ روس روپیہ خرچ گژھنٕ
رِواٲیت شروع گیہ یوسہٕ تُہ کر قومی پالیسی وُننگ تام چلان چھےٚ تہٕ یہ چھُ اَسہِ ویوٚد زِ بِمورٕ پہیو
سۍ کتھ کُنۍ گو وسماجی تو وزُن ڈلتھ تیمۍ ڈنڈوٕنہٕ تہٕ سپدان چھِنہٕ تہٕ کتھ کُنۍ گو واُدیس حساس
دِلس برٕ ین ۔ افسانہٕ نگار سند لہجہٕ طنز ۔ یہ سپدُن تہٕ بعضے اَندر ہمل نیتھ پانہٕ پے سوچنس
اَدرکھل کرٕنۍ چھُ اَمہِ کیفیژ ہند منطقی نتیجہ ۔ مثال نموٗ اکس تتھس افسانہٕ نگارس ہنز ۔ لیندرس
اَدبس اندر وقتی مسلن ستۍ دُرینگ رشتہٕ باسان چھُ مگر یُس صرف اَمی وقتہٕ پادٕ گژھتھ
ہنیکہِ ہے ۔ سہ گو وشنکر ترینہ ۔ تمۍ وُچھ موتس ستۍ ٹھول کردہٕ زندگی ہنز چھانچھ ہسپتالن اندر
شروٗکینن ژامتین بیمارن ہندِن تُھین پیٹھ ۔ "وونی کہنز وُچھےٚ واری ؟" "اکھ پرٕ ل کینہ

انسان" چھِ تِسنٛدِ نیم فلسفی زُوِ ئیک پتاہ دِوان۔ یُس ہُر تکر تِسنٛز۔ پنٛنہِ تیز حساس زندگیہٕ ہٕند
اَتہٕ اوس۔ یِتھین حالاتَن اندر سُہ پرٛ بھیوو تہٕ یمَن ادبین ستیٚ تس ذہنی رابطہٕ قایم گوو تمو بوو
سُہ بعضے نیم رۄحانی۔ یہِ کتھ چھےٚ تِسنٛدِ ین کینٛژن افسانن اندر صاف نَنان۔

## ۲۱.۰۔ نوٚین علامتَن اندر نوٚی طٔرز

اَٹھمس ڈٔہس اَندر آیہِ کاشر زندگیہٕ ہٕندین تضادن تہٕ غٲر موزوٗن سماجس اندر
ووتلِ بجہِ کرونین وومیدن نوٗطرز کین افسانن اندر زَبو دِنہٕ۔ یِتھین افسانَن اندر چھ اَسی
صاف پاٹھۍ مغربی فنِ اظہارُک نِشانہٕ لبان۔ موہ برونٹھ چھ زندگیہٕ ہُندے مسلہٕ تیوت کٔڈرٕ
زِ یہِ چھُ گوڈٕ سون توجہ منگان تہٕ آدم چھ پریشان حال گومُت۔ کردار چھُ بختاور (جنگ:۔
چمن لال ہکھو) دُنیاوی مسلن سام ہینہٕ وول۔ گرُک سوکھ ہورن وول شخص چھُ گوتم
(نِروان۔ رہبر) چوکہِ کس لاقونوٗنہٕ برٛ بارس منز ہینہٕ آمُت ماسٹر یُس بیزار نیر تھ ژلان
چھُ (کھوٗر۔ شانت) کانونٹ گرٛھن والین دوٚ ومتیٚ ہوٚین لڑکن تہٕ کورن طمع چشمو
دُچھان تہٕ پانہٕ پوٚنٛز مِہ جمارٛ فیل گرتھ دِینی مکھنہٕ تہٕ سُلہٕ (پگاہ۔ ہری کرشن کول) ہیرو ہس
باوجوٗد چھُ ہیرو یہٕ جنہٕ سُند شُر تھٔنہٕ بیوان (کوہ قاف۔ فاروق مسعودی) وغٲرٕ چھ اِمہٕ وقتچہٕ
دماغی کیفیژ ہنز شہادت پیش کران۔ یہِ کیفیت چھےٚ افسانہٕ کس قالبس جیر اَنان تہٕ
تتھ نوٚی وٕتہٕ بِدی اختیار کرناوان۔ زمانٕچ حقیقت چھےٚ اُساطیری کردارن ہٕند ڈٔسی
زیادٕ موثر پاٹھۍ پیش سیدان یمہ ستیٚ یتہٕ صاف سیدان چھُ زِ یم کردار کتھ کٔنٛی آسہن تمہٕ
وقتہٕ اظہار خاطر یاد کرنہٕ آمتیٚ یتکیو یم چھ۔ کینہہ اَسی تو آرٕخی تہٕ مذہبی اعتقادن ہٕندی
کُھری۔ اَز کل چھِ یم اعتقاد ڈھٔٹمتیٚ تہٕ یہِ صورتِ حال باوَنس چھ یِمے کردار بکار یوان،
زمانکہِ عقلیتُک (RATIONALISM) کیاہ ثبوت ہیکہِ اِمہٕ کھوتہٕ اَسِتھ زِ رتن لال مجوٗ سُندس
افسانہٕ "ترِیش" شس منز چھنہٕ مینکا تہٕ وشوامتر تقدیسکی بلکہ ہم عصر حقیقتکی علامتہٕ بنتھ کرد یلوکھ

(بھارتی) اندر چھُ ابھمینو پانسے اَندرٕ جنگان تہٕ زندگیہ کاہنہٕ معنے دِنٕچ کوٗشش کران۔
افسانہٕ چھُ یِمہٕ کتھہٕ ہنٛز مثال پیش کران زِ ٹھوس حقیقتہٕ ہُند ذہنی ردِ عمل کِتھٕ کٕنۍ چھُ
بلضے اظہارس زِ کٹھل بناوان۔ یِتھٕ زٕن افسانہٕ پٔرن والِس ستۍ اَکِہ تہٕ باگرِتھ سمجنُک
اِمکان موٗجوٗد گژھان چھُ۔ خاص پٲٹھۍ چھُ صحیح زِ یِتھین افسانن اندر چھِ علامتِ شاعرانہٕ
اکایژرس زیادٕ نکھہٕ یِوان تہٕ افسانہٕ کِس بیانیہٕ صنفس نِشہٕ دوٗر پہن گژھان" "بٹن ہنٛز
درم کتھا" (ہری کرشن) چھِ وِشوامتر وَشسٹھ شیش ناگ وغیرن نوٚوِس تنوظرس اندر
تھَوان۔ "ہِند بادُن اَٹھِم سفر" (بشیر اختر) چھُ ہم عصر سیاستس سۭتۍ طنز کران۔ دیومالٲیی
اصطلاحن تہٕ کِردارن ہُند استعمال چھُ ہاوِتھ دِوان زِ کاشرۍ اَفسانہٕ نگارن کٔر باضابطہٕ
کوٗشش زِ خالص مغربی فن گوژھہٕ تِہندِس طرزِ اظہارس پیٹھ حاوی گژھُن۔ ہم عصر
سوٚنچِس آو انقلاب تہٕ سماجی کشمکشن ہُند تنوظر آو زیادٕ واضح پاٹھۍ سوٚنچنہٕ۔ مگر سوٚنچنُک
ذٔریعہٕ چھُ بہرحال فرد، افسانہٕ نگار فرد۔ فردٕ سُند دماغ چھُ شیشہٕ یتھ تھٕر یِنہٕ دِرتھنگ
عمل خود سماجے پوٚرٕ کران چھُ تہٕ اَتہٕ بناوان چھُ۔ یوٚتانۍ یہٕ پوٚرٕ گژھِ توٚتانۍ ہیٚکہٕ تخلیق
پٔرا اَرِتھ۔ پیٹھ چھُ اَزیُک لِکھارۍ زیادٕ حسّاس۔ وونۍ گوو افسانہٕ چھُ ساری فلسفہٕ
باوجوٗد تیٚلی کامیاب یِیلہٕ لِکھارۍ سُند تجربہٕ پٔرن وول تہٕ کٔرِتھ ہیٚکہٕ "کٕنۍ ذاتھ" (اقبال
فہیم) اَتہٕ (ناصر منصوٗر) پوٚت کتھ (گلشن مجید) وٕچھِس تل مزار (شمس الدین شمیم)
زٕتوٕ ہنٛز کتھ (بشیر اختر) ہوۍ افسانہٕ چھِ تجربن ہندۍ تم کوٗنٛج ژھالان یِم کُنہٕ حدس
تام اَوٗتام ژھارۍ ہتۍ چھکھ نہٕ۔ وژارٕچ بالغی ہیٚکہٕ اَکۍ سے افسانہٕ نگارس اندر متضاد
تبدیلیہٕ اَنِتھ مگر بالغی گژھِ نہٕ وۄنۍ زِم یا کانسہٕ پٕشرٲومتہٕ آسنۍ۔ یِیلہٕ بالغ وژار افسانس
اندر یِوان چھِ، کِردار چھِ سنجیدہٕ تہٕ پایہٕ بُڈۍ بنان۔ واقعات چھِ الفرادی حادثہٕ
بدلہٕ وسعی دایرن اندر دہراونہٕ یِوان۔ افسانہٕ نگار ہندۍ خیال چھنہٕ تِہُند محدوٗد
فلسفہٕ روٗزِتھ شرۍ ٹھان بلکہ پٔرن والۍ ہنٛز زندگیہ ہتۍ ن آشن تہٕ موٚویسین

بلکہ بوشگی روزان تھے بٕنز ٹوٗر چھُنہ تصویرِ کرٕنی یام شبیہہ افسانُک گوٚوزِ ۔ دِوان معنے
پاٹھی پھولان ۔ اگرٕ سانہٕ افسانہٕ اَکھ ترٕلے یہِ چھِنے زِ جدید جیٚتکس ناوِس بیٚھ افسانہ
نگارس پزٕ تھ افسانس ستیِ تشریحی نوٗٹ دِیُن بیٚنیہِ یہِ چھُنہٕ افسانہٕ خاطرٕ یا خود کاشرٕ زبانٕ خاطرٕ
جان ہٕ اَکھ روٗٹ کرٕنچہِ ذمہ داری نش ہیٚکہٕ ادیب یہِ ژٕنہٕ نوٗب ہیتھٕ زُسٕ کٕتہٕ چھُ
پٔرن ووٚل ؟ یُس وِسہٕ وُنیٖتھ چھُ مگر پٔرن ووٚل چھُ ۔ آسہِ ہے نے ہٕ کانٛہہ لیکھہ ہے کیازِ ؟
افسانہٕ نگار ہیٚکہٕ شاعر سندی پاٹھی کانٛہہ تِتھس پٔرن والی سُند تصوُر کرِتھ یُس تس پیٚٹھ نس
ذہنس متوازی آسہِ ہٕ تیٚندِن پرائیوٹ اشارن بیٚھ کلہٕ کلہٕ ناوِ ہٕ بٔس ۔ زِلوٚ کڈٕنہٕ کینٛہہ ۔

## ہری کرشن کولنہٕ افسانہٕ

# فن تہٕ فکر

امر مالموہی

افسانہٕ چھُ کتھ، جان افسانہٕ سُہ یتھ منز کتھ وَننچ تجرُبہ آسہِ تہٕ اَمہِ کھوتہٕ
جان افسانہٕ سُہ یتھ منز کتھ پاسَل تہِ آسہِ۔ یہِ وَنُن روزِ مُناسب زِ جان اَفسانہٕ
نگار چھُنہٕ فقط کتھ وَننہٕ خاطر افسانہٕ لیکھان بلکہ چھُ سُہ زندگیہِ ہندس کُنہٕ زاوِیس
متعلق پننہٕ رٔویہِ باونہٕ خاطر افسانہٕچ رٔژنہٕ کران۔ یوٚہے رٔویہِ چھُ اَفسانہٕچ
معنویت بَد کڈان۔ افسانہٕ چھُنہٕ زندگیہِ کلہم پاٹھۍ وَرتھناوان بلکہ اَمہِ کِس
اَکِس زاوِیس، کُنہِ پہلوٗوس۔ اگر افسانہٕ نگار کُنہِ اَکِس افسانس منز کلہم زندگی کابہٕ
اَنہٕچ کوشش کرِ، سُہ روزِ نہٕ افسانہٕ۔ میانہِ خیالہٕ چھُ جان افسانہٕ کُنہِ معنی
بُرتہٕ غزلُک اکھ شار ہیوٚ یا وَنو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ پرٕزموٚخصر نظم ہیوٚ آسان.
تہٕ یہِ چھُ پننہٕ اسلوبہٕ سٟتۍ پرٕزناونہٕ یوان۔

کتھ بوزنُک شوق چھُ انسانہٕ سٕنز خمیر منز تہٕ یہِ کتھ چھےٚ گوڈٕ کالہٕ پیٹھٕ
فارم تہٕ ہیٚژ ہندی اَنہار بدلی بدلی برابر موجوٗد۔ افسانہٕ یہِ کینژھاہ چھُ تہٕ چھُ
سُہ باقین سٟتۍ بن پیٹھ مگر اَمیُک بُتھ چھُ کتھ یا دٔلیل۔ یتھ افسانس منز کتھ ہُند
پَن آسہِ تہٕ سُہ ہیکہِ بنِتھ کینہہ اَستھ مگر افسانہٕ نہٕ پرن وول چھُ افسانہٕ کتھ پَرنہٕ
خاطرٕ پران نہٕ زِ فلسفہٕ، سماجیات، نفسیات یا بیٚیہِ کانہہ علم زانُنہٕ خاطرٕ۔ افسانہٕ
پرٕتھ چھےٚ تس سو معنویت پلہٕ پیوان یوسہٕ سُہ تتھ دِوان چھُ یا یمہٕ خاطرٕ افسانہٕ نگارن

افسانہٕ لیوکھمُت آسہٕ۔ یِرِ پتھ موادیا پرِتھ تجربہ چھُ پانتے پننی ہیٔیت مقرر کران۔
یہے ہیٔیت چھُ افسانہٕ نگار سُند اسلوٗب تہٕ رُت افسانہٕ نگار چھُ پننہٕ اسلوٗبہٕ ستی
پرزناونہٕ یوان۔ کتھ چھےٚ یتھ یا ژٕ زِ لِکھارس چھا زندگی تہٕ زمانک کانہہ باوُن
لایق تجربہٕ تہٕ تمی سنز فنی شخصیژ کمہِ موثرمندی سان چھُ امہِ تجربک اظہار کورمُت۔
یَس لِکھارس کانہہ بوٗزُت تجربے آسہٕ نہٕ سُہ چھُ سوٗکھی تجربہ کرِتھ فقط پننی تگن گرِی ہاوِتھ
پرن وٲلِس بلف کرِتھ اکھ وۄندہٕ مژ ترٛٲوان تہٕ ہری کرشن کول چھُ اتھ نِہج ندری
وہنہٕ وونان تہٕ یمِن ندری نقادن متعلق پننِس مخصوٗص اندازس منز لیکھان۔

"تم چھِ افسانس بیٹھ شاعری ہندی میزان ازماوِتھ
تہٕ اتھ منز علامت تہٕ اشاریت ژھانڈِتھ یہ منزاوان
زِ افسانہٕ یا کتھ ہنز ساری جمالیات چھےٚ کتھِ ہندس
گرتس یعنے ساختس بیٹھ ڈرِتھ آسان" (یتھ رازدانے)

کتھ وونہٕ نک اکھ مخصوٗص انداز، کتھ ہند گرت، امکی جمالیاتی تہٕ نفسیاتی موڈ،
کِردارن ہند علامت بنُن، ورگہٕ اظہار، واتہٕ ناوُرک خلوٗص، انسانی نوقطہٕ نظر،
یوہے سورُے چھُ ہری کرشن کولنہٕ افسانہٕ نگاری ہند فن تہٕ فکری شعوٗر۔
مے چھُ ہری کرشنن وۄنمُت زِ کامل صاین وون تس افسانہٕ لیکھنہٕ
خاطرہٕ تمی سُند وننُ اوس تس خاطرٕ اکھ بڑیر ناتہٕ تہٕ اکھ چلنج تہٕ تمی ہیوکنہٕ کینژن
دوہن یہ فاصلہٕ کرِتھ زِ سُہ کیا لیکھہ تہٕ کتھ کنی لیکھہ۔ امہِ وِز اوس ترقی پسند تحریک
ہنز نعرٕ بازی شہہ ژھوکیومُت مگر ترقی پسندی ہند رژرچ روایت آسہٕ نہٕ موٗمژ
تکیازِ روایت چھِنہٕ زانہہ مران۔ یہ چھےٚ صرف نٔوی نٔوی جامہٕ پراوان۔ جدیدیتک
ژونگ اوس زوتہٕ لوٗگمُت تہٕ یہ آسن نوفسیح نعرٕ بازی پننی ہیزہ مژ تکیازِ ملکی
ٹھرس بیٹھ اوس جدیدیتکین پرستارن نوٗ وژوی یہ ترقی پسندی ہند ردِ عمل

باسان ۔ ہری کرشنس خاطر اوسہٕ یہ فاصلہٕ کرُن سہل زٕ تہٕ کیا لیکھہٕ تہٕ کیتھٕ کٔنۍ
لیکھ ۔ ترقی پسندی ہنز تعر باز یہٕ برپا گوڈ کنہٕ تتھ جدید تہٕ جٕ کُن ترٛاوِ پیٚرۍ لیوٚ سہٕ
اَمہٕ ورِ خیالی تہٕ کم از کم کأشرِ زبانی تہٕ کأشرِ ادبکہٕ ارتقہکہٕ حوالہٕ وارِیاہ حدس تام
یہٕ ڈیپزِ تہٕ غار فطری اٲس ۔

ہری کرشنس اوس نہٕ یمن دوہن کأشرِ تہٕ لیکھن تگان ۔ تمۍ کوٚر اَکس
ایماندار اَدیبہٕ سندی پاٹھۍ ینہٕ معاشرٕ ہنز بینٕ افسانہٕ اخذ تہٕ یہٕ کوٚر تمۍ مرحوم
چمن لال چمنس ڈِکٹیٹ تہٕ یتھٕ کٔنۍ بیوٚ وکأشر افسانہٕ "تاپھ" تھٔنہٕ ۔ ہری کرشن
چھُ سہٕ خوش قسمت افسانہٕ نگار یمی گوڈنکی افسانہٕ سٟتۍ عوامی پرتیھ تہٕ ادبی منز لبھ
برٛاو ـــــ وُچھان وُچھانی بنیوو "تاپھ" تمۍ سنز برزنتھ ہُند نشانہٕ ۔ افسانہٕ
چھپنہٕ پیتہٕ دہ وٕ ہری لیوٚکھ مرحوم محی الدین حاجنی صابن مٕتے اَکس چیٹھِ منز "لوشہٕ
کجہٕ ہوی کأشرِ کردار آیہٕ کأشرس افسانس یانا ولہٕ منز سیٹھاہ کم پیش کرنہٕ"

ہری کرشن چھُ سہٕ واحد کأشر افسانہٕ نگار یُس از تام نہٕ صرف برابر
افسانہٕ لیکھان روو بلکہ یمی ترٛے افسانہٕ سوٚمبرنہٕ چھاپہٕ تہٕ ژوٚرم چھُس کتاب
سیدان اَمہٕ سٟتۍ چھُنہٕ کأشرِ زبانی تہٕ اَدبہٕ خاطر تمۍ سنٛد ژٕوٚکھ یوت ووگُن باسان
بلکہ چھےٚ پرٛن واَلس برونہٕ کُن تمۍ سنز تخلیقی شخصیت زیادٕ جان پاٹھۍ یوان ۔
تہٕ یہٕ شخصیت چھےٚ پرتھ سوٚمبرنہٕ پتہٕ زیادٕ برٛیہٕ وٕنی تہٕ بر نوٗر باسان ۔

ہری کرشنن مواد یا ونو تجربہٕ چھُ پانٕ پانتے بینٕ گرت پرٛاوان ۔
سُہ چھُنہٕ بنہٕ آیہٕ گرتھ تہٕ ژٔرتھ افسانہٕ لیکھان تہٕ اَدے چھُ جیجوف تمۍ سنٛد اکھ
پسندیدہ افسانہٕ نگار ۔ ہری کرشنس چھُنہٕ ہیتی تجربن کُن تہٕ کانہہ دلچسپی ۔
تس چھےٚ ژٔرترنج تیہہ یہٕ ڈیپزِ تہٕ جگرس وٕنہہ ترٛاوِتھ ژہرتہٕ ژہر بٹھ کرناوان
تہٕ پیتہٕ چھےٚ سو ورِ زواتان پیلہٕ سُہ بے شوٗنکی پاٹھۍ کتھ چھُ وَنان ۔ اکھ کتھ چھِ

کِردار بروہ نیہ پکہ ناوان یاوَنو واقعہ مُطابق چھُ کِردار تخلیق سپدان ۔ تمُن سُند فن چھُنہ ٹاسُر تکیازِ اتھ منز چھُنہ عام یا اَتھٕ سوٚٹاکاریت یوسہ فنس بدوٚن آسان چھِے ۔ ورگہ اظہار تہٕ کتھِ ہندِ نِ پنُن ہُند مُسلسل ابساو چھُ ہری کرشنہٕ پنُن اہم خصوصیت سُہ چھُنہٕ پنین افسانن منز نہ وچھن کتھ کران تہٕ نہ خیالی ۔ سُہ چھُنہٕ لفظن معنے بدلنک یا بدلاونک دعویٰ تہٕ کران ۔ سُہ چھُنہٕ پننِ کنی کھوچر کھٹنہٕ خاطرٕ نوٚتر تنایہ ہند پرد تہٕ مولی انان ۔ سُہ چھُنہٕ واتہٕ ورِس ودہٕ خاطر لفظن طنایہ گنڈی گنڈی علامژن ورگس ژرانان ۔ سُہ چھُنہٕ فلسفہٕ وَنان، نہ مارکس دانہٕ راوان تہٕ نہ فرائیڈس منز اضافیت وَنان تہٕ نہ فرانسیجن مہمن کاشرس بروہ نیہ کُن اَنتھ برزم دِوان تہٕ نہ افسانن تم عنوان دِوان یمن کُن وُچھتھے پرن والس ہابتہ گژھان چھُ ۔ سُہ چھُ پننہٕ دورِکی تجربہٕ پننہٕ ہند حوالہٕ دوہہ دشکین معمولی واقعن منز پیش کران ۔ یس چھِے سہ ماحول ووہ پداونہ ژ مہارتھ یتھ منز ۔ سُہ کِردارن نیشہٕ ناوان چھُ ۔ تمی ہندی کِردار پوشہٕ کجی یا تاراوتی، کشن چند یا موہن لال، لمھہٕ، سُلہٕ یا موہن جی چھُ پننہٕ ماحول تہٕ پیش منظر کنی تہٕ یہ یم چھِ ۔ ہری کرشنہٕ نین افسانن منز چھِ واقعہ تہٕ کِردار اکھ اَکس ستی پیوستہ تہٕ افسانہ نگار چھُ افسانس منز ڈرامائیت پادٕ کرنہٕ خاطرٕ اَسہٕ عام پاٹھی کِردار کہ وَ اَسہٕ واقعس تام واتناوان ۔ مے چھُنہٕ موتی لال ساقی نہٕ اتھ کتھِ ستی اتفاق زِ ہری کرشنہٕ پرائن ہنز چالہٕ طرزِ بیان چھُ قدیم داستانی اندازک نوٚو تہٕ پرژیہ وُن راوپ سہ میانہٕ خیالہٕ چھُ یہ طرزِ بیان بے پھرک تہٕ تہٕ ڈرامائی تہٕ ۔۔۔ اَتھ طرزس منز چھُ ڈرامانہٕ تہٕ خود ڈرامائیت تہٕ ۔ مثالے "تاپھ" افسانہٕ ۔ اَمہٕ کِس ماحولس تہٕ پیش منظرس منزے یوت چھُنہٕ ڈراما بلکہ پوشہٕ کجہٕ ہندس سوچس منز یوسہ اُتھل پتھل چھِے، سو اگر اکھ خود ڈرامائیت چھُنہٕ تیلہٕ کیاہ یہ چھِے ۔ پوشہٕ کجہٕ ہند

---

[1] کاشُر افسانہٕ، شیراز جلد ۳۲ شمارہ ۱۰۲

سونچک یہ لوکٹ ٹوٹھک چھیتہٕ یہ دل جاے مگر چھیٚنہٕ کینہہ۔ کوتاہ بوٚڈ ڈراما چھُ
تہٕ تمی سندیہ باطنی ڈراما چھُ پرٛن واٮ۪بس نیٚہ کران باسان۔ یہ ڈرامائی عنصر چھُ
ہری کرشنہٕ نین افسانن منٛز۔ تمہ ہوٚنرسان بر نہٕ آمُت زِ یہ چھُ پرٛن وول پانس
اندرتہٕ محسوس کران۔
ششی شیکھر توشخانی صابس چھُ ہری کرشنہٕ نِس اسلوبس منٛز فنتاسی
ہُند رُت ورتاو اَتھ آمُت۔ ممکن چھُ تی آسہِ مگر مےٚ چھُ یہ تخلیقی وُچھ وار باسان۔
ہری کرشن چھُ زِ کہ حقیقت نگار مگر تمی ہنٛز حقیقت نگاری نہٕ چھےٚ کیمراٮ۪ی تہٕ نہٕ
اخبٲری۔ یہ چھےٚ تِہنٛز باسس تہٕ زٕ نِس اَکس تخلیقی برٛز س منٛز بازیافت
کرنٕچ اکھ رٕژٕ کوشش۔ یتہٕ دوٚرکہ طوٗن یتہٕ معاشرکین تقاضن ہند احساس
سُہ باوژبل دِین زِ پرٛن وول کرِ نہٕ صرف اَتھ قبول بلکہ باسس زِ سُہ تہٕ چھُ یی
سونچان مگر وَنُن چھُس نہٕ تگان۔ اَتھ وَنوعصری حیثیت یعنے یتہٕ زمانٕچ زٕتنا۔
ہری کرشنہٕ نین افسانن منٛز چھےٚ یہ زٕتنا ژھالہ ماران۔ یتھ جایہ "بہٕ" یا "سُہ"
ورتاوان چھُ تتھ جایہ تہٕ چھِنہٕ تس یتہٕ دوٚرکہ تقاضہٕ مُشتھ گژھان یمن سُہ
یتہٕ معاشرکین آنٕ منٛز وُچھان چھُ تہٕ یتہٕ تِہنٛزِ تخلیقی تجربس منٛز ورتاوان چھُ۔
ہری کرشنُن فن چھُ یہ زِ سُہ نہٕ چھُ وہ پر تہٕ یہ چھُ ژوٚرگاو دھمس دِتھ سورٕگس
کھٔنک ہنٛز کران تہٕ نہٕ آنہ گٕژِ منٛز اُنی وہ ڈِلتھ گرٛ اوٚر کس بالس چھاو نہٕ
یوان تہٕ گرٛ اوٚرکس تہٕ نہٕ چھُ پرٛن واٮ۪س اکھ بے معنے ذہنی ورزش کرناوان۔
ادے ہکن نہٕ تمی ہندی افسانہٕ تمہ خیالی گژِ مینتہٕ یتھ یتیمک ماپ اکھ افسانہٕ
نگار نقاد مینمہٕ آیہ کھر کران چھُ۔
اکِہ افسانکُ "بہٕ" چھُ ..... ذاتک ژینُن باوتہٕ خاطر لفظن
معنے بدلاوِتھ علامتن منٛز کتھ کرنٕس یتھ مجبور تکیازِ موضوع ییہ نہٕ رٕژٕ

ہُند کانِہہ جامہِ برابر نہ زمانہٕ مکانُک تصور نہ نفظن ہُند شقہٕ مطلب نہ کردارن ہُند ڈرامائی اہنار ۔ یہ چھا افسانس متعلق لیکھنہٕ آمُت کِنہٕ خُدا صابس متعلق یُس نہٕ کانِہہ جامہِ برابر گرٛشہِ ہٕتہٕ یُس زمانہٕ مکانہٕ نبر چھُ ۔

ہری کرشن چھُ عام پأٹھۍ بُھتِن جوٗرمُت خام تھوٗد تُلتھ تِہنز۔ اصل شکلہٕ ہاوِتھ پرٛن وأرِس یہ احساس دِوان زِ اُسۍ سأری کأتیاہ کھوکھرۍ چھِ۔ "داہ آہنہٕ شئے آہنہٕ" افسانس منز۔ چھُنہٕ سماجی نوٗ ہٹےیوت ہاونہٕ آمُت بلکہ چھُ یہ تہٕ ہاونہٕ آمُت زِ منگلُن ترٛنہٕ یاتارہٕ پیٹھ مُقدمہ بوزان بوزان نیم آ وُریاں زنانِن ہنز۔ شکلہٕ وُچھِن وأرِس حجبس تام کِتھ کُنۍ چھِ اُسۍ سأری افسانہٕ نگارس سان بیٚنہِ عرٛیانہِ تمہِ اخلاقُک یا قونوٗنُک سٕتھ کران یِیمیُک وجوٗد سانِین حالاتَن منز۔ فقط زیٖب داستان چھُ ۔ اَتھ افسانَس منز چھُ لفظ "ہسا" تکرارہٕ سان وَرتاونہٕ آمُت تہٕ یہ تکرار چھُ کانٛجکس بٹاپھ روٗمس منز۔ نبہٕ صابنس بیانس نہ صرف تأثیر تہٕ خلوٗص بخشان بلکہ چھِ امہِ سٟتۍ اکھ اسرارِیت تہٕ پأدٕ سپدان ۔ یِنُہ احساس مأرِن کوتاہ مشکل چھُ اُکس حساس انسانس خأطرٕ یہ چھُ افسانہٕ نگار "ذکر" افسانَس منز ہاوان ۔ "وہم" افسانَس منز۔ چھِ زٕ کردار ۔ راوی اکھ بٹہٕ تہٕ پیرزادٕ۔ دوشوٕنی چھُ وہم۔ کس ادس پیٚ زِدوٕ یہ ترٕ ہ ڈٲری یہ برونہہ ہیٚکھتھ اتھ افسانس منز۔ چھےٚ تِمن وہمن جایہ دِنہٕ آمٕرٕ تیم اژ کالکی سَنگہٕ پرٛزُ رچھٕ تہٕ یم شاید تمہِ وِز تہٕ پرٛزٕ راسۍ ۔ مگر افسانہٕ نگار نہ چھُ تقریر کران تہٕ نہ کوٗشش دِوان مگر چھُ تخلیقی سٕتھرس پیٹھ بٕنِس باسس پأرٕتھ پرٛن وأرِس برونہہ کِنہٕ تراوان ۔ افسانُک راوی چھُ وَنان ۔

اُکھ شری کٕرمے کُن نظراہ تہٕ دِتُن نار "یہ مُلک" باقیو دِتُس جواب

"ہمارا ہے" تمہ ووٚنمُھ پتہٕ "اس کا فیصلہ" تمو ووٚنہس، "ہم کریں گے" مےٚ
دِیت گوٚشش ہمٕر پٔننہٕ جایہِ گوس حاران زِ یمن شرٕن کتہِ گوٚو پتاہ، زِ یہ تُس چھُس۔
مےٚ نےٚ اوس نہٕ ٹیوٚک تہٕ کوٚرمت۔ (و ہمہ پ۔ ل۔ م۔ پ)

افسانُک راوی چھُ بَڈٕ آسنہٕ کنہِ کمتری ہند احساسُک شکار تہٕ اَمہِ کنہِ
چھُ سُہ پٔرتھ غار معقول واقعس پیٹھ غلط مانان۔ یوٚدوے تس کُنہِ رنگہٕ تہٕ کُنہِ واقعس
ستی کانہہ تعلق چھُنہٕ ـــــ نہ کوٚر تمہٕ ہندوستانس ستی الحاق، نہ کوٚرُن ہندوستانی
فوجس سال نہ لوٚبُن ہندوستانس منٛز کانہہ لاس نہ کوٚرُن جلسہ نہ کٔڈِن جلوسہ۔
مگر توٚتہِ آیہِ تس ہندوستانس ستی ہنگہٕ منگہٕ تھٕمتی کرنہٕ تہٕ سُہ آو پٔننہٕ سے گرس منٛز نظربند
کالمنسٹ مانٔنہٕ۔ کردار چھُ یہِ سوٚرُے زانان تہٕ تس تام چھُ فقط گوٚشش دِیُن
مگر سونچس چھُسنہٕ طنابہٕ ۔ سُہ چھُ سونچان۔

"دوتاہ تہٕ ڈان" افسانُک مرکزی خیال چھُنہٕ اہم بلکہ چھُ سُہ فنی ورتاو لوٚبہٕ ووٚن
لیٚس اَتھ افسانہٕ نگار دِوان چھُ۔ اَتھ افسانَس چھِ پانٛژھ کردار یمن منٛز ترٛیشے تاراچند
تاراوٚتی تہٕ ہی بٔڈنی اہم چھِ۔ راموٚجوٗ تہٕ تمہِ سنٛز آشنہٕ ہنٛز کتھ کتھ ستی چھُ تہُنٛد
نُقطہٕ نظر تاراچند تہٕ تاراوٚتی ہندی کردار ورگہٕ پاکھٕ بروٚنہہ کُن لیوان۔ ہی بٔڈنہٕ
چھِ پٔننہٕ غایہٕ تہٕ تس چھُنہٕ راموجوٗ تہٕ تمہِ سنٛز آشنہٕ ہندی تاراچندٕنی قصیدہ خوانی
خوٚشش کران اَمہِ کنہِ نہ زِ تس چھُ اَتھ قصیدہ خوانی ہمہِ ستی کانہہ اختلاف بلکہ اَمہِ کنہِ
زِ تاراچندٕنی یمہِ لوٚکچہِ تہٕ بٔرلوکچہِ تعریف بوٗزِتھ چھُ تس پیٹھ پاپ ووٚگنان
باسان تہٕ تس چھُ ہنہٕ ہنہٕ ترٛس گژھان۔ افسانہٕ کِس اَخرس پیٹھ تاراوٚتی ہند
اعتراف بوٗزِتھ چھُ یِک یَک اَکس ترٛہس منٛز۔ تمہِ سُند سوٚرُے ذہنی دُنیا
بدلان تہٕ سوٚ تہٕ تاراوٚتی چھِ نالہٕ موٚت کٔرِتھ باکھ ژھٕٹان۔ صوٗرتِ حال چھے
یہِ زِ باکھ ژھٔٹنہٕ روٚس چھُنہٕ بَنیہٕ کانہہ چارٕ روزان۔ اَتھ وٕ دَن ٹُنٛگہٕ

چھےٚ پَنٕنۍ تہٕ دٲرۍ۔ ہۍ ٹھنۍ چھےٚ پَنٕنہٕ بیقلاٗزۍ بیٚیچھٕ تہٕ ودان تہٕ تارا وٲتی ہنٛز ہمدردی خاطرٕ تہٕ تاراوٲتی ہنٛز۔ باکھ چھےٚ سآرے عمر جھیتمی گژھنس بیٚیچھٕ مرثیہٕ۔ دوشوٕنی کرٕدارن ہُنٛد نالہٕ موٗت چھُ اکہِ طرفہٕ کرٕدارن ہُنٛد کتھارسز کرٕتھ عمرٕ ہُنٛد بوسَ لوٗژراوان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ پَرن وٲلِس برۄہ نہٕ کُن تہٕ اکھ سوالیا انان یُس کرٕدارن خاطرٕ تمی ہنٛز ہمدردی وۄہ یدآوِتھ تس تہٕ معنی ساوۍ کران چھُ۔ امریکہٕ ہِنٛزن وٲلِس BOOKS ABROAD ناوۍ رسالہٕکِس جنوری ۱۹۶۴ ہکِس شُمارس منٛز چھُ "بیٚہ تہٕ لاران پربت" سونٛبرنہٕ بیٚیچھٕ تبصر کران اَکھ افسانس تہٕ افسانہٕ نگارس متعلق وَنہٕ آمُت۔

"THE ANGEL AND THE WITCH — THE BEST STORY IN THIS COLLECTION AND PERHAPS ONE OF THE FEW SIGNIFICANT STORIES IN KASHMIRI IS A FAIR EXAMPLE OF HIS METHOD. THE MORAL PROBITY OF THE MAIN CHARACTER, TARA CHAUD WHICH HOLDS OUR INTEREST NOW THAT HE IS DEAD IS REVEALED TO BE NOTHING BUT A SHAM, HIDING HIS SEXUAL IMPORTENCE. KOUL HANDLES HIS MATERIAL SO DEFTLY THAT IT IS NOT UNTILL THE FINAL CONFE- SSION OF HIS WIDOW THAT WE LEARN THE TRUTH ABOUT TARACHAND. IN THIS WAY OUR SYMPATHIES ..... ARE HELD

IN A CREATIVE TENSION ....

THIS COLLECTION DOES HIM (KOUL)

A GEAT DEAL OF CREDIT.

کول صابُن یہِ افسانہٕ چھُ گرِتھ تہٕ ژُرتھ۔ افسانہٕ نگار چھُ بلکل رِوٲیَتی
فنی آلہِ اکہِ جملہٕ ستہِ کِردارن منز کاینات بدلاوان تہٕ اُتھو ستہِ پرٚن واٲلس تہِ یہِ ذٕیرٕ
تہٕ وُتر بنیٖتھ ہیوان۔ تِس چھُنہٕ پرٚتھ لِوان زِ بقولِ سوٚنہٕ مال "یٚندراز ہیوٚ تاراچند
یُس طوطیا رنگہٕ صافہٕ، بادامی رنگہٕ اچکن، سفید تنگ موٚر پاجامہٕ تہٕ پالش کرِتھ گرگابٕ
لاگان اوس، یُس روٗحانی رنگہٕ مہاتما اوس، اوس ژرکہِ لِوٚت ژھوٚرٕ تہٕ تاراُوتی لِوٚسہٕ
لوٚپُن ہِش آس نہ چال، نہ ڈال، نہ عقل، نہ شکل تہٕ ہانٹھ یُس کھوتہٕ ہوٚنی جان
چھِے آسان آس ژرکہِ ییٚرٕ مہان زِ دٔزی دٔزی کوٚرُن نہٕ ذٔہرٕ تہٕ زاہنہٕ۔

"کرفیو" اُفسانس منز یوٚدوے نیبرٕ کرفیک حال نظر گژھان چھُ مگر
پرٚن واٲلِس اندرس احساس چھُ سہٕ باطنی کرفیو کوٚمب کران یُس اکہِ کس مرکزی
کِردارس رُمن رُمن شرٕ ییٚتھ چھُ کومُت۔ یہِ افسانہٕ چھُنہٕ صرف ماس تہٕ ایم اے
پاس بیکار نیچوٚس درمیان ذہنی ژھین تہٕ اخلاقی بٔنبر ہاوان، بلکہ روٚڑہٕ گمژن
قدرن تہٕ جدید آگہی درمیان تہٕ کشمکش بروٚنہہ کُن انان۔ یہِ افسانہٕ چھُ تمہِ
احساسچ باوتھ تہٕ یُس فردس معاشرس برخلاف اعلانِ جنگ کرنس تہٕ مجبوٗر چھُ
کران۔ افسانہٕ مُطابق چھُ یہِ معاشرٕ موکلیومُت تہٕ اتھ دٔج تروٚپ کرُن گوو
دٔق راوراوُن تہٕ پننی بصیرت کِژھ کرٕنی۔ نوٚو سونچ تہٕ پرٚون عقیدٕ تہٕ زوٚہ ترٕ
پرٚتھ ہنگہٕ تہٕ لرٕ لوٚر روٗزِتھ تکیاز اتھ منز آسہِ ناہمواری، بٔنبر ہبے شوٗبی تہٕ
ناپایداری۔ مرکزی کِردار چھُ ییٚمہِ آیہِ یہِ باوتھ کران:

میٚرٕ لوٚنس بیٹھ یُس روغن اوس کھالنہٕ آمُت۔ تھ

اَسہِ ژِکل ہیوٚ وُچھتھ ۔ ۔ ۔ ۔ تا اوٚ پچھن اوس کرٕنہٕ جایہ وُچھتھِ سیٚتی لاوٕ کھوٚ تمُت ۔ نوِی جورِ ڈٕ اَسہِ یہ پرانین تاکن سیٚتی ہشر کھبوان یہ یِم لٚہکٕلی تاچ تاکین یہ اَنہٕ ٹین ہند خاطر آسہن بناونہٕ آمتی تمن پیٹھ ٹیبل لیمپ، ٹایم پیس یہ ڈیکوریشن پیس سجاونی اَسہِ بلکل جاری گی ۔ (پ ل پ ص ۸۹)

مول چھُ یژھان اَتھ پرانہٕ لرِ وو سہ یہ مہدس اَتھ شیرناونکو مگر نیچوس چھُ باسان اَتھ لرِ چھُ ازنہٕ یہ پگاہ وَسی پیوٚن، نہٕ چھُ سونچان ۔

" یہ لب شیر اَسہِ ۔ کو یہ گارنٹی چھےٚ پگاہ پیٚیہ نہٕ باکھ وَسی ۔ ۔ ۔ ۔ "

یہ سورُے مکانہٕ چھُ آو سیو مُت ۔ اَتھ چھُ ازنہٕ یہ پگاہ وَسی پیوٚنے ۔ ۔ ۔ ۔ "

مگر بَبس چھےٚ وُنہٕ امہِ ستہٕ تاکھ ترٕ پور مکانہٕ کہِ بجرِ خوش فہمی، یِیٚمیک نصف کھوتہٕ زیاد حصہ پرانو نیچو، ٹمہٕ کھٔنجو، جدٕ بُڈی بب ہنز وقتہٕ چوٗلیفہٕ زِچو ستی برٕتھ چھُ ۔

یِیلہِ اَکھ سیوٚد ساد مُنش یہ یِم لفظ بوزِ سہٕ سونچہِ زِ یہ ما چھےٚ تمی ہندی مکانُک دلیل یتھ منز ۔ فضوٗل عمرن ہنز گرو یٹھ سومبرٲوِتھ چھےٚ یہ یِیلہِ اَکھ حساس قاری پرِتس خاطر بنہٕ مکانہٕ، معاشرُک، کشیر ہنز، ملکُک یہ سارِ دُنیُک علامت ۔ سہٕ وُچھہِ اَتھ مکانس منز پننہِ معاشرُک ہجر، کجر یہ گجرے یوت بلکہ اَکھ اَکھ لفظ بنہٕ علامت، سہٕ وُچھہِ اَتھ مکانس منز پننہِ معاشرُک ہجر، کجر یہ گجرے یوت بلکہ اَکھ اَکھ لفظ بنہٕ علامت مختلف خیالن، مختلف سِسٹمس مختلف مفادن یہ

مختلف نسولانن ہنزِ یم آدمس ازتام برابر گرتھان آے۔ سَتہ تاکھ تہٕ تزٕ کور تمثیل ما پھھےٚ واریاہ سٕنز
یہٕ کینژھاہ اہمیت رِوایتی انداز (۷) سَتہ ہندِ سَس چھےٚ سوٗ تہٕ ترٕ ے یعنے
۲+۱ یا وٕنو وحدت تہٕ کثرت۔ افسانہٕ نگار ما چھُ سارِنے پرٛانین مفروضن چلینج
کران۔ سُہ ما چھُ اُکس نوِس آدمس، اُکس نوِس الہامس، اُکس نوِس ٹیکس
پرٛاران تہٕ آے کانچھان۔ یہِ تہٕ داری چھےٚ دوٚیمس یا ترٛیمس سَتھرس بیٹھ تہٕ یہِ چھےٚ
افسانہٕ نگار ہنزِ فنی عظمت زِ گوڈٕنکس سَتھرس بیٹھ چھُ سُہ فقط گتھ وٕنان۔
افسانہٕ کِس آخرس پیٹھ چھُ نیچوٗ، سُہ رو ییہ ہَتہ ہتہ گرِ زٕ لنگ سٕنز۔ کران
یُس تمی ٹوٗشن کٔرِتھ اوس زیٚو نمُت تہٕ یُس بَب وہ سَتہ مٕہدس لب شیرِ نہٕ خاطرٕ
دِنہٕ وول اوس۔ یہِ ما چھُ موٗجوٗد نظامس برخلاف اکِہ بغاوژ ہُند اعلان۔ فرد ہنز
معاشرس برخلاف پنٕنہ وجوٗد منٕہ ناونچ کوشش۔ سانہٕ دوٗرُک فرد ما چھُنہٕ تتھ
معاشرس چوٗنہٕ جرنہٕ تہٕ پنٕنی محنت رٔٹتہٕ چھینیہ دِنہٕ خاطرٕ تیار یُمی نہٕ تَس کہیں دِیت
تہٕ یُس گرٕ کھوتہٕ گرٕ آوسان چھُ۔
یہِ وٕنُن چھُنہٕ صحیح زِ افسانہٕ نگارس چھےٚ کُلہم رِوایتی قدرن ہنز نفرت۔
تمُسُند المیہ چھُ یہِ زِ سُہ چھُ انسانی قدرن، روایتی اخلاقی قدرن خاصٔرس جمالس تہٕ
صداقتس لول بَران مگر ییلہِ سُہ ساری سے معاشرس منز یِمنے قدرن ہند استحصال
تہٕ آنہٕ مانے وُچھان چھُ تَس چھُ کُلہم سسٹم آوسیوٗمت تہٕ کھوکھُ باسان یتھ کانہہ
شیر پار ہیکہِ نہٕ گرٕ ھتھ۔ افسانہٕ نگار چھُ اکِہ خلوٗصہ برٕ تہٕ طنز مستی پٔنچ م۔ احیہ جاشش
پرٕن واَس رنگہٕ رنگہٕ مال تہٕ رغبت انان چھےٚ پنٕنہ ہوتر بروہہٕ کنُن انان۔ تمی سٕنز
دگ چھےٚ تمی سُندِس طنزس بلضے تم سوال تہٕ بناوان یم بوٗزِتھ کہنہ لوکھ اکِہ غارانسانی
آیہ بر نیڈی تہٕ چھ کٔڈان۔ افسانہٕ کرٛفیو ہس منز تہٕ چھ یم سوال وٕوھان۔
" اگر بنٕ وہ سَتہ مٕہدِ نس مادُسند کاکد دبادِتھ تَس بگاڑِ ہنز تمیک

بدلہٕ کیازِ چھُو مےٚ ہوان ؟ بہٕ اگر میون مول
چھُ، یہٕ چھامیون قصوٗر مےٚ چھنہٕ تس ستہِ کانہہ
ہمدردی۔ بہٕ چھُس تس ستہِ نفرت کران۔"
(ص ۱۰۱ پ۔ ل۔ پ)

یہٕ چھُنہٕ اکس فردُ سُند سوال۔ یہٕ چھُ اکہِ معاشرُک، اکہِ کلچرُک تہٕ اکہِ تاریخی
حیثیتُک سوال۔

"پگاہ" ہری کرشنُن طویل افسانہٕ ہیکہِ وارہٕن شرٛی افسانہٕ بابتھ
تہٕ کینہہ نقاد چھِ اتھ امہِ کنہِ اکھ ناکام افسانہٕ مانان تکیازِ تہندِ کنہِ چھُ اَتھ
مستقبلس چھُل لگاونہٕ آمُت۔ مےٚ تورٕ یہٕ فکرٕ مستقبلس چھُل کیاہ گوو؟
میانہِ موجُوبہٕ کنہِ چھُ یہٕ ہری کرشنُن اکھ منفرد تہٕ وکھر افسانہٕ یتھ منز اکھ بوٗرت
تجربہٕ پیدان چھُ۔ امہِ افسانن پرٛاو ترجمہٕ سید بتھ تہٕ قدرٕ منز نتہٕ یہٕ چھنہٕ
سہل کتھ۔ گوڈ چھُ ہری کرشنُن ترجمہٕ کرُن تہٕ مشکل تکیازِ تمی سندین افسانن
منز چھےٚ کاشرِ محاورٕچ COLLOQUIALNESS موجوٗد یتھ ترجمہٕ کرُن پزِ یامُو
فرہادنی کول کھتنی چھُ۔ اتھ افسانس منز چھُ افسانہٕ نگار تمہٕ بگیچ کتھ کران یُس
سُلس تہٕ مکھتس ہوٗن لوکن خاطرٕ زانہہ چھُنہٕ یوان۔ یہند زمانہٕ چھُ جموٗد برتھ
تہٕ یہند زندگیہ ہُنٛ ششتر لوٗگمُت چھُ تتھ چھُنہٕ کُنہہ دوہ ٹک ہری یہٕ تہٕ ولگان۔
ژکہ چھےٚ سُلنی تہٕ مکھنی۔ ساہرے زندگی زنہٕ ششتر ماس یتھ منز نہٕ کنہِ وُشنیر
چھُ آسان تہٕ نتایھ۔ امہِ افسانُک سکوٗل چھُ وُسی گومُت سمے ہسٹم تہٕ
زبان۔ سکوٗلس چھُ فقط ناو بدلان۔ گوڈ پریری سکوٗل یتہٕ لوٗور مڈل

---

ل ہردے کول بھارتی۔ سون ادب ۱۹۷۶ء

سکوٗل تہٕ پتہٕ نہرٗو میموریل لوٚوٚر ہٲر سیکنڈری سکوٗل ٹنگرزٕ چھُ یہ پریمری سکوٗلے روزان۔ پنڈت ہرٗوس پتہٕ چھےٚ خاندانی آیہٕ تمی ہنز کوٚر تہٕ حکوٗمت کران۔ ٹمرٗ سٔلس مکھنس یا سکوٗلس منز چھینہٕ کانہہ تبدیلی یوان۔ سوٗرُے چھُ روزان گوٗمُت ماحول تہٕ زندگی تہٕ تہٕ زبان تہٕ۔ کانوٗہ بنٔچیٖس لوکچہِ کوٗرِ مکھنہٕ ژوٗرِ پہ جمازٕ منز ہوٚچھی عاشقی کران چھُ سو چھےٚ ماج بنتھ رنٔس ستی جور ماران تہٕ کوٗر انعام رٹناوہٕ خاطر سٹیڈیم یوان ٹمرٗ سٔلہٕ تہٕ مکھنہٕ چھُ وُنہٕ ژوٗرِ مے جمازٕ یران تہٕ تمن چھینہٕ وُنہٕ بہار یاد تہٕ ییلہٕ تم سٹیڈمہ کارگٔنز ران چھِ باسان چھُ زِ گرٕندتہٕ چھکنہٕ یاد دوٚشوے چھِ ہیڈ ماسٹر ہنز۔ گاوتہٕ رٔچھان ٹمرتوٕ تہٕ چھینہٕ پنٕزمہٕ جمازٕ لکھسان۔ یہنز زندگی چھےٚ کینہہ ستی تہٕ لگنہٕ خاطر کڈ جیرب ستھنہٕ ستی شروٗع گژھان تہٕ اَمی ستی موٗکلان۔ یہ جیرب، یہ چھُ سہٕ کلوسٹرال یمہٕ زندگیہ ہنز حرکت خبر کرِ بند کٔرمٕژ چھےٚ تہٕ پتھ کُن چھےٚ ژھاپہ بےمنگم بےترتیب ژھاپہ روٗزمٕژ۔ یمن ژھاین منز چھینہٕ فقط مکھنہٕ تہٕ سٔلے یاتی بلکہ سوٗرُے سکوٗل ہیڈ ماسٹر سیکنڈ ماسٹر تہٕ ییلہٕ کنٹھ تہٕ اُزیُک ییلہٕ کنٹھ چھینہٕ زِنگنُک زہر جوان بلکہ زنگس زہر چاونا وان۔ دیبان ناظم صاب اوس امہ افسانن سخت متاثر کوٚرمُت تہٕ سہٕ اوس باضنے ونان زِ اَسہِ چھُ مکھنہٕ تہٕ سٔلہٕ گوٗمُت۔

۱۹۶۰ءٕ پتہٕ ووت کاشُر معاشرکہن بُنیادی تعمیری عنصرن کانی نقصان۔

معاشرُک اکھ حصہٕ گو وُنتھ تام سازشہٕ تحت عجیب سیاسی تہٕ سماجی تضادن منز۔ اوٚرتہٕ بیاکھ حصہٕ گتھ تام خوفس منز۔ افسانہٕ "لال مجنوٗن قصہ" چھُ لوٚے ماحول بدِ کڈتھ اکھ طنز۔ بوٚرمُت نفسیاتی گرت پیدٕ اوان تہٕ یہ نفسیات چھینہٕ فردن ہنز۔ بلکہ تمن لیجن ہنز یمہٕ چلن تمن دوہن اوس۔ ٹمرگتھ ہنُد گرت

چھُ تیتھ زِ افسانہٕ ییٚہ اَز تہٕ پرٕنہٕ ہیٚکہٕ نہٕ بشرطیکہٕ کٲشرِ ن گرٛٮ۪ٹھہِ زانہٕ کٲشرِ زبٲنۍ
کُن ظوٗن ۔ افسانُک ہیرو چھُ ژھوٚپہٕ کرٕتھ تہٕ اُمی سٕنز یہ ژھوٚپہٕ چھےٚ انسٲنی تہٕ
اخلاقی نُقطہ نظرٕ رو شوٗنی پروفیسر صاب زم کران مگر تم چھ پننین حالاتن تابع، غوٚلن
تہٕ اَکس کھوٗتنس ایگوہس (EGO) منز تیتی آورِ کرِ تم چھ اَکس نہٕ سٕتنن واجبہٕ کتھ
رٕتھ اَنی اَنی یہ ڈیٖرِز تہٕ کھٕسٕر پھیپھرس میوٗتدبناوٕنٕچ کوٚشش کران ۔ رزاق صاب
چھُ روایتی کٲشرٕ یُس پننین اختیارن ہُنٛد ہمیشہ سُہ ناجایز استعمال کران چھُ ییمہٕ
سٟتۍ اِنسانیتس تسلی چھُ گژھان ۔ شاہ صاب چھُ انگریزی ادبُک پروفیسر اُستھ
تہٕ دینی آیہٕ جذبٲتی ۔ یُنی لالس چھ پھیران زِ تمی کیاز برنا وٕ نہٕ کاکی سوادا بچی یس
رو ہیٚس ییٚتھ تہٕ تمی کیاز تلکہٕ تمی سند نوٚنہٕ برٕتہٕ گیتامرک منز تہٕ رینہ صاب تس
ییتھ چھُ خوف طاری سپدان ۔ تس چھےٚ باسان بیلی اَتھ تلہٕ گژھان تہٕ ہانزہٕ
تام بیلی بدل ناوس ییٚنہٕ آیہٕ وٕنہٕ وان تہٕ رینہ صابس زم کران ۔ تس چھےٚ نرملا سارنے
کورِن ہنز علامتھ باسان ۔ ییلہٕ یہ نِنان چھُ زِ لڑکس اوس اوتارکرشن ناو ۔
شاہ صابس چھُ تتھ ڈرامہس انتیٚ کلایمکس لبنہٕ یِوان یتھ ٹیمک سنز سُہ غارٕ شعوٗری
پاٹھی کران اوس ۔ رینہ صاب چھُ شُکر کران تہٕ کاکی کتھ اَتھ دوہ چھُٹی ہیتھ بیلی
سٟتۍ ماجہ بھگوتی تس تلہٕ مل گژھتھ تہٕ کھلہٕ وٕدُن کرنُک اراد کران ۔ یہ کھلہٕ وٕدن
کرنُک تصوُر چھُ مجبوری، بےکسی تہٕ خودغرض اَژھین دگ ہیتھ ۔ اَژھین اُمہٕ کنہٕ
زِ اَتھ گوو نہٕ اُمہٕ پتہٕ تہٕ ژھین تہٕ اُمہٕ دگہٕ تہٕ سماجی تضادن یُس جہار بتہٕ سانٛدر
بیاٹرٕ موجوب، لوٗب، طمع باوتھ چھ افسانہٕ نگار " نہٕ وَتہٕ لایق کتھ " ناوی
افسانس منز کران بتھ ییٚنہٕ آیہٕ اکھ وکھ اسلوٗب چھُ یُس اَرچ تہہٕ داری بدکڈان
چھُ ۔ ییتھ منز ماجہ کٕشتر ہنز دگ لٕلہٕ وٕنہٕ آمٕژ چھےٚ مگر یُس سرسری پاٹھی برنہٕ کنہٕ
اکھ کھوٚکھ اَسُن تہٕ سرسری کتھ باسان چھُ ۔

رُت اَدیب گژھیا رُت اِنسان تہٕ آسُن کیٚنہ نہٕ ، یُہ فاصلہ ہیٚوک نہٕ
شیٚقہٕ پاٹھۍ کانٛسہٕ کٔرِتھ ۔ مگر اَکِس کتھہِ ستۍ چھُ سارِنٕے اتفاق زِ فنکار گژھہِ پننہِ تجربک
پُرزٕ ایمانداری سان بروٚنہہ کُن اَنُن تہٕ یہے خصوصیت چھےٚ فنکارس اکھ فنی
پرتیمھ، پرزنتھ تہٕ عوامی لول دِوان ۔ جان فنکار چھِنہٕ کُنہِ رنگہٕ تہٕ فنس منٛز اصوٗل
وَرتاوان اگر اصوٗل ورتاوس اَژن تیلہِ بنہٕ اَدب فارمولائی ییٚمیُک مثال سانہٕ ترقی
پسند تہٕ جدید ادبہٕ منٛز ییٚتہِ پاٹھۍ دِنہٕ ییہ ۔ رُت اَدیب گو وُنیُس کھلہٕ تہٕ یُس نظر
ستۍ کُنہِ ژِھنگ مشاہدہ کٔرِتھ اَمہٕ کِس نبضس تھیٚچھ کرِ ۔ یوٚہے نبض ، یوٚہے باس چھُ دوٚیمِس
باس تہٕ ژٕترِنس ستۍ رٔلِتھ فنکارہٕ سنٛز شخصیژ ہنٛز کوند منٛز بیٚنہٕ یِتھ یِتہٕ اَدیبس ژھر تہٕ
ژھرکھ کرناوِتھ لفظن ہُند وٕلُتھ لبان ۔ ہری کرشن چھُ اکھ فنکار اتہٕ ایمانداری سان
پرِتھ رنگ تضاد ڈکھو کھر پربد کڈان ۔ ذاتی زندگیہ منٛز کم رنگ چھ تس متعلق چھِنہٕ
مےٚ معلوم تہٕ تِتھ چھِنہٕ کانہہ اہمیت تہٕ مگر تخلیقی سطحس پیٹھ نہٕ چھُ کُنہِ اصوٗلک
نہٕ کُنہِ سیاسژ ، نہٕ کُنہِ فرقہ پرستی ہُند شکار سپدان ، نہٕ چھُ پننہِ میژ ہنٛز مُشک منٛزتھ
اکھ تان دِلہٕ تہٕ بیا کھ راول ییٚنچہ گرو تھوان ۔ سُہ چھُ فقط اخلاقی تہٕ انسانی نوٗقطہٕ
نظر کنہِ تہٕ پننِس میراتس لول بَرِتھ خاطرٕ اَمہٕ تضاد برٕتہٕ کھو کھر پرچ کتھ کران تہٕ یہ
کتھ ووت تس " تاپھ " افسانہٕ پیٹھ برابر افسانن منٛز وَنان ۔ باضے چھُ تس باسان
زِ یم چھِنہٕ وَننہٕ لایق کتھ مگر وَنِتھ رٔوس چھُس تہٕ قرار تہٕ یوان ۔ ہری کرشن کو لِنہٕ
آواز چھےٚ کُنہِ پردیگنڈا آئی ییٚژ روٗس اَمہٕ بنہِ سازندر سیاسژ تہٕ چھوکہ داوی
معاشرکہ تضادچ ژِبنہٕ وٕنِ دِوان ——

افسانہٕ " اکھ صاب تہٕ بیا کھ صاب " چھُ استحصالی سیاسژ پیٹھ طنز ،
متضاد خیالن ہندۍ لیڈر چھ فقط اکھ اَکۍ ہندۍ ژُگی دِر ۔ تِمہ بے عقل بناونۍ تہٕ
تِہندِس رتہٕ چھیٚتہٕ لگہٕنس پیٹھ ووش تراوِتھ اکھ اَکۍ سند خاطرٕ جنت کھڑ کرُن ،

یوٗتے چھُ یِہنْد دیت ۔ یوٚہے طنٛز چھُ افسانہٕ "کَنہٕ چھےٚ زیوٚ ہنٛز سوال چھُ ٹھوٗکُ"
زیادٕ شدت لبان ۔ اَمہٕ افسانٕچ یوسہٕ دستاویزی شہادت اُفسانہٕ نگار بیٚیس
لفظس منٛز چھُ دِوان سو چھےٚ ہاوان زِ افسانہٕ نگار چھُنہٕ مصلحت آمیزی
کامِ ہیتھ ینٛس تخلیقی ضمیرس زیوٚ ژٹان ۔ اَسی ساری چھِ تتھ عوٲمی راجس
چھُنہٕ جران یُس تحریر تہٕ تقریرچ آزادی دِوان چھُ مگر یُیٔ درحقیقت بقول
مرحوم محی الدّین حاجنی عوامس" حام" زانان چھُ تہٕ توٚے چھےٚ اَتھ افسانس
منٛز لکن زیوٚ ژوٚرِ تہٕ سِلیہٕ دِتھ تمَن منسٹر صٲبنٛس بنگلس منٛز اژنک
اجازت دِنہٕ یِوان ۔ ییٚتہٕ تمَن بٔنٛنہٕ زیوٚ وٚستی فرشس پیوٚن چھُ ییٚتھ تمَن عوٲمی
راجک وِٹامن تہٕ پروٹین واتہٕ تہٕ بنا کشیرُک خاب ییہٕ باعمل ۔ بنگلکس فرشس
زیوٚن ہنٛز پٲلش سَیدِ تھٕ ۔ ژکہٕ چھُ مقصد فرشس لیوٗی لیوٗی یِہنٛز زیوٚ غاب
کرنہٕ ۔ کوٗل صٲبن چھُ اَتھ افسانس منٛز اَکس مِتھہٕ سٕ فنی ورتاو تہٕ ژہراو دیتمُت
زِ شایدے آسہٕ بیٚیہٕ کٔنہہ ہندوستٲنی زبانٔ ہندس افسانوی اَدبس منٛز ہندوستٲنی
جمہوری نظامکس دِنس ہیٚتھ یوٗت سنجید طنٛز کرنہٕ آمُت ۔

ہری کرشن چھُنہٕ داستان نگار زِ یِرن واَلس رنس ناوتہٕ خاطرٕ
کرِ سٕ کالج کورِ ن خیالن ہنٛز شہزادٕ بناوِتھ تمہٕ آیہٕ بیٚیتِ زِ سوقیانہٕ جذبس
لگہٕ وتش ۔ تمِ ہندی زنانہٕ کردار چھِ یوٗتِ کنٕ، ہی بٔٹنی، اُوشہٕ، تاراوٗنی، سرلا
سرملا ہشہٕ زنانہٕ ییم کشیٖر ہندِ حوالہٕ بٔنٛنہٕ ماحولس پرورد چھےٚ، یتھ ہیٚتھ بدلونہٕ
وقتک سوٗن اثر چھُ ۔ ساریٔ زنانہٕ کردار چھِ فطری، باضے چھُ افسانہٕ نگار
تِمھٕ کردار تہٕ ووتلاوان یُس بٔنٛنہٕ عملہٕ کِنہٕ زیادٕ ژھاے بٲساں چھُ مگریُس اکہٕ
مخصوص تہذیبہٕ کِہ حوالہٕ بٔنٛز اکھ بڑٕ گمُژ شخصیت چھُ تھوان رنٛشلے" اَزٕ
افسانٕچ ہیروین ۔ کَنہٕ وِز چھُ کوٗل تیٚتھ کانہہ زنانہٕ کردار منٛنس کھنڈٕ س ووتلاوان

یُس تیتھ متاثر کرن وول چھ آسان زِ سارِ افسانچ معنویت چھ بدٕ کڈان۔ بیہ کر راج مثال چھے "عُریاں کتھ" افسانچ کوٚر یوسہ پننٕ ووڈ بلو پرٛنیپرس پنن ستھ کرنہ خاطرٕ بلہ وان چھے۔

ہری کرشنہ نین افسانَن منز۔ چھنہ وندہ موکلتھ پوٚت وندٕ ژلانے۔ وَندِچ چھے سارِنے ووہ مید آسان توکنہِ چھے تیاری تہٕ سیدان مگر تا یہ دوہ پتہ پوٚت وَند چھ خلاف توقع۔ دراصل چھ افسانہٕ نگارس کشیر ہُند تا بچھ فقط بزم دِنہٕ وول شاٲلی تارکھ باسان ترکیاز یہ چھے "سرٛنی کھیل" یتھ وُچھن وول ڈیکس اَتہٕ دِتھ چھ سونچان زِ آزادی کیازِ چھے تس بزم دِوان۔ تس کیاز آزادی اَتھٕ موٚہتھ نوان۔ سُہ کیاز مجبوٗر؟ سُہ کیازِ براران، سُہ کَس براران؟ آخر کیا چھے یہ "سرٛنی کھیل" دِلَن کُس چھ؟ — نکھ — باشعور نکھ چھ زور زورٕ لٹہٕ یہ کھیل وُچھان مگر فکرِ چھکھ نہ ترٛان زِ دِلَن کُس چھ، ہیروسُند مول کینہٕ تمی سُند دوس کینہٕ ہرومینہ ہُند نام۔ اکھ اقتباس:۔

مانو فکر توٚر زِ دِلَن کُس چھ۔ اُمس کو سہ ژنڈ ژلہٕ تمہٕ ستی؟ یا بے کُس جاگیرہیکہ تس ژنڈھ۔ مگر تہٕ کرتھ تہٕ گوس یہ لاٲنہ منز تس بروٚنٹھ کنہٕ سرٛکہ منڈس ژھوٹس بیٚٹھ بہتھ۔ اُمیک پرواے کرنہٕ وراے زِ بلون ماگرٹھ ہم لیٚتھ۔ پتلونس مانیر نم کوٹھ۔ کوٹھس ماگرتھ ہم گینہٕ ترکیاز یہ ادوس تھو کمت۔ اسٹھاہ سٹھاہ تھوکھمت —

یہ تھکُن ہہ کنہ یہ سنُن چھ سانہٕ دورک سہ دیت ئُس پرٕ بیٚتھ چیزس منز کھوکھر رأنتھ شکلہٕ تہٕ ناو تام چھ بدلاوان۔ یہ چھ سہ جموٗد یتھ منز۔ سارے پہچان چھے راوان — باصطے نہ چھ اَتھ ماحولس منز۔ وق کانہہ تبدیلی انان

ہِ تہٕ پھِٹے اَتھ کانہہ اہمیت ۔ "شمشان وٲراگ" چھُ "پگاہ" افسانچ
معنویت EXTENSION اَتھ توسع منز پھِٹے ہوٚنز ترقی تہٕ ہِ دگہ ہنز
INTENSITY تہٕ ۔ یہ پھِٹے راوینہٕ دگ ۔ کِردارن چھِ ناو، شناخت
تہٕ وونہ تام رٲوی متی ۔ میانہٕ خیالہٕ چھِ ژور کردار ڈاکٹر، ٹارزن، پیڈرو
تہٕ پہلوان اکوے کِردار ۔ اَکھ کِردار ژوٚن خانن منز ۔ یا گرِتھ ـــــ کانہہ فرق
پییہ نہٕ اگر ڈاکٹرِ نہٕ جایہ پیڈرو تھاوون تہٕ ٹارزنہٕ جایہ پہلوان ۔ سیٹھہٕ تہٕ
چھُ یمن دوس مگر چھُنہٕ وُنہٕ زِ ہیتھ گومُت ۔ تکیازِ یِمَن سُند اوٚندپوٚکھ
چھُ کُنہِ حدس تام زندہٕ تہٕ اوے چھُ سُہ شمشانس پیٹھ ٹارزنُن تہٕ پیڈرو ہُنز
وَدُن وُچھتھ اَتھ شمشان وٲراگ وَنان یُس یُس شمشانہٕ نیرتس تامے محدود
چھُ ۔ اَمہٕ افسانچ اکھ خوبی چھِٹے زندگیہ ہندس سودرس منز ۔ یِیر گژھتھ راوینچ
سودگ یُوسہٕ یِم کِردار غار شعوری پاٹھۍ للہٕ وان چھِ تہٕ یتھ سِتۍ یِمن تیوٚت
لوے کھوے گومُت چھُ زِ شعوری سطحِس پیٹھ چھُ اَمیک احساس تہٕ موت
یِم چھِنہٕ کِردار بلکہ ژھایہٕ ـــــ زندہ موردہ ـــــ یمن چھُ صرف ٹانہٕ پرزباسان
مگر یہ ٹانہٕ تام چھُ دٕلسی گومُت ۔

"حالس چھُ روتُل" افسانس منز چھُ افسانہٕ نگار زندگی تہٕ فلسفہ
کین وارِ یِمَن سوالن وُژن تُلان مگر کانہہ تہٕ نتیجہ ۔ کانہہ تہٕ پرزِ چھُنہٕ مشخص
کَران تکیازِ پرتھ کتھ چھِٹے پتہٕ ژھکہِ حوالہ پرزِ یا اَیرٕ آسان ۔ پرزِ چھُ تی یہ
اَسہِ کُنہِ ٹایم فریمس منز پوٚز چھُ باسان ۔ یہ چھُ ذٲتی ژرتُن ۔ اَدٲکی ژرتہٕ
اکھ چیز تہٕ دوٚیم بیاکھ ـــــ سامی جٕیِس چھِنہٕ ترِ لگان ۔ تِس خاطرِ چھُ دُنیاوی
ماحولُک یا وٕنو نیٖزم پرتھ چیز بدلوُن تہٕ اَمہٕ کِنۍ اَیرٕ تکیازِ تِس خاطرِ چھُ پوٚز
سُہ یتھ منز نہٕ کانہہ بدلاو یِیہ ۔ نفسیاتی نظر وُچھتھ چھِ اَتھ افسانس منز ترے

کِردار۔ سامی جی سُپر ایگو (SUPER EGO) تِکیازِ سہ چھُ ماحولیاتی پٮ۪ژرس فقط سوٗچُن مانان۔ یِمہٕ چھِ اِڈ (ID) یُس فقط اکھ منفی سوچُک حصہٕ چھُ کینہٕ ورٕ، غار حساس تہٕ پوشش ـــــ راوی ایگو (EGO) یُس سامی جیٖس تہٕ لٔمھنٕس درمیان شوٗنگتھ چھُ۔ اُمس چھِ حالک ژٕریہہ پریشان کران تہٕ تِمن منز چھُ سہ تنہائی کھوژٕنچ تہٕ گِٹہٕ زٕلِچ ڈگ ہیتھ پریشانی ہندی دوشوے پٮ۪تی باج چھِ ویٚکھتی۔ اُکس نہٕ تِمہٕ زٕ اَنہٕ گٹہٕ نہٕ کھوژُن تہٕ بیاکھ کلہٕ تٔلہٕ کمل ہیتھ لوٚ یہٕ خرہیو پیوٚمُت۔

اکِ آیہٕ چھُ افسانہٕ نگار پننہٕ سماجچہٕ تِمہٕ تہٕ انہٕ گٹہٕ ہنز کتھ کران سہ چھُ پننِس ہمسفر وکیٖ مولوٚیس تہٕ صُبحس پٮ۪ٹھ اران۔ صُبحس یٮ۪لہٕ لوٚزِ تہٕ اَپرٕ سُر گژھ۔ مگر سوال چھُ یہٕ روتُل یِمی گٹہٕ زوٚل کٔرِتھ ساری ہے شِشتُر لا گِتھ وہٕ تہٕ تام بند کرِمِتہٕ پُھٹے ماکرِ اُمس راتہٕ ہے منز مگر۔ لبقولِ غالب ع کون جیتاہے تیری زُلف کے سر ہونے تک۔

کول صابس چھُ علامت کِردار تہٕ کِردار علامت بناوُنک ہونر۔ "سُہ گکرُ کُل"۔ یہٕ چھُنہٕ کانہہ گکر کُل بلکہ سہ کٔرِ کُل یُس کتھ وَنن والی ڈِچھ تہٕ یتھ اُندی اُندی واریاہ تماشہٕ ہیٚدی۔ بحیثیتِ کِردار چھُ نہٕ نہٕ تہٕ لوٚشہٕ نہٕ لوٚ مُک اُمین نہٕ تہٕ ببہٕ ہوٚسک آگاہ تہٕ یس یہٕ اکِس جوان زنانہٕ ہنز۔ پٔژنیٚہٕ زٕ وُچھنس کھٔر اوس روزان تہٕ اوٚے ژرٕہٕ ناوُنوو تمہٕ یہٕ لبظاہر بیشل آسِنٛچ موہر لگاوتھ۔ بحیثیت علامت بنیہٕ چھُ یہٕ کٔرِ کُل اکھ تماشہٕ اکھ کاوِیٚنہٕ وول، اکھ ٹادٹاو تہٕ بس۔

"راگ دا راگ" افسانس منز چھُ انسانی فطرتُک ہُند دیکھٕرز رہاو نہٕ آمُت۔ کِشن چند یمہ آیہٕ پننس خانداکی تہٕ تحصیلدار ماسِس ہُبتھ لگان چھُ سہ سوٗرے چھُ تس پننس نٔچوس رٔوپ کرِتھ سنہٕ وِزِ منٛتہٕ گژھان ـــــ

کشن چندئس راوی ہندس پیٹرس "انارکلی" ڈرامس منز۔ امہِ کنی رول دِنہٕ نشہِ
انکار چھُ کران زِ تمی چھُنہٕ پننس ماسِس روٗگہِ ژوس کنہٕ بڈٕ دوہ یا لوکہِ دوہ دستار
وولمُت تہٕ نہٕ چھُس دالہِ نک اراد چھُ روٗپ کرشنس زندگی اجیرن کران۔
یوٗ دوٗے کشن چندن مول سری کنٹھ ٹیک پننہِ وقتہٕ تحصیلدار آسی، دولتس تہٕ زمین
جایدادُک زبردس دبہٕ دبہٕ اوس تھوان مگر تہٕ کرتھ تہٕ پیلہِ کشن چندس ماٗلی
میٹرکس ترٛیہِ لٹہِ فیل گژھنہٕ کنی کتھ کرنی ترٛاو تہٕ سہٕ لوگ پننہِ لرِ بیند سیوڈ ڈکہ واوجہ
تہٕ تموک کینہہ تہٕ امہٕ ستی دوٗتھ تحصیلدار آسنہٕ تہٕ خاندان زرتھر ہہٕ چھُ مجبور لوکنی اون
گرٕ۔ امہٕ پتہٕ روٗد کشن چندن پاتھر کرُن، گوٗن گنڈن ماٗلی مندس چھُس پیٹھ جاری
تہٕ پیلہِ اکہِ دوہ سہٕ چیکس پیٹھ ووترس کھوٗت تور وآژن زنانہٕ پنداہ ؤرش ارندتی
یس متعلق تہٕ تام معلوم اوسنہٕ زِ سو آسہِ وورِ کہٕ موتدکہٕ واز کور ــــ ش
اوس تس شرمان کران وچھتھ عاشق گومُت تہٕ آسی پانژن ہتھن لۍ ہیرٕ منز
تہٕ امہٕ ستی آس تمی سندس ماٗلس سری کاکس ہتم رب متھہٕ آمژ۔ باپہٕ ییتی کار کرتو
کرن دول کشن چند چھُنہٕ ینچوس کتام سکہ کورِ ہتی کرنہٕ دوان تہٕ کمہٕ تام لالچہِ
کنی کتام ڈپٹی سکرٹری ہنز۔ بدشکل بے شوب تہٕ کتہٕ کورِ زِ چھ کورِ ستی خاندر
کران ــ ووڈنہٕ چھ روٗپ کرشن خوش تہٕ نہٕ تمی ہنز۔ زنانہٕ، نہٕ کشن چند۔
پیلہِ روٗپ کرشن پننی ساہرے دگ سازن منز۔ وتراونچ کوشش کران چھُ
تہٕ کشن چند پرانِدس پیٹھ پیتھ تموک جوان زنانہٕ وٗنان چھُ زِ تس پرٕہے
ینچوس تسی سکہ کورِ ستی خاندر کرُن۔ ارندتی چھنے پننی ذات ہتراتھ منز تھوٗنان
زِ سکہ کورِ ستی خاندر کرُن گیوو دوہ ڈنٹس گرمتہ پھیور تراوُن۔ یہ انسانی
دِ بھتار، یہ تضاد، یہ ظاہر پرستی، اصل وجود منز اونچ انسانی فطرت، یہ
سوٗرے چھُ افسانہٕ نگار اسلوٗبچہ سوتر لہِ ستی تتھ پاٹھی دانہٕ راوان زِ پرن

دول چھُ بےشونکی پأٹھی پانس وَنی دِوان زِ سُہ تہٕ ماچھ کُنہٕ تہٕ کُنہِ رنگہٕ سماجی
فاشن پالنہٕ خاطرٕ پننس اصل وجودس کتر کھنجہٕ ستی کھش کران۔ پرٕن دٲلِس
پانس ستی تھیکھ کرِتھ یکہٕ ناوُنک بتر چھُ ہری کرشنہٕ فنک اکھ رُسیل انہار
تہٕ یہ انہار چھُ "یتھ راز دلنے" سٕومبرنہٕ منز زیادٕ پریٚہ وُن باسان یمن افسانن
ہُند ماحول چھُ کشیرِ ہُند تہٕ اَمہ کنہٕ چھِ یمن افسانن منز تم مسلہٕ کلہٕ کڈان یہند
تعلق بڈٕ ن شہرن ستی چھُ۔ انسانہٕ ہنز شناخت، تمہِ سُند اکھ مشینی تہٕ نفسأتی
ہندس ماحولس منز راوُن تہٕ اکہ مشینہٕ ہند پُرزٕ کی پأٹھی گژھن، یتھ ژھوٚرٕ ڈیرس
پیٹھ واتُن تہٕ ماحولچہ رنگہٕ کشافتہٕ منز برٕ برٕ کرُن۔ یہے معنویت چھےٚ
"یتھ راز دانے" تہٕ "ژٕ سونچیتہٕ ہنا" افسانہٕ بدٕ کڈان۔ "افسانہٕ" "ہا نگلُ"
تہٕ "ہوٚنی" چھُ انسأنی رِشتن ہُند راوُن۔ انسأنی ولقارُک تہٕ بحرُک
رأسی گژھن برونہہ کُن انان۔ "فیرد بل" افسانہٕ چھُ تتھ لوٚٹس کُن اشارٕ دیُن اکھ
سسٹم یتھ ساری سے کشیر منز۔ واریاہ کالہٕ پیٹھ جأری چھُ یتھ منز ایکا ندارن
دستار والنہٕ چھُ لوان یتھ تم اَمہِ سسٹمکی قصیدٕ پرن۔ ہری کرشنُن
طنز چھُ یمن افسانن منز زیادٕ تیزٕ پراوان تہٕ تمہِ سُند تخلیقی سوٚتھر چھُ
زیادٕ کاڈ کڈان۔ ووٚنی چھُ تمہِ سندی کردار یمیس لرِ لوٚر انسان آسنہٕ بجایہ
ہندسہٕ باسان۔ سأرے زندگی زٕ تہٕ ڈجیٹ (DIGIT) منز تقسیم چھےٚ ینمژ
یتھ منز "موہن جیس" ہیوٚ انسان ژُوٚتس پیٹھ لبہٕ پراوان چھُ۔ پرٕ آری پرٕ آری
لوسان زٕ تہٕ ویڈنگ فار گوڈو ۔۔ سرلا یہ تہٕ موہن جیُن خوٚنی رِشتہٕ ۔۔
موہن جی دِلہٕ منز سُے کأشُر شکس لدٕ بٹہٕ کوٚٹ تہٕ سرلا منز گنگولی کمس تام بڈس
بنگٲلی افسر ہنز کوٗرے، نہ رِشتن ہُند کانہہ احساس، نہ کانہہ اخلاق، پننہٕ
مستی منز پننہٕ انا تہٕ تیج شکار تہٕ پننس غریب بأے سندے لوٚٹس یا تہٕ بلکہ تمی

ہنز سأری ہے زندگیہ غأرشعوری پأٹھۍ لہٕ مونٛڈ کران۔ موہن جیٖن المیہ چھُ یہٕ زِ سُہ پننۍ شناخت رٹھنچ کوشش کران۔ مگر سُہ کیا کرِ۔ سورُے ماحول چھُ تس برخلاف، تمۍ سندۍ شرۍ تام یمن ییلہٕ ڈبلو ہوکۍ بے معنے ناو چھِ۔ ییلہٕ شرُ ہندۍ زبأنۍ منز یوچھ متعلق تس پرٛژھان چھُ سُہ چھُ تمن چیا تھ لایان تہٕ وَنان۔ ’’شکس شرۍ۔ ہہرٕ مٹس پیٹھ لوگکھ شور، ییٚتہٕ کیا چھم ہندی کران۔ بدبخت نہٕ رٲود یتکۍ تہٕ نہٕ تتکۍ‘‘۔

ییٚہے گرٛاوہٕچ دگ چھےٚ ’’ژٕ سونچتہٕ ہنا‘‘ افسانس منز کاڈکڈان۔ یہٕ دگ چھےٚنہٕ فقط اکِس گرٲوی مہتس کأشرِ ہنز۔ بلکہ تمن سارِنے انسانن ہنز یمن گرٛ روومُت چھُ۔ انسان چھےٚنہٕ فقط کھےٚنہٕ، چےٚنہٕ، شونگنہٕ تہٕ کٔنہٕ سأیس تل روزنہٕ خأطرٕ یوت زندہ۔ سُہ چھُ فقط اکِس معاشرس منز بھیان تہٕ انسأنی تکمیل لبان۔ پننہٕ سنکرتی ہندۍ سنسکار چھُ تس رٕ من رُمن دُشین تھوان۔ انسان چھُ کمزور آسِتھ تہٕ بینِس کلچرس ستۍ نتھۍ آسنہٕ کنۍ پانس کأنی وُستہٕ وار زانان۔ مگر ییلہٕ تس پننۍ ثقافت ـــــ پننۍ موج راوان چھےٚ سُہ چھُ زندے مران۔ ’’ژٕ سونچتہٕ ہنا‘‘ افسانک کردار ماجہ، نہٕ ماجہ کٔشیر پرٛژھان۔ اقتباس۔

مےٚ کٔس اتھرٲوس کوٚرمُت زٕ ژٕے کوڈ ھٔس بہ پننہٕ

’’کو چھِ منز نبر..... ژٕے سیدُے اندیشہ.....

زٕ تہٕ چھُ ووٚنی ہوا سیٹھاہ ہونٛدریومُت۔ خبر کمہٕ

ساعتہٕ ییہٕ سوشینہٕ ژھٹھ یوس ہے مےٚ مأرتھ ژھٕنہٕ۔

مگر ژٕ سونچتہٕ ہنا انسان چھا صرف اکے طریقہٕ مران؟

ییٚتہٕ روزن وألی سرجن

شوبندو گھوش، مسٹر ملکانی، بہادرُ، یم سأری تہٕ چھنا پننہٕ پننہٕ جایہ

کرتامتھ موٗدی متی۔"

یہ افسانہٕ چھُ ۱۹۹۰ ہس برونہہ لیوکھمُت ییلہٕ کشیرِ نہٕ شینہٕ ژھٹھ آس تہٕ نہٕ کرٕ ہُن شیٖن، فقط آس سوٗرٕ دگ یمن استقبالس پرٛاران۔

"بھم" افسانہٕ چھُ فکرکنہِ تیوٗت تہہ دار، تمثیلی تہٕ علامتی آیہ تیوٗت باڈوٗدار تہٕ افسانہٕ ہونرٕ کنہِ تیوٗت وُستہٕ دار زِ یہ چھُ ہری کرشنہٕ ہنٛدین افسانوٗ منٛز اَکھ تہٕ کاشرِ افسانٕچ کانہہ تہٕ REPRESENTATIVE سوٗمبرٕن آسہِ امہِ افسانہٕ روٗس نامکمل۔ اتھ افسانس چھ وارِیاہ سوٗتھرٕ تہٕ گوڈنیک چھُس یہ زِ یہ چھُ پہن ناخیزن ہنٛز کتھ۔ دوٗیمس سوٗتھرس پیٹھ چھُ افسانہٕ نگار تہذیبی ارتقہکس گوڈنکس مرحلس بازیافت کران۔ انسٲنی تہذیبٕچ گوڈنٕچ صوٗرت ییلہٕ انسانس کانہہ خودغرضی آس تہٕ امہِ کنہِ نہٕ اوسُس کانہہ دوس تہٕ نہٕ دُشمن۔ سہٕ اوس اکھ پوٗرٕ وجوٗد مگر یوٗتاہ تہذیبُک گاش پیوان گو وُسہٕ گو وُچھکرِ نہٕ یوان، سو کھو ساوی زندگی گذاران، گوٚو کلس کیاہ تام زِ سہٕ گوو گاڈن لوٗشش لاگنہٕ —اَتھ دِر تبدیل کم چھُ تہٕ بوٗنگ لوٗگ نہٕ صرف یہ وٚنِنہ زِ لوٗشش گرتھ ھن آرس لاگنہٕ یِنہِ بلکہ اَمِچ طاویل کران وٚنی تمہٕ کٕر، نار تہٕ لوٗہرٕنی دلیل پھوٚھی وٚژھ نہٕ یہ تفسیر ہنٛز مگر تس توٗگ نہٕ کینہہ وَنُن تہٕ تس ترٕ دوسار روے اَنھن۔

افسانہٕ کس خوشگوار ماحولس منٛز کرٕ ہنس بارٕ ژھی واوٲ سُند برٕچھٕچ ہیتھ ظاہر سپدُن چھُ اکہِ وُستہٕ دار تہٕ منظم آیہ انسٲنی مساواتُک تہٕ کُنہرُک پارٕ پارٕ گرٕچھن ہاوان۔ وونی چھُ پتھر منٛز روزِتھ آرٕچہ گاڈٕ کھینک تمہِ حق یم کرٕ ہنٛزٕ پارٕ ژھی لاگن۔ بوٚو یہ چھُ اکھ جبرس برٕخلاف وٚنُن یرٕ ژھان، مگر زبان چھس نہٕ ادم پھُٹ چھُ گرٕ ژھان مگر توٗرٕ تہٕ چھُنہٕ کرٕ ہُن پوٗرٕ ژھ لاگن۔

اَتھ افسانس منٛز چھ ترٕ ے کردار، یا وٚنوٗ ترٕ ے علامتہٕ کاٗفی اہم۔

اوٚن، کھوٚش تہٕ پھوٚکھ - اوٚن چھےٚ کہس وُچھان تمہٕ کِنۍ چھُ سُہ NON-
DETACHED تس چھ باسان زِ تس چھُ سفید پوٚشہ لاگتھ میلہٕ زن تس
دوکھ دِتھ کرٕہنُن پوٚشہ چھُ خبر کر لاگہٕ آمُت آسان - تس چھےٚ یہِ معلوم
سپدان زِ پتھ منز کر چھ کھوٚشی راج آمت تمۍ سندٕ ین ستۍ واپس ہندۍ ذہنی
رٕوی یہِ کرتہٕ پتھ کُنۍ بدلیہِ - سُہ چھُ تمن منز روٗزتھ تہٕ الگ - بینس حالس
منز مس -

پھوٚکھ چھُ حساس - تمۍ سُند واحد مسلہٕ چھُ، تمۍ سُند سوٗنچ، تمۍ ستۍ
دلیل، تمۍ ستۍ معقولیت - سُہ چھُ پزٕتھ کتھِ اُتھۍ معقولیتچہِ کہوچہِ کھاران
تہٕ یہِ اتہٕ پوٚز چھُس باسان تہٕ چھےٚ وُنتھ ہکان تکیاز اُتھ چھُس زنہٕ
تکہٕ تس وُنتھ نہٕ بوزٕ کانہہ ساری ترٚ اون تس پیٹھ اُسُن - حاس آسنہٕ
موٗجُب چھُ سُہ پانس ہٹھ پرتھان کرناوُنۍ امہٕ موٗجُب چھےٚ تس پھوٚکھ
زٕبو نینگلتھ گرٕدھان تہٕ سُہ چھُ ہر ہمیشہ یہِ دگ للہٕ وان روزان زِ پوٚز
زانتھ تہٕ ہیوٚکتہٕ تمۍ زانہ پوٚز وُنتھ -

کھوٚش چھُ خبر کتہٕ پیٹھ کرٕہنۍ پاژھِ پھچ ہیتھ لوان تہٕ کتام بادشاہ
سلامت سُند حوالہٕ دِتھ ہنہٕ ہنہٕ سارِنۍ کرٕہنۍ پاژھِ لاگناوان تہٕ کرٕہنس پاژھس
تہٕ زندٕ روزنس منز اکھ تعلق پادِ کران تہٕ ہنگہٕ منگہٕ سارِنۍ منز ذہنی تبدیلی
اکھ حدس تام انان زِ ساری چھ کھوٚشی بنان تہٕ امہٕ وِزِ چھُ پھوٚکھ سوچان -
"پاژھِ کس زنگس تہٕ گاڈن کیاہ چھُ پانہٕ واتۍ واتھ - گاڈن چھ واتھ
یڈٕ ہنٕز بوچھِ ستۍ - یہِ یمن کرٕہنین پاژھن تل چھُ تی چھُ مےٚ سفید پاژھس
تل - کرٕہنُن پوٚشہ، سفید پوٚشہ - نہٕ اکھ اکس نش بیوٚن نہٕ اکھ اکۍ ستۍ
کھوتہٕ بہتر - نہٕ ہیکن تھندی کرٕہنۍ پاژھِ تھندی غاب غاب غاب

کرِتھ نہ ہیکہ میون سفید پوژھ میانہِ زِندگیہِ ہُند کوس کأسِتھ۔" (یِہ راز دانے ص ۵۲)
ممکن چھُ نِبا یہ نفر ما آسَن یِہَن پرِ جِن کُن اِشارہ یِمَن منز۔ سارے آبادی آگرِتھ
چھِنے۔ یہ افسانہ چھُ دوِن رنگن ہُند کٔڈان ۔۔ سفید تہٕ سیاہ، پوز تہٕ اُپز۔
وحدت تہٕ کثرت، وجود تہٕ چھکرُن ۔ مگر یہ چھِنہٕ کانٛہہ رزمیہ ز پوز زینہ۔ یہ
چھِنہٕ کانٛہہ کشمکش۔ یہ چھُ سفید رنگُک اعتراف شکستُک تہِ کمیاز۔ سُہ چھُ کأنیاتس
منز محدود۔ یہ افسانہ چھُ انسانہٕ سُند پأنی پانس یَنہٕ کھوجِہ (RATIONALITY)
ستی رٔتہ داوی کرنُک المیہ۔ یہ چھِنے تِمَن بھرِن منز۔ دلیل یِم پوزی پوزی پرِتھ
دورس منز انسانس پننِہ اِتانی ارزِتھ تہٕ معصومیت رٲو۔ یِمن بھرِن دی تو کُنہ تہٕ
منظم تحریکہِ ہُند ناو۔ یِمو بھر پو پھالو انسان ہو چھِم کولہ تہٕ پھِٹھ گوس
پرم کرِ تہ سُہ اوس آب حیاتس منز۔ ڈُنگہ ڈُنگ کرِتھ آمرِ سِتھ چوان۔ مگر پھوٗپھ
پرزرِ رود فاقے تہٕ دم پھُٹ۔ یِمو پھرِ ونہٕ یِمو کو ڈُس پننٕ ژوپ الگ تہٕ سو
وحدت، سُہ انسان، سُہ پزرگو وچھِلہ چھلہ یِتھرِ کانٛہہ رنگ اوس تہٕ نہ کانٛہہ
آکار۔ ہری کرشنہ نٕ امہ افسانٕچ کٔتھ پرزمتے غالبُن یہ شعر پرِتھ موکلاوِ نہ

ہم موحّد ہیں ہمارا کیش ہے ترکِ رسوم
ملتیں جب مِٹ گئیں اجزائے ایماں ہو گئیں

تنقیدس منز چھنہٕ کانٛہہ کٔتھ آخری آسان۔ تنقیدی اصول ژھنڈی
ژھنڈی، میٹی میٹی نٕ تولی تولی چھِ یِم اصول بکار یِنہٕ وقتہٕ کھوکھر باسان۔
تنقید چھُ ژرکِہ تنقید نگار سُند اکھ ذأتی ردِ عمل۔ سُہ چھُ تِتھ معیارس پتھ
کُنہ چیزس سام ہیوان یُس تس یَمِنہ ذہنی آکار تہٕ ادبی رٲوی یہ کینہ مولُل چھُ
باسان۔ اکھ کتھ چھِنے ضروری تہٕ پرِتھ کُنہ قسمہِ کس تنقیدس منز۔ اہم ز
تنقید چھنہٕ لیوان کانٛہہ ہندس ذاتس کرِنہٕ بلکہ تِتھ فنس یمکہ وأسِد اُدیبہ

ہنز ادبی شخصیت تنقید چھ کہو چھ چھنے کھسان ۔ میانہِ خاطرٕ چھُنہٕ سُہ ہری کرشن اہم بُٹس ہری کرشن چھُ ۔ بلکہ سُہ ہری کرشن یُس ہنز ترجمانی تمہٕ ہندی افسانہٕ کران چھ ۔ یہ وُنہٕ پھر افسانک تمثیلی کردار مدنظر تھاوِتھ زٕ اَکھ ساری چھ نامکمل تہٕ اَکس دِیُن رُوس چھُنہٕ کانہہ مکمل ۔ بحیثیت افسانہٕ نگار چھنے ہری کرشنس منز تہٕ کمیہ تہٕ فنی خامیہ ۔ مثالے

پننس گوڈ کاتس منز چھُنہٕ ہری کرشن زبانی کُن پوٗرٕ توجہ دِوان ۔ شاید چھُ یہ وُشفہ اَمہِ کِنی گژھان زِ سُہ چھُ زبانی منز ڈرامائیت پادٕ کرٕنی یژھان تہٕ یہ چھُ سُہ پیش لفظس منز تام کران ۔ اقتباس ۔

"یمن لرن بنیری چھُ لوٗڈ باڈو آسان مگر اندر آسان جایہ ژھوچر ودٕلمن آسان سرنیہہ، کھٹن منز آسان اَنہٕ گوٹ ، کانی ہندی ژینٹی آسان ڈسی بیمتی ۔ دارِ تہٕ دروازٕ بیٚ آسان ٹنگہ ڈلی متی ۔"

لفظ "آسانک" گردان اوسنہٕ ضروٗری ۔ یہ عبارت ہیکہ ہے یتھہٕ آیہ تہٕ لیکھنہٕ یتھ ۔

(۱) یمن لرن بنیری چھُ لوٗڈ باڈو آسان مگر اَندر جایہ ژھوچر، کھٹن اَنہٕ گوٹ ، کانی ژینٹی ڈسی بیمتی ، دارِ تہٕ دروازٕ بیٚ ٹنگہ ڈلی متی ۔

(۲) (COLLOQUIAL) چھُ کول صابنہٕ اسلوبک سارِوے کھوتہٕ زوردار پہلوٗ ۔ یہِ گوو زبانی ہندِس روزمرس منز کردارن ہنز کتھ باتھ ہُند مخصوص رُوی یہ ۔ مثالے

(ا) نہ شکل نہ عقل نہ چال نہ ڈال ۔ اَڈ گرٕ مامتی ، ڈوڈ گرٕ لوٗفر ۔

(ب) دوشوے بارٕ آسی نہٕ تار اوتی اڈنگیہ ٹیس تہٕ دِوان کڈنہٕ ڈنبکی ہے چھ توٗ حالہٕ ڈوبنے کڈان ۔

یتھ ہیکن ہیتہ بہ مثالہ دِتھ ہیتھ۔ مگر یوہے COLLOQUIAL چھ
کُنہ کُنہ جایہ وُچھتھ باسان۔ مثالے افسانہ "پگہس" منز چھ بلکل شروعس منز لفظ
"ہتھک" ورتاوتھ ثقیل پیٹھ ایمک ورتاو، امہ پتہ بلکل ٹھیکی چھ۔ غار فطری
ورتاوچ مثال۔

بہ ژیر پتہ یتھے لڑکہ ییتھن ییتھن کلاسن ہیتھ ارژنی ژور مہ جمازنہ بند سُلہ
وٲتھ ممھنس" ہیرا ـــ تیلہ کنٹھس چھیا بہار یاد کورمُت"۔
"نا ژے چھتھا کورمُت"۔

"کریوم ہا، مگر مےٚ نا یادے روزان"۔
"وونی کھو بنہ۔ سُہ ہا چھ یمہ کینکرُ"۔ مکھنس زر دیو و بتھ۔ سُلن
کر بے فکری سان اُسنہ ہناہ بلہ نوو دِتس کیاہ تام" رٹو، ہیرا امتھو اکھن"۔
دو شوونی جاین چھنہ لفظ ہیر مناسب۔ تکیازِ انتھن چھ افسانہ نگار
کردارن پیٚرن واٲرس ستی تعارف کران۔ یمہ کینکرُ لفظک ورتاو تہ چھ
محاورس خلاف تکیازِ سُلس چھنہ معلوم زِ یمہ کینکرُ کیاہ گوو۔

۳) اُتھی افسانس منز مولوی صاٲبن رٹایر گژھن۔ تمبیس منز ٹالک
پیوند ہیو باسان۔ تکیازِ سکوٗل بلکہ روزہ گومُت وَق تہ اکھ منز
کانہہ تبدیلی چھے اکھ فنی تضاد۔ مولوی صاٲبنس عقل نماہس ہا دِتہ تس مزید
طنزیک نشانہ بناوہ خاطر چھ لکھارس یہ وشنہ گومُت۔ مگر یہ گوو فنک تقاضہ
نظر اندازِ کرنس برابر۔

۴) بلضے چھنہ تحریک وُتش افسانہ نگارس فنس زیادہ ہنہ نک موقعہ
دِوان۔ اَوے چھ لفظن ہند کُنہ کُنہ جایہ بےوایہ استعمال باسان۔ ووہ نی گوو
یہ وشنہ کس لکھارس چھنہ گژھان۔ افسانہ نگار ہندس بچاوس منز ہیکو یہ

اُردوٗ شعر وُنِتھ ۔

بجا ہے کوشش ضبطِ جنون پر کیا کروں ناصح
جگر پر چوٹ پڑتی ہے تو آنسو آ ہی جاتے ہیں

(۵) "یِنہٕ لاران پربت" ہیکہِ جان افسانہٕ آسِتھ مگر ہری کرشنس پزٕ حوالہٕ چھُ مےٚ یہِ ہناتگٕن گژھی باسان ۔ واریاہ وُنِتھ پزٕ چھُنہٕ افسانہٕ نگار کیہنہ وُنِتھ ہیکان۔ ہیکہِ نٔہ کٔتھ ہُند بِن چھُ دولہٕ دولہٕ ہیکِتھ شروع کٔنِن آسان ۔ ہری کرشنٕنِس پزٕ نُم آبس چھُ یہِ خلافِ توقع باسان ۔ کأشر زبأنی منز۔ چھُنہٕ پربت اکھ کوہ بلکہ اکھ رۄحأنی بجرج جاے میون مطلب چھُنہٕ زِ یہِ کیا ہیکہٕ نہٕ اکھ تضاد یا PARADOX علامتھ بنِتھ ۔ مگر یُس ماحول افسانس منز چھُ تتھ منز۔ چھےٚ یہِ علامتھ بے معنی باسان۔ اتھ علامژ چھُ افسانہٕ نگار JUSTIFY کرنہٕ رۆستےٚ دولابو، پریشانیوٕ پزٕ بیخالی وِشوائن خأطرِ ورتاوان پزٕ ورتاو چھُ ہری کرشنس پزٕ حوالہٕ نخولہٕ باسان ۔ شاید چھُ جدید آنگ باس دِنہٕ خأطرِ یہِ افسانہٕ لیکھنہٕ آمُت ۔ مےٚ تو گژھہٕ بوزُن زِ یِنہٕ لاران پربتکس بیش لفظس اگر "یِنہٕ لاران" افسانہٕ عنوان دِنہٕ یِہ سُہ بنہٕ یِنہٕ لاران پربتہٕ کھوتہٕ کتہِ کور زوٗدار افسانہٕ ۔

(۶) باضے چھُ ہری کرشن افسانہٕ نگارس لٔتھ کڈِتھ یانہٕ تمی ہنز۔ جاے رٹان پزٕ یِرن وأنس خأطرِ رنگس منز۔ بے رنگی کران مِثالے داہ آنہٕ نسٕے آنہٕ کس أخرس بیٹھ بنہٕ صابُن یہِ وَنُن یِہ "چھا این کال یا بتی تردوشن افسانہٕ زِ یوکسی کھین حالات ول گٔنِتھ پزٕ بوزن وآلی کرِتھ حأران پزٕ پریشان "

(۷) باضے چھُ افسانہٕ نگار برونٹھے مُنحص کرِتھ منتین (CONCLUSION) کنکلوٗجن یَدِ انِنہٕ خأطرِ جلدی کرِتھ کِردارس سِتی نا انصأفی کران ۔ مِثالے نی تو اکھ بہترین افسانہٕ "دوتا پزٕ ڈام "

کتھ چھےٚ بلکل فٔنی آیہِ گرایہٕ برونہہ پکان ۔ تاراچند نہٕ تاراوتی
ہندی کردار چھِ اَسہِ برونہہ کُن رامہٕ جو، سونہہ مالہٕ تہٕ ہی بٹنہٕ ہندٕ واَسہہ
یوان ۔ ییلہٕ یم ترشوٚے تاراچندٕنِ گرٕ چھِ واتان تہٕ تاراچندٕنِ شوٗ چھُ گرٕ کڈنہٕ
یوان ۔ تاراوتی ہٕ چھےٚ لاشہٕ یِیہٕ یِیہٕ سارِنٕے موٗنڈٕن ہندی یاگٹھی لبلہٕ کران ییٚرنٕن
تہٕ اوٚرٕ اَژِ ہٕ تھےٚ وٕنان ۔ ییٚنہٕ بی آمریوم پٔنٕنہٕ ہٕن وٕرِیٚن ماکوٗرم ہٕرٕس فاش، ووٚنی
دژاوسُہ ییٚمہٕ گرٕ مٕنز ۔ ووٚنی چھٕسو وٕنان بہٕ ہٕبی چھٕسو ستہٕ وٕرٕش، بہٕ ہٕبی چھٕسو
شرٕوٕرٕش ۔

تاراوتی ہندِس اَتھ اعتراقس کوٚسہٕ جوازیت چھےٚ ؟ تاراوتیہٕ ییٚمہٕ نہٕ
پٔنٕنہٕ ہٕن وٕرِیٚن اَندری ڈٕژھ تہٕ اکھ ڈٔہر رٕنگ تہٕ نیٚبرٕ ژھوٗنڈ کیاز کرٕ تاراچندٕنِ
شوٗ گرٕ نیٚری تھےٚ تٔس ذلیل ؟ اَتھ چھےٚنہٕ کانہہ فٔنی جوازیت ۔ اگر تاراوتی ہندِ
کردارٕچ کانہہ ابہرٕ برونٹھےٚ ہاوٕنہٕ آمٕژ آسہٕ ہےٚ تیٚلہٕ کرٕ ہو یہٕ اعتراف کانہہ
این زایم کھیتہٕ ہضم ۔ اتھ چھُ کول صاب سارِی فٔنی OPTION نظرانداز کرِتھ
تہٕ جلد افسانہٕ ختم کرِتھ نہٕ صرف تاراوتی ستہٕ بےٚ انصافی کران بلکہ افسانچ
حسین تہٕ رنگہٕ مندور ہٕنٕز ۔ ییٚتہٕ کیٚہہ تہٕ نچ کران ۔ اکھ نفیس OPTION
روزٕ ہےٚ یہٕ سارِیےٚ زنانہٕ نیٚرٕ ہٕن تہٕ یِیہٕ کرٕ ہےٚ بٔنہٕ خیالی گوٗنہٕک اعتراف
ہی بٹنی تاراوتی نٔش تہٕ تاراوتی کرٕ ہےٚ ذہنی بور لوٗ ژراونہٕ خاطرٕ تاراچندنہٕ ژھوٗژرٕگ
اعتراف ۔ اَمہٕ ستہٕ میلہٕ ہےٚ تاراوتی یٕنٕ اَبوس لوٗ ژراونٕک جواز تہٕ ہی بٹنہٕ
خاطرٕ تہٕ بدلہٕ ہٕن گٔژھن ستے ۔

(۸) مےٚ ووٚن گوڈٕے زٕ ہری کرشن چھُ ازتاجہٕ کا شرٕ افسانچ اکھ اہم
اَزٕ تھ ۔ اکھ اَدٔبی مندور بناوٕنی کوتاہ مشکل چھُ تہٕ زانن تمے یم اَتھ مندورٕ
خوٗنِ جگر وٕندان چھِ ۔ کتھ کرٕن والین چھےٚ فقط کتھ کرنہٕ آسان مگر تمن چھُ

کیتھ کرنک حق تہٕ پتہٕ ییہے باش پتھے تنقید نگار ہن۔ سُہ چھُ لچھٹاساگڈتھ کتھا
کران تہٕ بتہٕ کرِ پرٕ تھے ہش کتھ۔ "یتھ راز دانے" افسانس خاطرٕ چھُ یہٕ ناو
سیٹھاہ گوٗب بیلہٕ زن سوٗ ہمرٕ خاطرٕ یہٕ ناو ٹھیکے چھُ باسان۔ لل دید متعد
حوالہٕ ہیکن اَمہٕ ناو کی ساری DIMENSION ناولہٕ منز بر کڈتھ بہ یتھ۔
للہٕ ہندی یم زٕ مصرعہٕ چھِ بذاتِ خود اکھ ناول ۔

ہچو ہارِ نجہٕ بیٚز و کان گوم
اَبخ چھان بیوم یتھ راز دانے

اَتھ افسانس منز نہٕ چھُ بیٚز یُو کان تہٕ نہٕ اَبخ چھان، یہٕ اوسنہٕ
افسانہٕ آہنٕ کنی اَتھ افسانس منز ممکن تہٕ۔

باقے چھُ افسانہٕ نگار افسانہٕ برد ہند ترسیل پرٕاونہٕ خاطرٕ اساطیری
عنصرن ہنز وضاحت کران۔ یہٕ چھُ گون تہٕ اَدٕ گون تہٕ۔ یہٕ دمہ
"بٹن ہنز درمہ کتھا یُس مسلمان بائے تہٕ پرٕتھ ہیکن" افسانک مثال
افسانہٕ نگار چھُ شیش ناگ، وشِشٹ وشوامتر بیتر تمثیلن ہنز کتھ
وُنتھ گوڈے پرٕن وٲلس افسانہٕ سمجنہٕ خاطرٕ تیار کران۔ یمن لکن خاطرٕ
افسانہٕ نگار لیکھان چھُ ہُند حوالہٕ پتھنے منے یہٕ رٕ کیتھ باسان وون گوو
زیادٕ بہتر روزہے اگر یہٕ وضاحتی کتھ حاشیس منز دِنہٕ آسہے آمژٕ اَمہٕ
ستی روزہے پرٕن وٲلس تاثرچ وحدت۔ کول صابن یہٕ افسانہٕ چھُ یِنہٕ
نو زُھ تہٕ فکرکنی تیتھنے اہم تہٕ یِنہٕ بیاینہٕ عنصرٕ ستی سُے پرٕ تیتھ پرٕاوان یُس
مشہور ہندی ڈراما، "ایک اور دھرونا چاریہ" ہندی زبانی منز پرٕاوان چھُ۔
بہرحال کول صابن چھُ کاشر زبانی ہُند اکھ کارٕ ووگُن افسانہٕ نگار ۔
روایتز لور روایت سازٕ ییمی ہنز فکر ییتھ اکھ دکھ و ولُت چھُ۔

# اختر محی الدین سندی افسانہ

## فکری پوّت منظر

مجروح رشید

یوّدوے اختر محی الدین سندی کینہہ افسانہ اُکس حدس تام دوہ دینچہ زندگی نکھ چھ تاہم چھ تمی سندی اہم ترین افسانہ تمے گنز۔ رنہ یوان یمن منز تمی سنز فکر مند پوتر گوب چھ۔ "ہتک"، دند وزن" تہ "ڈریا یہ ہند بیزار" ہوّن افسانن منز بیر ضرور افسانہ نگارسنز سماجی وابستگی علاوہ فرد سندن ذاتی جذبن تہ جبلتن ہنز باوتھ تاہم چھینہ یم افسانہ تیز اہم یتیاہ "ژس" تہ "ارتقا" ہوی افسانہ چھ۔ امیک وجہ چھ شاید یہ ز دندوزن، ڈریا یہ ہند بیزار تہ ہتک ہوّن افسانن ہندین واقعاتن ہنز۔ اغلیٹ بیٹھ چھنے بحث کرنچ گنجایش موجود۔

پیرتھ لکھاری سندی پاٹھی روو اختر محی الدین تہ اُکس دورس تام رومانوی فکر للہ کھوّل کران تہ اُتھی فکری رُجحانس منز تخلیق کرنہ آمت اکھ نمایندہ افسانہ چھ "آدم چھ عجب ذاتھ" اختر صاب چھ پانہ امہ افسانہ کہ حوالہ لکھان۔

"منز کالہ کیو افسانو منز چھ "آدم چھ عجب ذاتھ" امہ کنہ اہم زِ امیک موضوع چھ ہمہ حسنک باش یُس مادکہ تربیہ زنم ہیتھ بالاحقیقت ہنز ترینہ ون دوان چھ۔ اَتھ منز چھ بڈ ذاتی گنے کردار ملہ سنجان۔ رمضان تہ میم صاب چھ اُہنزے UNDERSTANDING تہ بالاحقیقت ہند باسہ کس مقامس بیٹھ

چھ یم زاکھ اکس منز جذب سپدتھ ؤلہ سپداونہ شخصیتھ مکمل بناوان۔ بظاہر دون ہُند موت چھنہ ؤلہ سپدانس منز غمک تہ ماتمک جذبہ ووتلاوان بلکہ تس بیٹھ تم سِر آشکار کران یم بیان کرنہ خاطر لفظ چھنہ۔ اوے چھ سُہ محض یُتے یوت ؤنتھ ہیکان "کتھ دراو شُل" یہ ؤنتھ چھ پانہ پانس ستی شاد ہُند انساہ کران"۔ راہی صابن افسانک عنوان چھ "آدم چھ عجب ذاتھ" تہ اتھ پتہ کنہ چھ رحمن راہی سُند یہ شعر ؎

آدم چھ عجب ذاتھ جدائی چھے بہانے
بُلبل چھ گلشن منز تہ متیومُت یہ منز وُچھ

وُچھوے تہ تیلہ چھ اختر صابنہ افسانک تہ راہی صابنہ شعرک نفسِ مضمون کنے۔ انسان چھ متضاد چیزن ہُند مرکب تہ امی سندس وجودس منز چھ تم عنصر شامل یم تمتھ مٹاونہ خاطر کافی چھ۔ بقولِ غالب ؎

میری تعمیر میں مضمر ہے اک صورت خرابی کی
ہیولیٰ برقِ خرمن کا ہے خونِ گرم دہقاں کا

افسانس منز یُس نفسیاتی حالِ بد رمضانس ہردینہ ستی گرزھان چھ سُہ چھنہ تمس یہ تکتھ تھاوان زِ سُہ ہیکہ ہے زندگی تہ اتھ ستی وابستہ معاملاتن ستی سمجھوتہ کرتھ۔ سُہ چھ اتھ برعکس زندگی نِشہ فرار کران یہ زن اکس رومانوی کردار سُند خاصہ چھ۔ راہی صاب چھ رمضان سندِس کردارس اَدہ موکھ باعث تنقید زانان تکیازِ تمن چھنہ رمضانن وہو ہارا غلب باسان۔ راہی صابنہ کنہ گوڑتھ رمضانہ زندگی ہندین مختلف رنگن ہُند حسن پرزناوِتھ ہکن اَدے ہیکہ ہے سُہ مستند کردار بنتھ۔ راہی صابی چھ افسانیک قدر سنجی کرنہ وِز NEGATIVE CAPABILITY ہُند تصور زیرِ نظر رُدمُت یمہ کنہ تمن افسانک استحسان کران مشکلات چھ پیش آمتی۔ یہ کتھ

چھےٚ پنٕنہٕ جایہِ مُسلّم زیرِ تبصرٕ افسانس پیٹھ پنٕنۍ رٲے پیش کران چھ تِموٚ پنٕنہٕ تنقیدی مطالعک تہٕ بصیرژ ہُند زبردس مُظاہر کوٚرمُت یمیُک اعتراف حوم شمیم احمد شمیم صابن پنٕنس مضموٗن "کٲشُر ادب میں رومانوی رُجحانات" منٛز کوٚرمُت چھُ۔ مرکوم شمیم احمد شمیم صابن چھ افسانٕس پیٹھ بحث کران پنٕن سوٗرُے قوٗت استدلال ورتاوِتھ اَمہ افسانہٕ کمِن رومانوی پاسن پیٹھ گاشہِ ترٛوومُت یُس کٲشُر افسانہٕکس گوڈٕ کالس منٛز اوس فرد تہٕ تمۍ سُند ذٲتی ردِ عمل افسانہٕ لٔنٛشہٕ غٲب۔ فرد سٕنٛز ذات تہٕ تمۍ سُند جیٖرٕن نِسبت ردِ عمل تہٕ تمۍ سٕنٛز۔ مختلف نفسیاتی کیفیژ ہیٚنز گوڈنِکہِ پھر اختر محی الدین سٕنٛدِ ڈیٖسی کٲشرِس افسانس منٛز ظاہر۔ تِمس اوس یہِ زانان چھُ مۆلہٕ ژُنۍ مجموعہٕ اضداد۔ تمۍ سٕنٛدی افسانہٕ آسی تِموافسانو نِشہٕ مختلف یِم تِمس برونٛہہ لیکھنہٕ آسی آمتۍ یا تِمس تھی لیکھنہٕ آسی یوان۔ اَمۍ سٕنٛدِن افسانن منٛز نہٕ اوس جاگیرداری ہُند نظام، نہٕ سرمایہ دار تہٕ نہٕ ظالم تہٕ نہٕ مظلوم۔ تمۍ سٕنٛدِن افسانَن منٛز یُس جیٖز لیسلہ پاٹھۍ نظرِ گژھان چھُ سُہ چھُ انسان تہٕ تمۍ سٕنٛز کمزوریہٕ۔ اَمہ قسمکہ سونچُک نتیجہ دراو یہِ زِ تمۍ سٕنٛدِن کیٚنژن افسانن منٛز رٹ پلاٹہِ جایے نفسیاتی تہٕ ذہنی کیفیژو تہٕ تمۍ سُند فن روٗد نظریاتی قولہٕ ہٲری نِشہِ دوٗر فقط انسانس پرزناوِنۍ کوشش کران۔

اختر محی الدین سٕنٛدِن افسانن ہُند دُنیا چھُ رنگارنگ۔ انسانی نفسیات تہٕ کیفیژ علاوٕ یِم مسلہ افسانہٕ نگارس دریٚش چھ روٗدی ہتۍ تِمن منٛز چھ کائناتُک پُراسراریت انسانَن سُند ازل لوٗن، موتُک خوف، زندگی ہنٛز معنویت تہٕ اَمِچ بے معنویت تہٕ انسان سُند کٔلِہم صوٗرت حال یتھ منٛز۔ تمۍ سٕنٛز بے بسی تہٕ مجبوری تہٕ شٲمِل چھےٚ۔ یِمن تمام موضوعن چھ کٔلِہم پاٹھۍ اختر صابنٕن افسانن منٛز بہتر باوتھ ہیٚنز مژ۔

تمہ ہندین کینژن افسانن منز چھ مۆکہ آدم ہنز حیثیت، کایناتس متعلق تمہ ہنز زان تہٕ تمہ سُند علم زیرِ بحث یوان۔ افسانہٕ نگار چھُ یتھی ہوی مسلہٕ یتھین کردارن ہٕند ذٕریعہ پیش کران یم بڑٕ پاٹھی انسان ہنز بے بسی تہٕ مجبوری وحالات چھ کران۔ یم کردار چھ کایناتچہ وسعتٕ منز حارٔتس منز گیر گژھان تہٕ تم چھ سو زبان بولان یتھ تشکیک پریڈان چھُ۔ یتھین کردارن کاہنہ مسلہ درپیش یینہٕ وزٕ تہٕ چھُ آنکارس وار تہٕ نہ انکارس بلکہ چھ سراپا تذبذبس منز۔ یتھین افسانن ہٕند کلُہم فضا تہٕ ماحول چھُ مابعدالطبیعاتی۔

"سہٕ نمٕ ؤدا اوسُس بے یٚیمی کان لوے۔ سہٕ شودٕ تہٕ اوسُس
بے یٚیمی تار کولٕس ٹھول لاے۔ دوشوے وقتو لاج مے
پاہ کریکھ موٗدہا مۆدہا" یہ کریچھ لاجم ایمانداری سان۔
بہٕ ہے ؤچھان اوسُس تو ہندم رن۔ مگر وونی رۆدٕ تہٕ
سہٕ کھوژناوُن وول اتہٕ گوٚٹ سہٕ وتھراوِ راوُن وول
اتہٕ گوٚٹ وونی چھم باسان یتھ لبہٕ اپارٕ۔ مگر کیاہ؟"
(ژٕے چھکھ ژٕے چھکھ)

اختر صابنن افسانن ہند اکھ اہم موضوع تہٕ مسلہ چھُ فرد سند ذاتک تہٕ برزُنٹ ہند CRISIS۔ اختر اوس برونٛہہ لیکھن بکھاری اومُکھ آسس تمن ادبی رجحانن ہنز سنز تہٕ گنی پاری زان یم تمہ سندس دورس منز ادبی حلقن منز متعارف یا مقبول آسی۔ تمہ سندن افسانن ہندی کردار چھ موجود دورکس انسان سند ذہنی کرب تمہٕ شدت سان ووتلاوان

زِگمانہٕ چھِ گزٕھان زِیِم ماچھ زندگی کُن بَتھ بھران۔ "چھاکانٛہہ سام تَھ" افسانس منٛز وۄتلِن وول کردار چھُنہٕ کانٛہہ ستیٚ رِشتہٕ جوٚرِتھ ہیٚکان۔ تس چھےٚ زندگی مُژکہٕ تلیٚ ژانان۔ سُہ چھُنہٕ رِشتہٕ ژٹان بلکہ چھِ رِشتےٚ پانٛی پانَے تمِس نِشہٕ دوٗران۔ سُہ چھِ رِشتَن قریب روزنُک جتن کران مگر تمن کوٚمہٕ رٔٹِتھ باوجوٗد چھِس یِم رِشتہٕ رٔکِنہٕ ژٕلان "گٔہے تاپھ گیٚہے شہُل" افسانکُ مرکزی کردار چھُ کامی ہوٚیکِھن میٚژن بیٚٹھ بٔہِتھ زنانن تہٕ مردن ہندِس شوٗرس منٛز شریک سپدنُک ژھرٕ کھ دِنان۔ مگر یہِ چھُنہٕ ممکن ہیٚکان سپدِتھ۔ سُہ چھُ تھدِ یا کھٕ اُن یرٕ ڑھان مگر ناکامی چھےٚ تمِس شُند مقدر بنان۔

"بہٕ اوٚسُس ہیٚنز کٕنز ژاس کران۔ سگریٹ زالان۔
زنگہٕ وایان زِیِم وُچھَن نامےٚ کُن۔ بہٕ گرہکھ پوٗرےٚ
سلام۔ سگریٹ چاوہکھ ڈھراچا وہکھ کانی تہٕ —
صرف یرٕ ژھہکھ تہٕ گتہٕ بیٚٹھ چھوٗ اسان۔ مےٚ تہٕ
اُسنا وۍ توٚ مےٚ گوٚ وارہ کال اٚسنس ——
مگر یمَو دیُت نہٕ مےٚ کُن کانہہ توجہ۔"

(گٔہے تاپھ گیٚہے شہُل)

"گوٚبرا توٚ بہٕ کوٚت سا گژھن۔ یرٕ ژھن وول اوس دوٚن
زنگن پیٹھ کھڑا۔ اُمِس آسہٕ پانس جنتہٕ۔ اُمِس آسی دَندتہٕ پراژاندر ——
یہِ اوس تمِنےٚ ہیوٚ یمِن شُری ڈیڈی جان، ماماجی، یا چاچاجی ونان چھِ۔ یہِ اوس
انسان ذاتس منٛز ے۔ لہٰذا کٕس کھوژِ ہٮ۪س۔"

(چھاکانٛہہ سام تَھ)

اختر محی الدین سُند افسانوٕی دُنیا چھُ انسان ہندِس ظاہرس کیو باطنس گاش داوان ۔ تمِس چھُ یمہِ کِتھ تُہند پوٗرٕ پوٗرٕ احساس تہٕ تہٕ ادراک یہٕ زِ انسان سُند باطنی دُنیا ہیکہِ نہٕ معروضو وراٴے باوتھ لبتھ ۔ اخترس یٚیلہِ کُیتھ ہیوٚم حلہٕ دربیش چھُ یوان سُہ چھُ پننہِ فنکار آسنُک ثبوت دِتھ تمتھی معروضن ژاران یِم یَزٕ نہٕ پاٹھۍ انسان ہندِ اندرِمین احساسن تہٕ کیفیژن زبو چھِ بخشان ۔ یِتھۍ ہوٕی افسانہٕ پرِتھ چھُ انسان سُند فکری ارتقاء تہٕ انسٲنی تواریخکی مختلف موڑ تہٕ دور تہٕ برونہہ کُن یوان ۔ "ارتقا" افسانس منز چھُ انسٲنی صوٗرتِ حال باونہٕ خاطرٕ کیہہ کلُ بطورِ معروض ژارنہٕ آمتۍ یُس پرِتھ موٚسمس منز حال تہٕ رنگ بدلاوان تہٕ پننُ وجوٗد بچاوان روٗد ۔ تحرُک پہلوٗ چھُ اَتھ افسانس منز تہٕ ناکارٕ

"برٕ ہہسا اوسُس اکھ کیہہ کوٹ ۔ میانی وقعت آسہٕ کہیں ۔ برٕ اوسُس تیوٚت جیم زِ مےٚ بسیایہ تہٕ آسہِ ہے نہٕ کانہہ ۔ سوٗنہٕ اوسُس برٕ اکِس اندٕس کُن اَربہٕ منز کلہٕ کڈان تہٕ ڈِچھی کھوورِ خوفہٕ ہتہٕ نظر دِوان ۔ نصیبہٕ ہےٚ آسہِم تیٚلہِ اوسُس ژھینیہِ ژھایہ تایہ زٕژوٕ ستۍ پان تہٕ وُشناوان ۔ دوہے آیم نٹھ آسان زمینہٕ دوہہ گرٕ ھینہٕ کھرس یِ وٕسِتھ تہٕ برٕ گژھہ مینزٕ بذی ۔"

(ارتقا)

انسان ہنز بے بسی، مجبوری تہٕ زندگی ستۍ تمۍ ہنز ۔ مالے تہٕ موتُک خوف چھُ ادبُک پرون تہٕ مقبوٗل موضوع ۔ انسان یٚیلہِ ماجہِ زٕلوان چھُ تمی دوہہ پیٹھ چھُس موت پتہٕ دِوان تہٕ پتہٕ چھُس دوہہ اکہِ رٹان ۔ موتُک خوف تہٕ امہِ کہ ناگزیر آسنُک باس چھُ اختر محی الدین کو کرہِ نوٚتی ہندِ تلازمہٕ ذریعہ دِوان ۔

"کانہہ گۄنڈ گرٕتھ ہنا موٗد۔ تٔمس اوس اوٚش وسان۔ سُہ اوس موٗمتس پوٗتِس نوٚہرِ وُچھان تہٕ وَنان چھُکھ سا بوزان آخر موٗد۔"

(اٍژس)

اختر صأبنین افسانن منٛز۔ روٗد سماج تہٕ اَتھ منٛز۔ بارسس مُروجہ قدرن ہُند نظام اکہٕ نہٕ بیٚیہ رنگہٕ شأمِل حال۔ اکھ کتھ چھےٚ شبقہٕ ز کانہہ تہٕ ذی ہوش باضمیر تہٕ روشن دماغ انسان چھُ لازمن سماجس منٛز مُروجہ قدرن خلاف اٰہ موکھ بغاوتھ کران تکیاز تٔمس چھُ پننٕ پان نفسیاتی سطحس پیٹھ یتھین حالاتن درمیان غار محفوٗظ باسان تہٕ سُہ چھُ نفسیاتی COMPLEXES منٛز ہیٚنہٕ یوان۔ سُہ چھُ اَکہِ ہے چیزس یا تصورس متعلق مختلف انسانن ہُند ردِعمل وُچھتھ راوان۔ "مٔتی کتھ" افسانس منٛز چھُ یِتھے ہیو عالم درینٛٹھ گژھان تہٕ افسانہٕ نگار چھُ انسان ہنٛدی COMPLEXES ید کڈنس منٛز کامیأبی پرٛاوان۔

"اما محمد سُلطانس آو ترٛ۔ اَکی دوٚیٚم اصلاح ہیاوان ہیاوان کوٚد زٕ پاگل ہے بیوٗٹھ۔ محمد سُلطان اَسی بلوٗ زٕ ڈٕ ہتی تہٕ سُہ اوس ناہ نٕ گابیراں مے روٗٹ رکوٗم تہٕ پرٛژھمس "بابا کمیوٗ زالہ لو گکھ۔"

تٔمی دوٚیٚم نہٕ جواب کٔہیں۔ مگر مے اوسنہٕ تٔہنز۔ زیوٗ جواب بوٗزُن ضروٗری بہ چھُس انسانس اَتھ اَیپٹھ تھأوِتھ اَندرم سأری منٛز ژہِتھ نوان۔"

(مٔتی کتھ)

اختر محی الدین ہنٛدِن افسانن منٛز۔ چھ زمانکی سأری لرِ پھرٕنی بیٚنہٕ وجوٗدکٕ بیٚیہ پٔنہٕ اہمیژ تہٕ معنویژ ہُند باس دِوان۔ تٔمی ہنٛدی کردار یٚیہ دوہ دِرینٛٹھن قدرن

تہٕ رنیمیژن ریژن تہٕ رلوایژن ٹیپ چھہ ژٹان تتہٕ چھہ تم موجوٗد دورکین مولن پیٹھ تہٕ زہرخند کران۔ "پرالب" افسانک رام ژندر چھ دریٹھم۔ رلوایژہن علامتھ تہٕ بنٹ چھُ جدید قدرن ہُند استعارٕ۔ بنٹ چھُنہٕ سماجی نوقطہ نگاہ کنۍ کانہہ کارآمد فرد ییلہٕ زن تمۍ سندی باے قابلِ احترام چھہ۔ رام ژندرس چھ بہتھ زہ بنٹ چھُنہٕ اوموکھ کینہہ کرِتھ کراوتھ ہیکان تکیازِ یہ چھُ تمۍ ہتہٕ کرمہ رکھہ لیکھتھ۔ ہونی ہتہٕ دلیل پتھ چھےٚ افسانس منز اَتھ کتھ کُن اشارٕ کرانۍ۔ مگر بنٹ چھُنہٕ یمن چیزن ہُند قایل۔ تس چھُ مُوجہ قدرن، ریژن تہٕ رلوایژن خلاف غوصہ اوموکھ چھُ سارِہےٚ تہٕ سارنے نفرت کران تہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ چھس پننۍ بُڈی بب کھران۔

"بنٹ آو۔ وُہہ وُہر نوجوان۔ مس کلہٕ کرِتھ۔ موٹ گردن کرِتھ۔ لوچھ لاگِتھ۔ مالہ تہٕ موکرُ۔ تھندرِ روہ رکانہٕ تلہٕ اوس باسان تس چھُ پرِتھ کانہہ چیز کھران تہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ پننۍ بُڈی بب"۔

(پرالب)

بہرحال اختر محی الدّین سندین افسانن منز چھُ بتدریج اکھ فکری ارتقا نظر گژھان تہٕ اَتھ ییٚتہٕ کنہٕ ییٚنہٕ تمۍ سند ذاتی تجربہ تہٕ مشاہد شامل چھ تتہٕ چھُ معروف جدید فکری رجحان تہٕ افسانہٕ نگارسُند وسیع مطالعہ تہٕ کار فرما۔

---

۱۔ کاشُر نثری ادب تہٕ جدیدیت، کاشر ادبک فکری پوٚت منظر ۱۹۸۰ء

۲۔ "آئینہ" تیسرا یادگاری ایڈیشن ۱۹۸۳ء




محفوظ جان

## ابتدائی دور:-

ادبہٕ خاطرٕ یم اصوٗل ارسطون بارسس اَنۍ تمیک دٲیرٕ چھُ افسانس تام افسانہٕ خاطرٕ مقرر کرنہٕ آمتۍ اصوٗل چھِ مجموٗعی طور پوٗرٕ دُنیہکی فنکار تہٕ لِحاظ کران۔ ورتاوان آمتۍ یِمہ کِنۍ افسانس منز بین الاقوامی رنگ چھُ پادٕ ہیوٗ کمُت سپدِتھ — دُنیاے افسانس منز یَک رنگی موجوٗد آسنس چھِنہٕ افسانوی اصوٗلے یاتی بُنیاد فراہم کران بلکہ چھُ افسانس منز ورتاونہٕ آمُت فن تہٕ اَمیک برابر شریک۔ اَدٕ سہٕ موضوع پلاٹ، اسلوٗب، مکالمہ یا واقعہٕ کُس صورتس منز آسی تَن۔ اَمہِ قسمٕچ رنگ بستگی چھےٚ کُلہم افسانوی دُنیہس اندر تٕنۍ۔ وُنۍ گوٚو فن کُس تہٕ کمہِ آیہ ورتاونہٕ، تمہِ ستۍ چھےٚ کُنہٕ تہٕ مقامی افسانچ بالیدگی تِنۍ نیران۔ یِتھۍ نٕے ہیوٗن فنی اصوٗلن ہُند پٲداوار چھُ برصغیرُک افسانہٕ تہٕ۔ ایشیاہس منز۔ وٲتِتھ یوٗسہٕ ترقی افسانن کٔر، سو روٗز نہٕ کُنہٕ مخصوٗص زبانی تام محدوٗد بلکہ پھہلو وٲنۍ فنن تمن سارنے زبانن تام یِمن دامہٕ یہِند یِدولتہٕ برصغیرٕ کی مختلف قوم زانہٕ چھِ یِوان بامے سہٕ کاشُر، پنجابی، بنگالی، ملیالم، آسامی، اُڑیا، سندھی یا کینڈی چھِ۔

کاشُر افسانہٕ چھُ اُردوٗ تہٕ اُردوٗ افسانہٕ چھُ یوٗرپی افسانہٕ کھوتہٕ وٲنسہٕ لوکُٹ۔ یوٗرپی ماڈلن منز۔ کھوکھش کرنہٕ پتہٕ یِلہ افسانہٕ برصغیرُکس دروازس ٹھکٕ ٹھک

کران چھُ۔ تمِ ساری اصوٗل چھِ اتھ مدِ نظر تھاوِنۍ یوان یمن تحت اَمی وجوٗد پرٛودٕمُت
چھُ آسان۔ یوٗرپی افسانس منز یم تہٕ تجربہٕ کرنہٕ آسی آمتۍ تِمن ہمراہ ژاو یہ افسانہٕ
ایشیایی سونچس تہٕ مقامی ویوہار مطابق لوٗگ یکھن واش کڈنہٕ۔ واشنگٹن اروِنگ،
نیتھنیل ہاتھارن، ایڈگرایلن پو، موپاساں تہٕ کامکاہون مایہ ناز افسانہٕ نگارن ہندی
ہمہ جہت تجربہٕ پانناوی تِتھے کنٕ برصغیرکیو افسانہٕ نگارو یتھ کنہٕ یہندِ استعمال مقامی
طور سیدمُت اوس یہ یوٗرپی افسانہٕ نگارو ورتاوی مقامی موضوع، کردار، واقعہٕ تہٕ خیال۔
اُتھی نقشہٕ قدمس پیٹھ ژکی برصغیر کۍ افسانہٕ نگار۔

سجاد حیدر یلدرم اگرچہ برصغیرکہ اردو افسانک سرسری ابتدا کران چھُ تہٕ
منشی پریم چند باضابطہٕ پاٹھی اکہ فنی افسانک نگر یتھ کنہٕ یوٗرپی ابتدائی افسانہٕ نوٗبازی
تہٕ جذباتن ہنز عکاسی کران چھِ تِتھے کنٕ چھُ ہندستانک ابتدائی افسانہٕ تہٕ۔ لہذا
اوسنہٕ یہ ممکنے زِ کاشرٕ افسانہٕ کیاہ کرہے اَمہِ نِش بدل کانہہ وتھ اختیار۔ آ۔ یہ کتھ
چھے پزٕ زِ کاشرٕ افسانہٕ تھٔنہٕ پینہٕ خاطرٕ اوس اکھ سٕڈلیہ مگر رِوایتی ماحول موجوٗد ییمہ کِنی
کاشرٕ افسانہٕ تھٔنہٕ پینچہ کتھ یِتھے کرنہٕ یوان۔ اَمہِ قسمچہ رِوایژٕ آسہ پرتھ زبانی ڈکھس مگر
کاشرس افسانس اوس یہ ڈوکھ زیادے ییٚن مضبوط۔ اردو افسانہٕ چھُ تمہ وقتہٕ
قلمس زیوٗ دِوان ییلہ ہندستان انگریزن تہٕ کاشرٕ ڈوگرہ حکمرانن نِش آزادی حاصل
کرنہٕ خاطرٕ لڑان اوس۔ کاشرس افسانس لوٗگ تمہ ساتہٕ کنٕ ییلہ کاشرن ہندن دلن
منز جنگ دارن، سوٗدخوارن، شقدرن، ڈاکدارن تہٕ سرٕ وولن ہندِ ظلمچ خوفناک
صورت وُنہٕ تہٕ دُب دُب کران آس تہٕ بیگارِ ہنکۍ زخم سرتازٕ آسی البتہٕ اوس زُلوم زنجیر
آزادی ہُند کم کاسہ ڈول ورنہٕ لوگمُت۔

کاشرٕ یا اردوک ابتدائی افسانہٕ، یم دوشوے چھِ پینہٕ دورکۍ تھی اَنہٕ یومنز
وقتی رجحانن ہُند تاثر عکس نظرِ چھُ گژھان تہٕ زن گوو یمن ابتدائی افسانن اندر چھُ

زمانک تُلہٕ تواوکنہٕ چھ انعر بأزی ہُندشکار تہٕ کنہٕ جذباتن ستۍ پر گوٗمُت۔ اُردوک سجاد حیدر یلدرم یا نیاز فتحپوری تہٕ کأشر زبأنی ہُند سوم ناتھ زتشی تہٕ دینا ناتھ نادم چھ افسانہٕ کہ ابتدأئی کوٗششہٕ ہنز زینہٕ وٕنی دِنہٕ وألۍ۔ ہِیندۍ افسانہٕ چھ مقأمی انہارن وُٹھ اکہ طرفہٕ چھ یم افسانہٕ نگار حالاتن تہٕ واقعاتن ہُند روٗح افسانوی زبأنی اندر بیان کرنٕچ کوٗشش کران تہٕ دوٚیمہ طرفہٕ چھےٚ فنی کوٗشش ذأتی تأثرن تہٕ ہاوٕ بأوی جذباتن ہنز شکار گژھان۔ مگر تو تہٕ چھ یم افسانہٕ نگار اُردوٗ تہٕ کأشرس اندر میلہٕ کنہٕ ہنز حیثیت تھاوان۔ یتھ کنۍ وَنہٕ چھ پِوان زِ منشی پریم چند تہٕ سجاد حیدر یلدرم چھ اُردوٗ افسانہٕ خأطرٕ سوے کأم انجام دِوان یوسہٕ انگریزۍ افسانہٕ خأطرٕ ایڈگر ایلن پو تہٕ واشنگٹن ارونگ دِوان چھ۔ تتھے کنۍ چھ سوم ناتھ زتشی، دینا ناتھ نادم تہٕ اختر محی الدین کأشر افسانہٕ خأطرٕ سُے مرتبہٕ تھاوان یُس رُتبہٕ ایڈگر ایلن پو تہٕ واشنگٹن ارونگ انگریزی افسانس، سجاد حیدر یلدرم تہٕ منشی پریم چندس اُردو افسانس اندر حاصل چھُ۔

کأشر افسانہٕ اُردوٗک کوٗنس بوے آسنہٕ کنۍ چھُ یہ تِمنے وَتہٕ پدن پیٹھ کران یم پٕدۍ برصغیر خاصکر بھارتی افسانہٕ نگارو ید گڈۍ تہٕ بقولہٕ ہردے کول بھارتی :۔

بلکہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ جایہ حأرأنی ہِندِس حدس تام پراگرافن ہِندۍ پراگراف ہوی اکی انمانہٕ لیکھنہٕ آمتۍ مثالے . . . . .

"رِتہٕ کول سورنے چھُ اُتھ (کولہٕ) آب رأسی زن گژھان تہٕ گأمی گأمس آیہٕ کامن گژھان۔ توٗرے چھےٚ گأش پھولنہٕ پیٹھہٕ اُڈراٚژن تام آبس منگ آسان . . . . . . . .

اَز تہٕ اوس گأمی گام آیہٕ دادِ زٕ سِتھ آمُت . . . . . . . ."[1]

---

[1] دینا ناتھ نادم "رے" افسانہ ۱۹۵۰ء

اُتھی وٕرٕ ییس اندر چھُ تامِل زبٲنۍ ہُند اکھ افسانہٕ نگار اَکِس افسانس اندر لیکھان ییمیک ترجمہٕ یہِ چھُ:

"....پہاڑی نالہٕ ییٚس گامہٕ کِنۍ داں کھہن سگ اوس دِوان،
اوس دانہِ بیٚنہٕ بروٚنہہ ہوٚ کھمُت ییمہٕ کنۍ گامہٕ لۄکھ آسی ہر ورِنڈ بکہ ژھٹھ
آسان .. .. ..[1]"

گوٚو کہ اَمہِ وقتہٕ یہٕ کینہہ ہا لیکھنہٕ اوس یوان تتھ منز اوس کنہٕ نہٕ کنہٕ رنگۍ ہشر آسان۔ یہٕ ہشر آسنس آسۍ وجوہات نہٕ ہوی۔ اکہِ طرفہٕ اوس ہندوستانکس ذہنس تہٕ سماجس اندر دوٚیمہ حکم انٕ ہُند ظلم و جبر پتھ چھاپ قایم کرتھ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ اوس جاگیرداری نظامن عام لۄکن ہُند زندروزُن مشکل بنوومُت۔ لۄکھ آسۍ غربتھ زندگی بسر کران، اقتصادی بدحالی ہُند راج اوس جبیس جبیس بیٹھ۔ ڈاکہ زنی تہٕ لوٗٹ مار کِ بازر اوس گرم تعلیمہ تہٕ نظامہٕ حکم آنی ہندی ساری شعبہٕ آسۍ تباہی تہٕ بربادی ہندی اُڈ نیمتی۔ رشوتن اوس پرتھ کانہہ فرد آور وومُت۔ دفترن منز آس نہٕ عوامچ کنہٕ کأم اندان۔ لۄکھ آسۍ ہر رنگہٕ موئیوس تہٕ بددل سپدی متی۔ یُہے صورتحال تہٕ افراتفری آس کشیر ہندِس اَزلس تہٕ باگہِ آمژ۔ بلکہ آس کشیر ظلمہٕ جبرکس ژریاوس اندر ییر گمژ۔ بے بسی، لاچاری، غولامی، اقتصادی تباہی غرض کلہم افراتفری تہٕ ہر رنگچ مسکینی بنیہ کاشر ادبچ سوزن ییتھ ہتہٕ واد ژرین منز خمیر آس۔ امہٕ قسمہٕ ادبی خمیر تہٕ سرٕ آس بیاکھ خمیر کاشرس ادبس ذرخیز بناوان۔ یہٕ خمیر آس روٗمانی ذریعہٕ، روٗمانی مکتبِ فکر ییمہٕ آیہ برصغیرس اندر سرگرم اوس، تمی آیہ اوس یہ کاشرن منز تہٕ۔ ییم ساری موضوع یمو خاطر سانہن افسانہٕ نگارن مادان ہموار اوس، کرٕ حقیقی یوت منظرس

---

[1] راج رتنم "تامل افسانہ — ہالو". ۱۹۵۰ء ماخوذ از کاشر افسانہ — ہردے کول بھارتی تحقیقی رسالہ نمبر ۲، کشمیری ڈیپارٹمنٹ یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر، ۱۹۸۱ء ص ۴۸۔

اند استعمال۔ سجاد حیدر یلدرم، سُلطان حیدر جوش تہٕ منشی پریم چند چھِ مختلف موضوع
پنٕنیٚن افسانن اندر ورتاوان آمتۍ۔ خاصکر حقیقت نگاری، رؤمانیت، سیاست تہٕ
اصلاح پسندی۔ مُنشی پریم چند چھُ زندگی منٛز پیش یِنہٕ والین حادِثن، واقعن، اصلاح
پسندی، انقلاب تہٕ فنی زاوی جارٕن افسانن ہنٛز زینت بناوان تہٕ اُہندین افسانَن
منٛز چھُ گامی ماحول، سادٕ زندگی، سیرت، سبزار، ایماندآری، ظلم وجبر، استحصال، فلتہٕ برٛوی،
لاچآری تہٕ مُفلسی ہوٕن موضوعن کُن زیادٕ ہیٚن توجہ دِنہٕ آمٕت تہٕ اُمی چھےٚ اَمہِ ماحوٕچ
مکمل تصویر کشی کرمٕژ۔ اَمیُک اعتراف چھُ پروفیسر قمر رئیس یِمَن لفظن اندر کران:۔

"۔۔۔۔ پریم چند نے ۔۔۔۔ بے غرض محسن، صرف ایک آواز،
کیفرِ کردار اور خون سفید جیسی کہانیاں لکھیں جن کے ہیرو کسان اور
دیہی مزدور ہیں اور جن میں پریم چند نے پولیس، مہاجنوں، مہنتوں
اور زمینداروں کے ہاتھوں کسانوں کی تباہی کے قصے سُنائے"[۱]

یا

"دیوکی نے شوہر کو ہمدردانہ نگاہ سے دیکھا۔۔۔ شوہر دن
بھر کا تھکا ماندہ گھر آیا ہے اُسے کیا کھلائے۔۔۔ اُس نے خود کئی دن
سے دانے کی شکل نہیں دیکھی تھی۔۔۔۔ ہر ایک چہرے پر فاقہ کشی
اور مصیبت کا ایک دفتر تھا۔۔۔۔"

(افسانہ ـــــ سفید خون)

منشی پریم چندس علاوٕ کوٚر بییہ تہٕ وارِیہو افسانہٕ نگارو یِمَن موضوعن ہُند استعمال

---

[۱] پروفیسر قمر رئیس "پریم چند کی روایت" "الفاظ" افسانہٕ نمبر، جلد ۱، جلد ۶، شمارہ ۲، ۱،
جنوری تا اپریل، ۱۹۸۱ء، ص ۶۰۔

یمن منز علی عباس حسینی ، مہاشے سدرشن تہٕ اوپندر ناتھ اشک تہٕ شامل چھُ۔
بالہٕ یٲر کو زمین موضوع عن ہُند استعمال دینا ناتھ نادم ،سوما ناتھ زتشی ، ارجن دیو مجبور
تہٕ اختر محی الدین بیتر ۔ اختر محی الدین تہٕ باقے چھ پننین افسانن اندر گریسی تمن بیٹھ سپدن
والہٕ ظُلمک روداد بیان کران ، فرقہ وارانہ فسادات ، عوامی مسلن ، تشدد ، تباہی
تہٕ بربادی ہوی موضوع تہٕ چھُ اختر تہٕ اُمی ہندی ہمکال ورتاوان تہٕ تہنز وہ کھنے
پرنہٕ پاٹھی کران مثلن :

کٲشیر بیٹھ اوس اکہ طرفہ قبائلیو حملہ کورمُت تہٕ بیٛیہ طرفہ آسی
جمّوس منز مُسلمانن کترا وان ۔ اکہ پاسہ تم مُسلمان یمن عقلہ
طاون اوس ، ہیٛندین تہٕ سکھن ماران تہٕ بیٛیہ پاسہ آسی تم
ہیٛندی تہٕ سکھ یمن عقلہ طاون اوس ، مُسلمانن ختم کڈان ۔
کٲشرین لوکن بیٹھ اوس عجیب مصیبتک وقت آمُت ، جوٚمہ
کین ہیٛندین ہُند خونخوار زدی یہ وُچھتھ اُسکھ سورُے
ہیٛندی مذہب اپز تہٕ بے بُنیاد بوزنہٕ یوان . . . . . .

(افسانہ ۔ "داغ" مصنف ۔ اختر محی الدین ، دسمبر ۱۹۵۵ء)

اختر محی الدینس برہ تہ چھُ ظلم وجبرک پردہ دینا ناتھ نادمن پننین افسانن اندر
چاک کورمُت ۔ مثلن ۔

" . . . . تمن دوہن اوس شہر دوٚیم مارشل" چلان تہٕ
لوکن آسی کمایسی منز ہلکلی کھالتھ زنہٕ داد ی کران تہٕ کتھ کنز
رجائیکھ اُسی گاڈ کڈنس نکھ تہٕ پکنا دیکھ ٹیڈ ستی مے آسہ ماجہ
مکانیہ زوجہ درزمشہ یمہ مے نانس گنڈتھ آسہ بیٛلیہ یڈ کھو کھشہ پکناوکھ
زوجہ آیم منز زنہٕ ۔ مے دِزٲیہ تتھ چھکر بیٹھے آد بوند وٚتی

تہٕ تمۍ ژھیٚنانم بۆندقہٕ ٹاس اُتھس۔ مےٚ چھُ وُنہٕ تمیُک آکھ
ڈٕچھنس چھاٚنِس۔"

(افسانہٕ "شیٖنہٕ پتو پتو"۔ دیناناتھ نادم، ۱۹۵۲ء)

مُنشی پریم چندس علاوٕ پٮ۪ندِہن افسانن اندر سماجی حقیقت نگاری ہٕندی موضوع نظرِ چھِ گژھان تِمن اندر چھِ اعظم کریوی، مجنوٗن گورکھپوٗری، علی عباس حسینی، سہیل عظیم آبادی اوپندرناتھ اشک تہٕ راشد الخیری تہٕ شامِل۔ یِم افسانہٕ نگار چھِ سماجی مسائلن کُن صحیح توجہ دِوان تہٕ سماجس منٛز چھوٗت چھات تہٕ فرقہٕ بندی ہٕند رجحان تہٕ بدِ کڈان۔ مثلن

"۔۔۔۔۔ بوڑھا باپ دل مسوس کر، بوڑھی ماں رو
دھو کر اور بھائی خفا ہو کر خاموش رہے۔ وہ جانتے تھے کہ
ان کا گھر اس قابل نہیں کہ کوئی آئی۔ سی۔ ایس آکر قیام کرے،
وہ اسے خوب سمجھتے تھے کہ ان کا جھونپڑا کسی بیگم بہو اتارنے
کے لایق نہیں۔ انہوں نے ٹھنڈی سانس بھری، آسمانوں
کو دیکھا اور چھاتی پر سل رکھ لی۔۔۔۔"

("آئی، سی، ایس"، افسانہ، مصنف۔ علی عباس حسینی)

یِتھے پاٹھۍ چھُ سوم ناتھ زتشی تہٕ نادمن افسانن علاوٕ عزیز ہارون سندِس افسانہٕ "زوٗن" تہٕ ارجن دیو مجبوٗر سندِس "کولہٕ وان" افسانس اندر افراتفری، سیاسی بدحالی، سیاسی مصلحت تہٕ سماجی بے اعتنائی ٹاکارہٕ درِتھۍ گژھان۔ کاشرِ افسانہٕ نگارن ہنٛز یہٕ ابتدائی مشق روٗز یانٛتٕرن وُرِ ہین یتھ فنی بالیدگی ژھاران تہٕ آخر میوٗل اَتھ تھٕجِ باصلاحیت فن کار یتھ اُردوٗس پریم چندس روٗپس منٛز میوٗل۔ یہٕ لوٗخہٕ کار تہٕ کارگر افسانہٕ نگار اوس اختر محی الدین یُس ذٕریہٕ یایہٕ ہٕند "یِنز ار" ہیوٗ شاہکار افسانہٕ

لیکھتھ کاشُر فنی افسانٕک باضابطہ ابتدا کران چھُ ۔ اَتھ افسانس اندر اَس پرتھ رنگہٕ فنی بالیدگی نمایاں ۔ موضوع ، زبان تہٕ حقیقت نگٲری ہُند فنی بجر چھُ اَتھ افسانس اندر ازتہٕ پتہٕ سدا بہار زندگی ہُند باس دِوان ۔ اَمِچ زبان چھےٚ کامیاب فنیچ اعلیٰ نموٗنہٕ ۔ مثلن :

"..... تلے یاگ یجاے ، یاگی . . . . .

چھنز پوشہٕ رنگہٕ مٔے ڈیٚنٹھمس تن . . . . ."

( افسانہٕ ۔ ڈٔریایہٕ ہُند سیرٕ ار ، مصنف ، اختر محی الدین)

اَتھ افسانس متعلق آو بمبیہ پیٹھٕ چھپن وٲلِس رسالہ "QUEST" منٛز وننہٕ زِ !

"THIS IS A POEM OF LOVE ETERNAL

& DESERVES TO BE INCLUDED IN THE

WORLD ANTHOLOGY OF SHORT STORY."

زیٛوٗٹھ بحث اوکطرف ترٲوِتھ ہیکَو یہِ وٕنِتھ زِ اُردو تہٕ کاشرِس ابتدٲئی افسانس اندر چھُ کٲفی ہشر ۔ ادہٕ سُہ حقیقت پسندی ، حقیقت نگٲری ، رومانیت سماجی بدحالی ، اقتصادی بحران ، طبقٲتی کشمکش ، استحصال ، لوٗٹ مار ، غولامی یا مُفلسی ہُند کردار یا موضوع ، زبٲنی ہُند استعمال یا اسلوٗبُک پہلوٗ چھُ یمن دوشوٛنی افسانن اندر دۄشوٛنی چھےٚ خاصہٕ مشترکہ ۔ کاشرِس ابتدٲئی افسانس اندر یوسہٕ فنی کمزوری نظر چھےٚ گژھان ، سوٕ چھےٚ ابتدٲئی اُردو افسانٕچ وراثت ۔ اگر اُردو تہٕ کاشرٕ ابتدٲئی افسانہٕ تبصرِکس خاندانس منٛز شامل کرون ، کانہہ حرج چھُنہٕ ۔ یمن دوشوٛنی زبانن ہندی ابتدٲئی افسانہٕ چھِ بیانہٕ لحاظہٕ ڈلیلہٕ ماحول ژٕتس یاوان ۔ یہے زبان چھنہٕ چُست بلکہ ڈیٖچ ۔ افسانہٕ پران چھُنہٕ باسان زِ قٲری چھُ افسانٕک مطالعہ کران

بلکہ چھُ تس محسوٗس گژھان زِ سُہ چھُ کستام اخبار یا کمہٕ تام اخبارُک ادارِیہ پران۔ مثلن

"..... گرمی کا موسم تھا۔ میں ہوا کھانے شملہ گیا ہوا تھا۔ مہر سنگھ بھی
میرے ساتھ تھا۔ وہاں میں بیمار پڑا۔ چیچک نکل آئی۔ تمام جسم میں
آبلے پڑ گئے۔ پشت کے بل چارپائی پر پڑا رہتا۔ اس وقت مہر سنگھ
نے میرے ساتھ جو احسانات کئے۔ وہ مجھے ہمیشہ یاد رہیں گے۔ ڈاکٹر
کی سخت ممانعت تھی کہ وہ میرے کمرے میں نہ آوے مگر مہر سنگھ آٹھوں
پہر میرے پاس بیٹھا۔ مجھے کھلاتا پلاتا، اٹھاتا، بٹھاتا، رات بھر
چارپائی کے قریب بیٹھ کر جاگتے رہنا مہر سنگھ کا کام تھا، حقیقی بھائی
بھی اسے زیادہ خدمت نہیں کر سکتا تھا ....."

(افسانہ۔ "صلہ ماتم"، مصنف۔ منشی پریم چند)

" لالچوکس منز اورِ یورِ کپن والیو۔ ٹانگہٕ والیو، سائیکل سوارو تہٕ
اَتہٕ گتو ہیوٚت جل جل پھیرن قدم تُلُن۔ دکاندارو ہیتٚی خریدار وٚلہ وٚلی
موکلاوٕنی۔ پاکاریو ہیوٚت ڈیرِ ڈگہٕ وٹُن تہٕ بیٹھہٕ بیٹھکی پولیس والیو ہیوٚت
دُچھنی کھوورِ نرِ وایان ..... یِگاہ دژاس یہٕ گرتہٕ ووتُس
لالچوکس منز ..... ہوٹلس اندر کُرسی پیٹھ بِہان بِہانی پیٚیہ
مےٚ اکِس اخبارچہِ سورخی کُن نظر ..... چشمِ دید گواہن ہُنٛد
بیان چھُ زِ لالچوکس منز اوس اکھ شریف انسان یُس خواجہ غلام قادر
چھان ناو چھُ، نوو دِنہِ۔ اورِ آے وطن دُشمن عنصر تہٕ رٕوٹکھ خواجہ صاب
تہٕ دِتہٕکھس مار، خواجہ صاب گو زخمی، سُہ چھُ ہسپتالس منز داخل
... پولیس موقعس پیٹھ واتہٕ ہانہٕ، وطن دُشمن اورِ یورِ ژلرا وٕہانہٕ

خبر خواجہ صآب ما سپدِہا شہید ....

حکومت کشیرس چھِ اُسی مشورٕہ دِوان زِ تمِہی قدم ین تُلنہٕ
یُتھ یِم وطن دشمن نیست و نابود گژھن تہٕ شریف
انسانن ہنز زندگی روزِ محفوظ۔"

(افسانہٕ "وَنُن مَانِیم"، مصنف۔ اختر محی الدین ۱۹۵۸ء)

ذاتی تاثرن ہندی شکار گمتی یِم افسانہٕ چھِ واقعے واریاہ کم۔ ورنگر یمے افسانن ہُند دیُت چھُ یہِ زِ کفن، نمک کا داروغہ، خون سفید، گلی ڈنڈا، دو بیل (منشی پریم چند)، کالے صاحب (اوپندر ناتھ اشک) صرف ایک آنہ (کرشن چندر)، خودکشی (سعادت حسن منٹو)، گرہن (راجندر سنگھ بیدی)، چوتھی کا جوڑا (عصمت چغتائی)، اٹھارہ آنے (اختر انصاری)۔ اردو۔ دُنہ وزُن ڈٕری یا یہِ ہُند بیزار، ترس، اَنہ گٹہٕ منز نہٕ کہتھ، شیشہٕ جنگ (اختر محی الدین) ژٕنہٕ ژوٗر (صوفی غلام محمد)، کوہ کر جنگ، لانج (امین کامل)، مدن سرتہٕ منوش (علی محمد لون)، لومر یچ (بنسی نردوش)، ہم زادٕ (ہردے کول بھارتی)، ووہُنے کھُنزو چھنے وارٕی (شنکر رینہ)، حاس چھُ روتُل، یگاہ (ہری کرشن کول)، نزوان (اوتار کرشن رہبر) کرفیو، ترکو نجل (رتن لال شانت)، پوٗت کتھ، میانہٕ خوبچ کتھ (گلشن مجید)، بلا عنوان (بشیر احمد بشیر)، کُنی ذاتھ (اقبال فہیم)، آہ (ناصر منصور)، کڈل (مجروح رشید)، جھُٹی (آفاق عزیز) تہٕ کجر (محفوظ جان) بیتر ہوی نمایندہ افسانہٕ بنیہ تھنہٕ ـــــ کاشُر۔

اُردو تہٕ کاشر ابتدائی افسانہٕ اگرچہ کینژن کم۔ وُرٕی ین ہند شکار تہٕ گوٗمُت چھُ مگر اَتھ منز۔ چھِ مقامی ماحولٕچ مکمل تصویر لبنہٕ یوان۔ مثلن:۔

"ترقی پسند تحریک سے قبل برصغیر میں اُردو کا جو افسانوی

ادب وجود میں آیا اس کا تعلق بھی ہندوستان کی سرزمین اور
اس کے کسی نہ کسی علاقے کی تہذیب و روایات سے ضرور تھا۔
اس سلسلے میں رتن ناتھ سرشار کی تصنیف "فسانۂ آزاد" اور مرزا
رسوا کا ناول "امراؤ جان ادا" قابلِ ذکر ہیں۔ رومانٹک
اسکول کے ادیبوں کو اگر نظر انداز کر دیا جائے تو بھی منشی پریم
چند، پنڈت سدرشن اور ڈاکٹر اعظم کریوی وغیرہ نے جو افسانے
لکھے ان میں اپنے اپنے علاقے کی تہذیب و روایت، رسم و رواج
اور سماجی اور سیاسی مسائل کی بڑی حقیقت پسندانہ اور دیانتدارانہ
عکاسی کرنے کی کوشش کی گئی ہے۔" [1]

اَتھ مقابلہٕ چھُ کاشُر افسانُک یہ تجزیہ تہٕ بیٚیش یٚمہ ستۍ اُردوٗ تہٕ کاشُر افسانُک ہشر
بدِ چھُ نیران۔

"ہر گاہ یہ کتھ تسلیم کرٔتھ آیہٕ سام ہیٚنہٕ یمہ زِ ادب چھُ نہٕ سماجی،
سیاسی کیو اقتصادی حالاتو نِشہِ الگ تھاوِتھ نہٕ وچھنہٕ یوان تہٕ
نہٕ تخلیق سپدان۔ ہر گاہ یہ کتھ تسلیم کرنہٕ یمہ زِ یہ چھُ کلہم معاشرُک
اَکھ لازمی حصہ آسان تیلہِ بابہٕ ہٕ کاشُر افسانُک ارتقائی عمل غارِ فطری
تہٕ نہٕ غارِ حقیقی..... ٹھیک یُتھے متوازی رشتہٕ چھُ سائنس معاشی،
معاشرتی کیو سماجی ارتقائی علمس تہٕ ادبس درمیان تہٕ..." [2]

---

۱؎ منظر، شہزادہ "جدید اُردو افسانہ"، ۱۹۸۲ء کراچی، ص ۱۹۶، ۱۹۷۔
۲؎ بھارتی، ہردے کول "کاشُر افسانہ ۱۹۴۷ — ۱۹۶۵ تام"، تحقیقی رسالہ، نمبر ۲،
شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر، ۱۹۸۱ء، ص ۴۵ - ۴۶

## ترقی پسند دور :

ابتدٲیی افسانہٕ آسٕتن یا ترقی پسند، دوشوٕنی منٛز چھُ موضوع کُنہِ حدس تام رلہٕ ملہٕ یعنے سماجی تہٕ رومانی۔ البتہٕ چھُ ترقی پسند دورس منٛز ورتاونہٕ آمتٮ۪ن موضوعن پٮ۪ٹھ حقیقت نگاری ہُند عنصر غالب۔ سماجی نابرابری، اقتصادی بدحالی تہٕ ظلم وجبرُک قلعہٕ مسمار کرُن اوس ترقی پسند تحریکہِ ہُند پروگرام تہٕ عوام پٮ۪ٹھ لحاظ پایہٕ پرجا بناوُن، ترقی ہندی منٛزل بَد کڈٕنی، عوامی مسلن ہُند حل ژھانڈُن، غریبَن موٗل پرٲٹنی، جہالتھ تہٕ ناانصافی دوٗر کرٕنی، غرض انسانس تہٕ انسانیتس راحت واتناوُن اوس امیک مدعا تہٕ مقصد۔ یوٗہے مقصد پٮ۪ٹھ کوٗر برصغیرٕکی افسانَن تہٕ ترقی پسند ماداںٛگ سال۔ اَکھ مادانس اندر ترووسارٕنے برونٛہہ منشی پریم چندن قدم۔ کفن، ڈامل کا قیدی تہٕ نئی بیوی ہوی افسانہٕ چھِ ناانصافی ظلم وجبر، بوچھِ، غربت تہٕ عوٲمی ہندی سراپا ترجمان۔ مثلن :

> " سیٹھ جی نے کار سے اترتے ہی کانسٹیبلوں کو حکم دیا' ان بدمعاشوں کو مار بھگا دو" فوراً ہی تالیوں پر ڈنڈے پڑنے لگے۔ دس پانچ تو گر پڑے باقی اپنی جانیں لے کر بھاگے تو نوجوان سرغنہ دو آدمیوں کے ساتھ ڈٹا کھڑا تھا۔۔۔۔۔
>
> ثروت میں اتنا تحمل کہاں۔ سیٹھ جی خود ڈنڈا لے کر دوڑے، کانسٹیبلوں نے ان تینوں آدمیوں کی گردن ناپی، حراست میں لے لیا اور لاری کی طرف لے چلے جو اسی لئے لائی تھی "۔
>
> (افسانہ۔ ڈامل کا قیدی، مصنف : منشی پریم چند)

پریم چندنہِ افسانہٕ نگاری پٮ۪ٹھ تبصرہ کران چھِ نقاد لیکھان زِ

" ۔۔۔۔ سیدھی سادھی زندگی، سیرت سچائی اور ایمانداری اور کبھی

کبھی بعضوں کی بے ایمانی، چالاکی، فتنہ پردازی کا نقشہ پریم
چند کے افسانوں کی جان ہے۔۔۔۔۔ دیہات والوں کی
عام زندگی کا نقشہ دیکھنا ہو تو ان افسانوں کو دیکھئے جن
میں لوگوں کی بیچارگی کی تصویر صاف نظر آتی ہے۔ غریب
کاشتکاروں کو کبھی پولیس، کبھی زمیندار، کبھی تحصیل کے
عملے، کبھی قحط سے ایسا سابقہ رہتا ہے کہ آرام سے بیٹھنا نصیب
نہیں ہوتا۔ ان واقعات کو ایسے دردناک پیرائے میں
منشی جی نے بیان کیا ہے کہ پڑھکر دل بھر آتا ہے"۔[1]

پریم چندس پتہ چھ کرشن چندر، راجندر سنگھ بیدی، عصمت چغتائی، اوپندر
ناتھ اشک، احمد ندیم قاسمی، سعادت حسن منٹو، غلام عباس، حاجرہ مسرور،
خدیجہ مستور تہ قرۃ العین حیدر ترقی پسند افسانکی بانناوَن وألی۔ کرشن چندر، احمد
ندیم قاسمی، حیات اللہ انصاری تہ سعادت حسن منٹو ہندی ترقی پسند افسانہ چھ
ینہٕ أندی ہٕکی ماحول تہ صورتحالکی ترجمان۔ یێلہٕ زن راجندر سنگھ بیدی تہ اوپندر
ناتھ اشک ہندین افسانن اندر ینٛزٕ مہ طبقُک ماحول، کردار تہ موضوع نظرِ چھُ
گژھان۔

ییتہ ترقی پسند اُردو افسانُک روحِ رواں پریم چند چھُ ترٕ تہٕ اُس کاشُر
ترقی پسند افسانٕچ بوے کاشُر افسانُک ابتدا گژھنس ستی بوان۔ سوم ناتھ زُتشی،
دینا ناتھ نادم، صوفی غلام محمد، اختر محی الدین تہ امین کاملن ابتدأئی افسانہ چھ مقامی
ماحولکو یادگار، یمن اندر کاشُر کاشتکار تہ عام شہری رنگہٕ رنگہٕ ظلمُک شکار چھُ لبنہ

---

[1] فاروق محمد طاہر، "نمائندہ مختصر افسانے"، ۱۹۸۷ء، علی گڈھ، ص ۱۲۔

یوان تہٕ تٔمِس اَرِلس افلاس، لاچأری، بے روزگأری تہٕ بیگأری باگہِ چھِے آمٕژ۔ کأشرِ زبأنی ہِند نقاد چھُ ابتدأیی افسانن اندر فنی کم۔ وُریہ ہیٚتھ۔ نشاندہی کران تِیمہ سٟتی افسانک اول وانگنُ نوٚن چھُ تیران تہٕ زِن گو وافلاس، لاچأری، بوچھ تہٕ زور زبردستی ہِندی عکس چھِ ابتدأیی افسانس اندر گوڈٕ بیٚٹھے میلان۔ پروفیسر شفیع شوق چھُ "ییلہِ پھۄل گاش" افسانس متعلق لیکھان زِ:

"... . گرس منٛز چھُس تہٕ افلاس، لاچاری تہٕ دوٚہ کھوٚ ورآے بٔنِتھ کیٚنہہ...
... جندس تل چھُس نیٚچو تہٕ سٟتی دُزان" [1]

دینا ناتھ نادم تہٕ امین کامل افسانہٕ چھِ تھٕتہٕ یاٗتھٕ گأمی ماحولکی یاٗداوار یتھ کٔنی کرشن چندر تہٕ راجندر سنگھ بیدی ہِندی افسانہٕ چھِ۔ اختر محی الدین آسِ تن یا پریم چند، امین کامل آسِ تن یا کرشن چندر، راجندر سنگھ بیدی آسِ تن یا صوفی غلام محمد یہندِ ن افسانن اندر چھُ مقامی سماجک عکس میلان تہٕ کردار تہٕ چھِ مقامی۔ اردو افسانس اندر چھِ زمیندار، کاشتکار، مزدور، سیٹھ جی، ٹھاکر، مہاجن تہٕ کأشرِس افسانس اندر دٚآلدار تہٕ شقدر، موٚزوٗر، گرِیوٚس ہوی ناو مقامی کردارن ہُنٛز۔ نشاندہی کران۔ ترقی پسند افسانن ہُنٛز زبان چھِے چُست تہٕ افسانوی۔ دو بیل، خود کشی، صرف ایک آنہ، ڈٔر یا یہ ہُند ییٚژار، کوکر جنگ تہٕ ژُکوٗنجل ہوی افسانہٕ چھِ فنی زبأنی ہِندی ترجمان۔ مثلن:

"شی توٗہ ہہ مٕر چہ پٔڈ۔ اُمس بچأرس بوچھ ژٕمٕ۔ اَدٕ تہٕ دلیوسا
پھل پھلی کھیٚنہ۔ زِن تہٕ کیٚنہ تہٕ چھُو کھوان......"

(افسانہٕ: کوکر جنگ، مصنف۔ امین کامل)

---

[1] پروفیسر شفیع شوق، "کأشرِ ادبک توأریخ"، کشمیری ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر ۱۹۹۴ء، ص ۲۸۴۔

"..... دوسری مرتبہ اگر میں نے تمہیں یہاں سوتے ہوئے
دیکھا" پولیس کا سپاہی کہہ رہا تھا تو تمہیں سیدھا جیل خانے
پہنچا کر چھوڑ دوں گا۔ حرام زادہ کہیں کا، سور کا بچہ.....
نکل یہاں سے........."

( افسانہ ــ "صرف ایک آنہ" مصنف ــ کرشن چندر )

اَتھ دوران آیہٕ برونہہ پاٹھۍ روٗمانی افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ۔ لول، محبت، نفسیات تہٕ
ذہنی آوریران ہنز کشمکش تہٕ چھےٚ یمن روٗمانی افسانن اَندر رنیٛتھ گرٛتھان۔ مثلن:

"..... چھوری کا جسم تواز کے لمس سے کانپ گیا جیسے وہ چھریرا
کنوارا جسم اپنے خوابیدہ احساسات لئے اس کے جگانے والے ہاتھوں
کا منتظر تھا..... اور جب چھوری نے اپنے ہونٹوں پر تواز کے سانس
کی آنچ اور اس کے لبوں کی سردی کو محسوس کیا..... اور وہ اسے
چوم رہا تھا۔ وہ پہلا بوسہ، ٹھنڈا یخ بستہ بوسہ..... باہر سے
برف اندر سے شعلہ بوسہ..... وہ اور نرم اور سرد جسم جیسے گلاب
کی پتی برف میں دھوئی گئی ہو جیسے برف کے ٹکڑے کو سورج کی کرن
نے چھو لیا ہو۔"

افسانہ ــ "شہوت کا درخت" مصنف ــ کرشن چندر)

"..... بے قراری ہندِس اَتھ عالمس منز۔ ووٚتھ دوموٗدر گرٛتھ پھِر
وٗرنہٕ منز۔ ژھوٗدرتہٕ بیوٚٹھ دارِ پیٹھ کُن دآرِتھ زِ دلوٗکُنہٕ کنہِ کانہہ آواز
گرٛتِھ۔ تِمھن ہُند ٹاس بوزِنہٕ سُہ لوٗگ اَنہٕ گٹس منز۔ آنگنچہِ
دوسِ سارنہٕ۔ پھیری پھیری بیوٚٹھ عبدالغنی نِس ٹاورس کُن وُچھنہٕ۔
تَس آس بنیہٕ تہٕ بنیہٕ کانہہ یاد پیوان۔ تمٕ سُند لول بوٗش تمیک

تَس سبھٹاہ مار مۆت اوس ........"

(افسانہٕ۔ کائنہٕ موراوِن شُرٕ پان، مُصنف۔ بنسی نِردوش)

رۆمانی افسانَن ہُند اکھ موضوٗع جنسیات آو کیٚنہہ ورگہ تہٕ کیٚنہہ ٹاکارٕ پأٹھی ؤرتاونہٕ۔ قحبہ خانن بیٚٹھ سپدن والہٕ جسم فروشی تہٕ نوکرانِن ستی پیش ینہٕ کہ صوٗرتحالک نقشہٕ یا ملک تقسیم گژھنہٕ وقتہٕ زنانن بیٚٹھ سپدن والہٕ ظُلمک تہٕ استحصالک ہۄیہ ہۄ ترجمان چھُ جنسی افسانہٕ۔ سعادت حسن منٹوٗ تہٕ عصمت چُغتائی چھےٚ امہٕ موضوعُک استعمال زیادٕ یہِن کران۔ امہِ موضوٗعُک ٹاکارٕ استعمال چھُ ییٚمہِ آیہ کرنہٕ آمُت۔ مثلن:

"...... کلونت کور کا بالائی ہونٹ کپکپانے لگا۔ ایشر سنگھ نے دونوں ہاتھوں سے کلونت کور کی قمیض کا گھیرا پکڑا اور جسطرح سے بکرے کی کھال اُتارتے ہیں اسی طرح اس کو اتار کر ایک طرف رکھدیا۔ پھر اُس نے گھور کر اس کے ننگے بدن کو دیکھا اور زور سے اس کے بازو پر چٹکی بھرتے ہوئے کہا۔... چوس چوس کر اس کا سینہ تھوکوں سے لتھیڑ دیا۔ کلونت کور تیز آنچ پر چڑھی ہوئی ہانڈی کی طرح اُبلنے لگی لیکن ایشر سنگھ ان تمام حیلوں کے باوجود خود میں حرارت نہ پیدا کر سکے... کلونت کور تھوڑی دیر کے لئے خاموش ہو گئی۔ لیکن فوراً ہی بھڑک اُٹھی، وہ کون حرام۔ادی ہے، جس کے پاس تو اتنے دن رہ کے آیا ہے اور جس نے تجھے نچوڑ لیا ہے، کون ہے وہ الفتی....

کھا واہگورو جی کی قسم۔ کیا اس کی تہہ میں کوئی عورت نہیں۔

ایشر سنگھ نے بڑے دُکھ کے ساتھ اثبات میں سر ہلایا۔ کلونت کور بالکل دیوانی ہو گئی۔ لپک کر کونے میں سے کرپان اُٹھائی میاں

کو کیلے کے چھلکے کی طرح اُتار کر ایک طرف پھینکا اور ایشر سنگھ پر وار کر دیا ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"
(افسانہ ۔" ٹھنڈا گوشت" مصنف ۔ سعادت حسن منٹو)

تہ ورگہ باوتھ چھے یتھ پاٹھۍ ۔ مثلن :
ازگیہ اُتھ کتھ ژور وری ۔ سُہ دوہ اوس وونی سارِنے منٔشتہ گوٗمُت ییلہ شامہ ژھمبر آسہ میلان تہ ہنگہ تہ منگہ گیہ شوٗوے زِ ڈالدارِ ستۍ کورِ کور موہنوی ڈُ ٹھٹھ ۔ یہ بوٗزِتھ گیہ گامٕ گامس ژھتے ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ اکھ کھوٗرٕ ئیں ڈالدار صابنیوٗ ژھیٹۍ پھلوو ڈیہہ ژھتے ۔ ۔ ۔ ۔ ۔
ستۍ یڈ یووسے کریا تمۍ ستۍ ۔ خانہ ماجہ کورِ بھوتہ لائس ٹھٹھ ۔ ۔ ۔ خاندر ییہ تہ اوس بھوتہ لائن بُتھ لوٗیے نار ژونگ ہیوو سُیدمُت ۔ مگر حیا تہ شرم آسہ بھوتہ لائس کیہنہ تہ کم گمُت تکیازِ شرم تہ پردٕ داری منز اوسہ تہندِ ن واریوٗ ن تہ ڈالدار صابنہ پاٹھۍ ڈُنیہس منز جور ۔ ۔ ۔ ۔ وُنہ آسہ گامہ سوندر تہنز ڈِرے کران ۔ ۔ ۔ کہے زِ ؟ ۔ متے پرژھس
(آشہ ہُند جواب) " چھکنا بوزان تمہٕ وون نٹان نٹان تہ لوٗت لوٗت " بھوتہ لالہ چھکھ موہنوی کٔٹس ستۍ ژٕھرشہ گوناہ کران ۔ ۔ ۔ ۔"
(افسانہ ۔ سورگہ جور ، مصنف ۔ اختر محی الدین)

ہندوستان ییلہ آزاد سپد تہ کشیر ییلہ ڈوگرو تراو ، ترقی ہندی منزِل لگی کاڈ کڈنہ ۔ سائنس تہ مکینکی دور سپد برِصغیرس اندر عمل پاٹھۍ شروٗع ۔ صنعتی انقلاب آو مقامی اُٹھن منز ۔ ۔ برباد ی پھلاوَن والی ایٹمی ہتھیار لگی ایشیاہس اندر تہ پھالٕنہ ۔ انسانس باسیو وُنی مستقبل واران گرٕشہ ھنس کُن لمان مگر تس تہ ہے کہنے بچاوَن وول مشورٕ دِنہ

دوٗل یا ترکیب وَنَن ووٗل لبنہٕ یوان ۔ آدم لوٗگ پانَس تنہا پہٕ کُن زوٗن محسوٗس کرنہٕ ۔
یہِ تبدیلی کٔر انسانن پانَس اندر محسوٗس تہٕ قلمکارو دِژٕ اَتھ صوٗرتحالَس مختلف
افسانن اندر زبوٗ اَتھ صوٗرتحالَس کوٚرُکھ ناد جدیدیت ۔

## جدید اَفسانُک دوٗر :-

جدید افسانَس اندر آو نہٕ خٲرجی صوٗرتحالُک
نقشہٕ تھٲونہٕ بلکہ اندرُنی کیفیژ ہُند ۔ جدید افسانَس منز آو نہٕ پلاٹُک کانٛہہ
خیال تھاونہٕ تہٕ نہٕ سینیو افسانہٕ نگار کردارن بلکہ رُودُ سُہ افسانہٕ تمی آیہِ پیش
کران یمہِ خدخالہٕ سۭ صوٗرتحالُک بُنیادی ڈھانچہٕ ڈُھان اوس ۔ اُردوٗس
اندر چھِ سریندر پرکاش ، بلراج مینرا ، جوگندر پال تہٕ انتظار حسین ہندی
افسانہٕ جدیدیتکی ترجمان ۔
" دوسرے آدمی کا ڈرائنگ روم " تہٕ " خشت وگل " چھِ سریندر پرکاشنٕ
تم افسانہٕ یمَن منز تباہی ، محرومی تہٕ اجنبیت واشر اوٚنہٕ چھِنے آمٕژ ۔ علامتی
افسانہٕ چھِ جدیدیتکی علمبردار ۔ انتظار حسین چھُ جدید علامتی افسانَس اندر
محرومین تہٕ تنہاَیین کُن ظوٗن پھران تہٕ انسانس واقعے بے بس تہٕ حاران
لبان ۔ "آخری آدمی" چھُ اُمُسُند گوڈنیُک جدید افسانہٕ ۔
جدید کاشُر افسانُک آغاز چھُ اختر محی الدین کران یَلہِ سُہ "گٔیے تا چھ گیے شُہل"
تحریر کران چھُ ۔ اَمہِ افسانُک عنوان چھُ یہِ باس نٕز یا اَٹھ دِوان زِ انسان چھُ بٔنِنن
حالن اندر رہنہٕ آمُت ۔ سُہ چھُ اَتی ڈُنہکس لوہ لنگرس منز اَوُر آسان تہٕ اَتی چھُ تَس تیٚتھ
حادثہٕ پیش یوان زِ تَس چھُ پننِ پان بے بس ، لاچار تہٕ تنہا باسان ۔ یمہِ کنِ تَس پننس
اَندی پَکھس تہٕ پانَس پیٹھ پرژھ ووٚتھمٕژ چھِنے ۔ اختر محی الدین چھُ علامتی افسانُک
ورتاو فنی زاوِی جارن نظر تل تھاوتھ کران ۔ تٔمسٕنز زبان چھےٚ علامتی افسانس عانہٕ

مطابق ۔ "مۄت کتھ" چھُ جدیدتیٚک نمایند علامتی افسانہ ۔ ہری کرشن کول چھُ اختر محی الدینُن ساتھ دِتھ جدید افسانہ بروٚنہہ پکناوان ۔ "حالس چھُ روتُل" تہٕ "شمشان وَیراگ" ہوی افسانہٕ چھِ محرومی تہٕ انسانہٕ سندِ راوُنک تہٕ غوطن گرٛژھنک صوٗرتحال یاد پاوان ۔ علی محمد لون سُند "شُنہٕ" اوتار کرشن رہبرن "زمیتھ گامہٕ اچھ رٕ"، رتن لال شانتن "تریُکو نجل" گاشہِ مجیدُن "ٹنگہ ڈوٗلمت بَرتہٕ ہوٗ تمُت ٹنگ دوہ" بیٚتر افسانہٕ چھِ تم افسانہٕ یِم جدید علامتی بیانُس تحت پننہِ محرومی ہند ۔ از خود کلامی اندر باوان چھِ ۔

جدید علامتی افسانُک یہِ کاروان چھُ پننِ سفر بروٚنہہ کُن تہٕ جاری تھاوان ۔ اقبال فہیم، جی، ایم، آزاد، رفیق ابتری، آفاق عزیز، فہمیدہ جان، عبدالاحد گاشہِ تہٕ شفقت جان تہٕ چھِ جدید افسانس سگ دِنہٕ والین منز شامل ۔ ووٚن گوٚو جدید افسانہ کوٚر یِم کانسہِ پننہٕ پننہٕ ذہنی معیارہٕ مطابق تخلیق ۔ کانسہِ تھوٚو جدید فنی زاوی جارن قلم آیٖن تہٕ کانہہ روٗد زبانی ہندِس لسانی ولوٗہارس ماتحت تہٕ کانہہ سپُد موضوع عکس پیوٚت منظرس اندر افسانہٕ تخلیق کرنس منز کامیاب ۔ ووٚن گوٚو گاشہٕ مجید چھُ موجودہ دورس اندر جدید علامتی افسانُک بہتر تخلیق کار ۔ اَہندین افسانن اندر چھےٚ سرٛنی، تہٕ دارہٕ تہٕ داخلی کردارٕ باوتھ، لوٗسہٕ اتھ رنگ لبنہٕ تہٕ سرٛسادی بناونس منز اہم رول ادا چھ کران ۔

آخرس پیٹھ ہیٚکو ویٚنتھ کتھ کُن بیٚیہ ظوٗن زِ اُردو تہٕ کاشُر افسانہٕ چھُ برٛتھ رنگہٕ تیوٚت قریب زِ صرف چھےٚ باوتھے یا ژٕ یوٚن بیوٚن زبانَن اندر ۔ اُردو تہٕ کاشرِن افسانہٕ نگارن چھُ اکُے صوٗرتحال تہٕ اکُے رجحان اَچھن بروٚنہہ کنہِ آسان ۔ بیٚیہ تہٕ اُردو افسانس اندر رجحان بدلیوو، کاشرِس افسانہٕ نگارس پیٹھ بیوٚو ییٚد سیوٚد امیک اثر ۔ اُردو تہٕ کاشرِس افسانس آس ذِہن اکی قسمِ البتہٕ آس کارگرن منز فرق ۔ اُردوٗ افسانس آوٗ منشی پریم چندنہٕ کاشرِس اختر محی الدین ہیوٗ پوختہٕ کارگر باگہِ ۔ اگرچہ یِم دوشوٕے افسانہٕ نگار کارگرٕ زمان چھِ مگر اخترس متابلہ چھےٚ پریم چندنین موضوعن منز رنگکارنگی زیادٕ

یِہِن نظر گژھان ۔ موضوعن ہنز یہ رنگارنگی روٗز اُردوٗس اندر ازتام تہٕ برابر جارٕی ۔ اگرچہ تِم ساری موضوع کاشرِ ین اندر تہٕ نظر چھ گژھان یِہند استعمال اردوٗس منز کرنہٕ چھ آمُت مگر کاشرِس مقابلہٕ چھ اردوٗس منز یِمن موضوعن ہُند استعمال زیادٕ یِہن کرنہٕ آمُت ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہ ز تِمن تھاوِ نہٕ لایق زِ قحبہٕ خانن ، چھوٗت چھات ، نوکرانین سٕتۍ ظلم ، عام زنانن ہُند استحصال تہٕ اغوا کرنس متعلق ہوی موضوع اردوٗس اندر نہٕ آیہ ، اَمِس خامی مگر کاشرِس افسانہٕ نگارس اوسنہٕ اَمہِ قسمہٕ کین موضوعن ہُند ماحول ۔ لہٰذا اوسنہٕ ابتدأیی تہٕ ترقی پسند دورس منز کاشرِس افسانہٕ نگارس یِتھ موضوع ورتاونک جواز یہ تہٕ نہٕ اوس تہٕ ممکن ہیمیک نہٕ تِس ماحول اوس ۔ اَمہِ کِنۍ ہیکو اَسۍ بلاشبہ تہٕ بلادرنگ وَنِتھ زِ مقامی ماحولہٕ مطابق تہٕ فنی اعتبارٕ چھ اُردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ ہر صورتہٕ کِنۍ ہشر تھاوان ۔ چونکہ علامتی افسانس اندر کُنہٕ قسمچ وابستگی آسٕنۍ چھنہٕ ہیکہٕ شرط ۔ یہے تہٕ وابستگی چھےٚ جدید افسانُک خصوصیت یِمہِ کِنۍ اُردوٗ تہٕ کاشرِ ین افسانن اندر موضوع رنگی زبردٔس ہشر چھُ ۔ علامتی افسانس اندر یہ ہشر چھُنہٕ صرف اُردوٗ زبانی تام محدوٗد بلکہ چھُ یہ ہشر یونیورسل ، تہٕ ۔

# جوابی کارڈ

دیناناتھ نادم

زٲوَن دٕد ....... زٲون دٕد ... کیاہ دیدی وُنہٕ چھکھ
اندرٕ ؟ ییٚنہٕ تیٚنہٕ خبر دِتھ ییوٚکھ بے ژناہ پاٹھۍ جمال میر ینچہ ییٚتھ۔ ناشتہٕ ڈباہ کوڈُن
کیٚتھ تام بھرِن زٕچہ ہنٛد أندرٕ مہ چند منٛز تہٕ اکھ بوڈ مُشکاہ موٚکھن ددٕ شوے طرفہٕ
دٕندن ۔ اُکھس اوُسس بور کُٹناہ ۔ تمہٕ ستۍ لوٚگ گردِ ییٚتھ نقشہٕ نگاری کرنہٕ ۔
منٹ پنٛداہ مرٕ گئے زِگانہٕ برس گوٚ وکھووری کنٛز کریتھ ۔ جمال میرِن کڈ ووٚتھ ۔
بوٚت نظر دِژن ۔ زٲوَن دٕد وُچھن ۔ زٕن وُچھن یوٚم ہنٛز زٲون ۔ براژٕ وارٕنس
کنن تام ۔ وٕرٕژھہِ وٲنجہٕ ژٲوٕلُس اَسہٕ نانیر تھ ۔

" ہا ژٕبے لعنت ژٕ لنی ! مےٚ دوٚپ خبر کُس چھُ صُبحے صُبحے ۔ نار ووٚکھلٲ
بدلاوتھ اکو ۔ وُڈ گُمناوتھ وُژھس زٲون دٕد ... زٲون دٕد گاہِ نانی تہٕ
عاہِ موج ۔ زٲون دٕد ۔ رٲیل ہش زناناہ ۔ چھوٚتھ شیٚن ہیوٚ ٹوٚپ ، ووٚ گنہٕ
ووٚ گنہٕ مَس کھاسی ہشہٕ اُچھ ، تسہٕ کدلاہ ، زٕچھہٕ زیٚچھہٕ زٕر .... سفید برٕف
ہیوٚ کوٚر کپر ک یوٚژھا ژھتتھ زٕن اَس پتہٕ ونٛد راجہ ریٚنۍ ۔

کیاہ دیٚدی تایہِ دوت لوٚت بون تہٕ زٕنے چھنہٕ وُنہٕ نیٚندرٕ ژلان ۔
جمال میرِن ووٚنُس ناشتہٕ پاں گلاہ اسہٕ منٛز برٕ تھ ۔ " بے شعور رٕ ہا چھک تہٕ وٕنے
کیاہ ؟ " وُژھس زٲون دٕد والیس ۔ " مےٚ چھنہٕ تران فکرِ ژٕ کر ہنیچھک ؟ اما تٕ رٕ

وُچھِتھ نابہٕ دراییٚس گانٛہ منٛز۔ تہٕ ییٚندرکٕتہٕ اٚسِس؟"

جمال میرٕ گو وخیفی ہیو۔ مگر ژٕ ؤرِ جگراہ کٔرِتھ ووتھُس "نہٕ دِیدی اصلی تہٕ چھے نہٕ غلہٕ صابہٕ موکھ ....." زٕ ؤن دِیدِ کھٔر دٕرہٕ جمال میرن کھٕنے کِتھ۔ دٕماہ رٕؤدی دوشوے پتھرس کُن وُچھان۔ اٚخرٕ ووٚتھس زٕ ؤن دِید ـــ "تہٕ چھُ پوٚزُے منٛے گیوو اٚسے چھے گرٕ ھتہٕ بدرِ وُچھتہٕ کیا چھُ گومُت نَہٕ چھنے گھاسہٕ کھوان تہٕ نہٕ پھَل۔ اٚمی شدی بے لٕلہٕ کھوٚس ووتم گاش بھولہٕ پیٚتھ۔"

ییتِس کاس آے بیٚنہٕ تہٕ واریاہ نفر تہٕ لوٚگ دربار۔

زٕ ؤن دِید کوسہٕ آس، کتیٚ آس، کینہٕ آس وأنہٕ؟ یِمہٕ کتھ آیہٕ گامس منٛز۔ کأنسہٕ خبر۔ یُس اَتہٕ بڈٕ کھوتہٕ بوڈ اوس تمۍ تہٕ آس زٕ ؤن دِید یِژھے وُچھمٕژ۔ مگر زٕ ؤن دِید آس یِرتھ کانہہ چیز۔ کانٛہ حاکم..... گانٛہ جج، گانٛہ مولوی، گانٛہ تھانٛہ دار، نمبردار، چوکیدار، ٹھوأرٕ۔ یہِ ڈٕیژِ تہٕ سورُے کینہہ۔ بڈٕین ہنٛز مشیرٕ تہٕ لوکٕین ہنٛز دہر بوج۔ ہشٕن ہنٛز دلے دوٚب نوشٕن ہنٛز باپتھ کٔڑ۔ پنچاٹ آیہٕ ہے تہٕ زٕ ؤن دِیدِ اوس فاصلہٕ دِین۔ لامہٕ آیہٕ ہے کأنسہٕ گرٕ ھن تہٕ زٕ ؤن دِید اوس شہٕ سوزن یا نہٕ سوزُن۔ خاندر آیہٕ ہے کانہہ تہٕ زٕ ؤن دِیدے آیہٕ ہے منٛزم یارنٛیٚ دوود دگ آیہٕ ہے کأنسہٕ تہٕ زٕ ؤن دِیدِ اوس دوادور کرُن۔ اَیارِ کنٛز اوس سأری سے علاقس منٛز مشہوٗر زِ زٕ ؤن دِیدِ ہُند وژُن گژھِ ویٚرِ رٕکھ یُس نہٕ باپتھ وائسرائے تام ہیٚکہٕ پھِرتھ۔ اَوے کِنٛز آس زٕ ؤن دِیدِ ہنٛز بیٚنڈ۔ سارنے گامہٕ کین ھند ماتامال ہِش یِس کأنسہٕ کھورس کونڈٕ ژٕ الیوو شہٕ لاریوو اڈتے۔

۲

جوٚنہٕ پوٚرِس چھِ وَنان اَیارِ کنٛز کاوٕ مالیُن۔ وجہ چھُ یہِ کہ اَمہٕ پایکہٕ سأری کاوچھِ اَتہٕ بوٚنہٕ بیٚٹھ یِوٚن گرٕ ھوُن رات کُسا وان تہٕ واریہو چھِ یمنے بوٚنین

پیٹھ آکی تہٕ ییر ہتی۔ اَزتہٕ اوس دوہ لوسُن کاوِ واتہٕ شورِ محشر ظُلمت تیُتھ زار صدا تہٕ اوسہٕ کانہہ بوزان۔ یک قلم گو وند وقہٕ ٹاس تہٕ شی کرتھ گے ساری کاوِ ٹاو ٹاو کران بونہٕ پیٹھ تھوَد وُتھِتھ۔ اما یہ کمی ترِ وو ٹاس؟ ہکیاے چھ فوجی جوان پکان۔ یہ چھے اَمی ہنزے شیطنت۔ گردن مورِ مورِ چھہ آس باس کین میوہ گُلین پیٹھ بیہتھ کاوِ سوچان۔۔۔۔۔۔ فوجی جوان۔۔۔۔۔۔ بلہٕ نخہٕ لوکٹی، دوٗگن دوٗگن سینہٕ، گول گول بہنکی، رنبہٕ وُن شونڈ تہٕ شوبہٕ ہی وتی چال ڈھال۔ زَن چھ کانہہ فرہنگی کپتان، کمال بے فکری سان چھ ڈالہٕ دِوان دِوان پکان۔ یانی ییر پور دوت تہٕ نمیس ساری شرِ اَندی اَندی۔ اَڈ لوکرہس زنگن آر تہٕ پار، اَڈ لوٗ ژھٕنہٕ ہس جیندن منز اَکھ۔ اَڈ کی بیٹھس بندوقس نموٗ سَتی تِچھنہٕ تہٕ سارِ دے تِج گرز "غلہٕ صاب تے غلہٕ صاب۔ زوٗن دیدی غلہٕ صاب۔ ازہے دوتے غلہٕ صاب، سون کپتان غلہٕ صاب"۔

یی گیوان گیوان ووت شُرِن ہُند یہ جلوٗسہٕ زوٗن دیدِ ہنز بنیجہٕ پیٹھ۔

ٹاس کرتھ برِ مُشرِتھ دراے زوٗن دید۔ اَچھن منز اَسُن ہیتھ تمس پیٹھ بناوٹی سنجیدگی "اوہہٕ۔ غلہٕ چاب! کپتان؟ کو کرِ جاب۔ یتھی چاری نیلہٕ گیٔیہٕ کپتان بنان تہٕ تیلہٕ۔۔۔" مگر اَتھ برِ نزس منز آسی دوہ شوے ماجہٕ لوہہ اکھ اکی ہنز۔ گردنہٕ منز ٹرٹھ ہٕنتھ۔

غلہٕ صاب کیاہ واتہٕ ہے زوٗن دید یہ تہٕ اَسہٕ کانہہ خبر۔ یہ تہٕ آس ترتھ کتھ۔ اَڈی آسی وَنان زِ باوز ہتر۔ کورِ ہند نیچوٗ چھس تہٕ اَڈی آسی وَنان زِ زامتی گوبر سُند زُر چھس۔ مگر زیادِ ٹکن ہنز راے اَس زِ یہ چھ زوٗن دیدِ مخدوم صابنہٕ ییر پیٹھ اوٗنمُت۔ بہر حال یمن کیاہ رشتہٕ اوس، اَسہٕ کیاہ چھُ تتھ ہستی۔ مگر ییژ ہنز آسی ساری وُچھان زِ زوٗن دید اگر کانہہ منز تران چھ تم چھس غلہٕ صابس منز۔ تہٕ یہ پیٹھ غلہٕ صاب اوس ملیشیا فوجس منز۔ برتی سُد مُت تہٕ پیٹھ اوسس

نہ غلہٕ صابن ناوٕے دَندٕ وییٹھ وسان۔ اکھ کھتہٕ غلہٕ صاب بیاکھ کھتہٕ غلہٕ صاب۔ بوٚزتھ واساہ ازٕ ہبا اوس غلن وور ییٹھ خط لیوٚکھمُت۔ لیکھان چھُ تِمی چھِ سداہ تبابٕل اکی دوہ ماری متی۔

سوٚ نہٕ مالی کیاہ وَنِے۔ غلہٕ صابَس تِجس بلایہ۔ جوابی کارڈ چھُس لیوٚکھمُت۔ زَن کاکدس پیٹھ موخیہٕ چھُن جورمُت۔

جمال میراہ۔ ازٕ ہباہ کھٔر سانہٕ داہ بیرٕ رٔتھ۔ ایتابا غلس ہیوٚسپوٚتاہ دڑاو کلِ کتیٖر ہتر۔ حفاظت چھُ وۄنی کسن کران۔

(۳)

یمہ دوہ غلہٕ صاب والیس محاذس پیٹھ دڑاو تمہٕ دوہہ آس گامس تزٕ بہ تزپ۔ تیہہ گٔژ اوس سارِوے ییوٚ مُت۔ افتاب کھٔسہٕ وۄن تام سمے یہ سارِیے زنانہٕ کیوٚ مرد، بُڈِ کیوٚ لوکٕ زوٚن دید ہتر۔ نیٖنجہ پیٹھ۔ اَڈِ اَسی تبرک ہتھ آمتی، اَڈِ تعویذ ہتھ۔ کیہنہ گریسی بایہ آسہ پُرٕ لونجِ کَتھ آنچار ہتھ آمٕتہٕ کیہنہ تزیٖٹنہ گوٚلکہ ہتھ۔ دارِ ہیوٚ آسہ حلوینِ وانکہٕ تہٕ ہوٚ کھمتی ہاکہ ژرٕ تہٕ آنی متی۔ یام زوٚن دید برمُتر تام گے دکہ دک شروٗع۔ بےٚ نہٕ بےٚ دمہ ہس گوڈنی سوغات۔

" ہتہٕ دید زوٚن دیدِ یہ حلوینِ وانکہ ہن، یہ چھےٚ فارم گوگجن ہنز۔" وۄژھس رحتہٕ گورمتہ چھِ منہ چھ۔" یہ ہا دیٖدی اسے مے غلہٕ صابنہٕ خاطرٕ ہتہ کۄن ژھی ژھی تھاوٕمٕژ"

" یہ ہاکھ ژرٕ ہن تہٕ ژنکھنا ایارِی۔" خش پورچہ وارٕ ہند سوتہٕ موٚ نجہٕ ہاکھ ہے چھےٚ۔" وۄ ژھس رمضنہ بیگاری۔ غلہٕ صابس وۄنی زٕ یہ ہاکھ چھُنہ شہر بنِن کمن۔"

یہ آنچار مویہ ہن تہٕ روٹھ دیٖدی۔ یوٚ نہٕ پورِ کاشرِ ن موٚ کھن ہند ڈیپزِ ہس چھےٚ۔"

" زوٚن دید۔ تا ے غلہٕ صابس کڈ آوٚ آخر کرماے چھُ سٕ کیا چھُ وۄنہ گوکلپوٚشہے

منز۔" یہ وونس واہہ بٹن دند ٹوی ٹوی۔
ووٚنمے نا بریتھ ہ چھاکھ۔ اماپہ گوژھا ونہ شوگھتھے آسن؟ بُتھ چھلنہٕ چھُ
گومُت آرس پیٹھ۔ پکان آسہ۔ اد تژے کیاہ زیر گوٚیا؟" اسان اسان وژھس زوٚن
دیہ۔
" پشان کیا بہہ چھُس۔ منے ہے اوسُس کنٹھ بآیس نشہٕ رچھ برزاہ اوٚنمُت۔
دیوم پانے تراوس ناٚلی۔" واہہ بٹن وونس ڈیہس درلٕد تھ۔
یتس کالس اوغلہ صاب تہ آر پیٹھ بُتھ چھلتھ۔ یام نزدیک ووت تام کرِ ہس
اڈبوناہ منتی، اڈبو ڈیکس میٹھی تہ اڈی آس النہٕ تہ ولنہٕ۔ یلہ اد وردی زہتھ دراو
بندوق ہتھ سارِنے ہنیاے بوکہٕ۔ زنانو کرِ ہس وژھ وانجہٕ ہی" گرژھ باغلہ تھدٕ تھ تہ
بڈ تھ بہہ۔ موٚس تہ ترووٚ نیر تے بچہ ہ" گاٹمُک گام دراس یہ تہ یہ زوٚن میلن تام۔
ییلہ شہل گجھو" نچہ نظر ڈوٚلکھ تہ اد بیہ سارہی وایس۔

(۴)

از آس گاش پھولنہ پیٹھے اسمانس زانڈ۔ تاپ بیٹس تام دہ ہرن عالم گیر
اڈبر۔ تیتھ زِ سنگرمالہ آورتھ ووت برابر کوہ دامنس تام۔ پوٚر رکمنے آسہ وکھرتھ
ونزلہ گرژھان تہ باسان اوس کتیتھ تام چھُس رودہ راتھ سوٚمبران۔ عموماً چھ یتھن
دہ ہن گامس منز لکھ اندرے بہان۔ مگر از آسی سارِی آر تھس پیٹھ سمہ تل ڈیھر تہ ڈیھر
کرِتھ سُسر گُسر کران۔ سارِنے آسہ پوٚت وژہ گمژ بھیر تھ۔ مرد ڈیھر نشہ ہنا دور آسہ
زنانہ تروٚبر گرِتھ ہیتھ اندری اندری پان پرژھنان، مرداسی ووٚٹھ زن بھیشان۔ ووڈنوٚنے
واہہ بٹ آدیھرکان یمن نشہ تہ موچھہ دِتھ زِ جس باکھاہ نیرتھ۔" کینھو نہٕ۔
کریم جوا، یہ کینھو بوزُم؟ افسوس۔ غدے (غدر) گوا ــ" تہ کلیس کتھ۔ زھوپ۔

ژھوپ۔" چانٹس اَتھ دِتھ وۄنہٕ نَس کریم کرٛالَن۔ "اَمہِ سِتۍ اَندِ نہٕ کام۔ دل کرٕ۔ زوٗن دیدِ ہُند پاے سوۄنچ۔ تمُس کتھ پاٹھۍ واتناوو شیچھ۔"

"آخر یہِ کیاہ گوو؟ یہ کمۍ ووٗن؟ یہ کمۍ یوٗژھ؟" گژھِ گرٕ ژھان پرٛژھس واسہ یٹَن۔

"کمۍ یوٗژھ۔ سانۍ سیاہ بختَن۔ رات آو جارِ ڈاکہٕ وول تہٕ پلوٗن مۍ غلہٕ صابُن (وۄہِ تراوِتھ) کارڈ تہٕ سُہ اوس خالی۔ یتھے یورا وُسُس زوٗن دیدِ سوٗزمُت تہٕ تتھے۔ سُہ آسکھ محاذس پیٹھ۔" اَمہِ بروٗنہہ ہیوٗکہٕ کریم کرٛالن وٕنِتھے کینہہ۔

(۵)

اکہِ اکہِ واتی یم سٲری پھُٹ ہتو کوٹھو۔ زوٗن دیدِ ہنز ینیجہ پیٹھ، زوٗن دیدِ آس اَز تہٕ گانٛس منز گاوِ گھاسہ تراوِتھ ژامژ۔

"ژے ہے چھے وَتھ راوٕمژ۔ آخر کلہِ دِتھ ماہی یٔیتی۔ ینہ سُہ وارکارِ محاذس پیٹھ برٛھیوو تیتہ کونہٕ ژے سکوٗت۔ اَمہِ سِتۍ ماوو وٕتھ نکھ۔" زوٗن دید آسِ گانٛس منز گاوِ سِتۍ کتھ کران تہٕ لوٗزن ینیجہ پیٹھ ژاکھ اَندرِ بیٹھے دِتُن آلو "کُسو واسہ چھکھ؟ ژے کینہہ چھے برٛارِ زوٗن گمژ اَز۔" گانٛہ منز نیران ہیوٗتُن یلہ تسے سِتۍ وَنُن۔ غلن ہا راوِ بدرِ وَتھ تہٕ...... ہے ہے تو یہ چھُ کیاہ تام وارۍ دات گومُت۔ لکہِ ارساتھ وُچھِتھ گے زوٗن دیدِ یک تہٕ یک ہش۔ "کینہہ زٕ، لرٛاے ژُدواہ؟ وَنان کوناہ چھو؟" سٲری گے دَم پھُٹ کانسہ ہیوٗکہٕ ووٚش تہٕ ژھٹھ۔

"وُنۍ وُ — زلوٗنی واگرَن — کتھ کرِ وُ —" زوٗن دیدِ ہیوٗتُن رنگ ڈلُن — "کینہہ گوو؟ کینہہ گوم؟"

آخر ووٚتھُس جونچلُن بوٗن کُن ژھنتھ واسہ بٹ دَند ٹوٗی ٹوٗی۔ "زوٗن دیدی

....بلایہ ہے لگے ....‘‘ یُتے وُنُن تہٕ ژھٹن باکھ۔ سارِنے ہێتِن گِتٕ گژھنۍ۔
دُہ وُہ دارِ ووٚتھکھ اوٚش تہٕ شرکنِن ژالے...

زُوٚن دێد گوو موے ہِنا تغیر گرستی ووٚنُن۔ کینژھاہ پانسے ستی، کینژھاہ سارِنے کُن۔ غلہ چُھما وارے غلہ؟ چھم وارے۔ تِنس چھنا خبر۔ کتھن چھیہ دِتھ، کتھن بدلہ‘‘ واسہ بٹن کوٚر جگرہ ہیوٚتہٕ پلہ نووٕنس کارڈ، جوابی کارڈ۔ ’’یہ۔ ہے ووت رات گرِ۔ یہ چھُ خالی۔ خبر۔‘‘

زُوٚن دید گے روٚزِتھ۔ کرزا کھِ تیزہ ہش۔ کارڈس اُس تھپل ہوسہ ستی موٚکھ گوٚ ہگج گمژ۔ وارہ وارہ مُژرُن تہٕ تُجِس پوٚت تہٕ برونٹھ وُچھنہٕ.....
پربھ طرقہٕ گےٚ ژھوپہ۔ ژرِ ژرِ وتام گوو غائب۔ سوالے آہ صدا، یُس باسان اوس زن کانہہ اوس عید دوہ مزارس بیٹھ موٚرُن لبلہ کران........

زُوٚن دێد پێیہ توٚلہ گرِد بُتھِس، یمتے دوٚن یژ تژ بن منز۔ دژائیس سارِے بُتھِس گیێہ ٹیٚنہٕ۔ ژہ معصم اشٕ قطر آس ٹارِن بیٹھ تہٕ موٚکھ وُچھتھ ژالے پێیہ والِس ’’ہا ہا ہا‘‘۔ زُوٚن دێد ژھن ٹھاٹھاہ کرِتھ اَسُن۔ سارۍ گێیہ ششُندر۔ دِیوے ناواسہ ژہبا چُھک برِیٹھ۔ ژٕنۍ بێلہ دماغ آسہ ہی ژ آسہکھ نا تحصیلدار بنیومُت۔‘‘
زُوٚن دید وٚژھ زہرخند کران سارِنے کُن۔ ’’یتھے لیکھتھ چھُ، ژٕ پچھے ناکاش۔ وُچھ یہ کیاہ چھے‘‘۔ کارڈ مُژرِتھ آسہٕ شُکن تہٕ گیێہ صاف باسان دوٚرِ زن پنسلہ ستی کارڈس لیکھتھ چھُ۔ ’’فلن چھُ مے لیوکھمُت تو رِیٚن زنا تہٕ فوجس منز۔ بڑٕ تی گژھنہٕ خاطرٕ۔‘‘ زُوٚن دێد ووٚن اعلان کرِتھ۔

یمہٕ دوہ زُوٚن دید ہیچُو بندوٗق ہتھ کوٚر کیرُک یوٚژھ ژھنتھ تہٕ ہوٚل گنڈتھ دژایہ تمہٕ دوہ آس گامس دیہ ژھتے تمہٕ دوہ اوسہٕ کانہہ پورِ کانہہ شُرٕ تہٕ، نہ اوس کُلبن پیٹھ کُنہٕ کانہہ کاو ٹاو ٹاو کران۔



# پیلہٕ پھوٗل گاش

سوم ناتھ زتشی

زٕ دۄہ وٲتۍ شیٖن پیوان کومو کومو۔ کُنہِ طرفہٕ اوس نہٕ ژھید گژھان اَسمانس کُن نظر دِنہٕ ستۍ اوس باسان زَن آسہٕ نکہٕ نکہٕ ترٛٹہٕ ہنٛز کیٚمۍ پیران پیران وَسان۔ اندۍ پکھۍ مکانن کُن نظر دِتھ آسہٕ یم کیٚمۍ وچھ وچھ تہٕ سفید چھمبہٕ لیٚشہٕ باسان۔ زَن اوس کانہہ دوٗن پھمب دُوٗنِتھ ترٛاوان۔ یا زَن آسہٕ کُھلیہٕ ہنٛدین دۄہن ساری کیٚشر ہنٛدۍ ٹنگہٕ کُلۍ یکجا آمتۍ کرنہٕ تہٕ تِمن آس چھاوٕنۍ پوان دِنہٕ۔ کالہٕ اوسہٕ شیٖن سوٚم مگر از اوس سوٚم تہٕ نہٕ گوٚن تہٕ۔ یُتھ گوٚن زِ دۄہ گژھ دوٗر آسنہٕ نظر پلان۔ تمہِ الہِ اوس دہ تہٕ وُنُل باسان۔ دۄہ اوس ہیوان لوٗسُن۔

دۄہ ترٛتھ اوس رسول گھر کُن پکان۔ کلہٕ نٔل آسس ترٛادرِ زُٹاہ وٚلتھ، پوٚہ سارے اَدرٕ آس گمژ۔ زیٹھۍ زیٹھۍ قدم اوس تُلان۔ ڈُکہٕ کھوتہٕ موکلیوو اَزٕ سُہ تکی پہن، کیازِ شیٖن اوس رزوٗ رزوٗ پیوان تہٕ لالہٕ جی نس دُکانس پیٹھ آسہٕ زیادٕ کام۔ تکیازِ گنٛژھن ہنٛدۍ گٹھ آسہٕ اور یور پھرنۍ آسان تہٕ تِم گژھن شینہٕ ستۍ تباہ۔ دوٚیم اوس لالہٕ جی کالہٕ پیٹھے ہیوان آزادی ہنٛد دۄہ مناونٕچ تیاری کرنۍ تہٕ رسول اوسُن از صُبحے سوٗزمُت کمالہٕ کھوڈ ترٛانٛگی انٛنہٕ۔ دُونس نشہٕ سوٗرٕ پھمب انٛنہٕ، بنیہٕ تیل انٛنہٕ تہٕ حلوٲیس مٹھایہٕ خاطرٕ دِنہٕ، گوٚرس تہٕ اوسُن سوٗزمُت وَننہٕ زِ پگاہ واتہٕ سُہ سالگری ہیتھ۔ یمہٕ کامہٕ کرٕتھ پیٚلہٕ

لال آو لالہ صابن کرنس نظراہ۔

"کہو کرِ تھا سارےٚ کامہٕ" لالہ جی اوس واریاہ کالہٕ پیٹھٕ کیشر منز تجارت کران۔ اصلی اوس سُہ امرت سرک روزن وول۔ وونی اوسُن کاشرٕ تہٕ ہیوٚ چھمُت۔

"چیز داتہٕ نا آدِتھا؟"

"مہارا سورُے اوٚنمُ۔" لاس نزدیک یتھ ووٚن رسول۔ تَلہٕ مہارا یہٕ چلیم دِتہٕ یوکُن ــــ" مگر یتی ہے کاس منز۔ اوس لالہ جی بیٚنہٕ حسابَس منز مشغول، یُدمُت تہٕ رسول تَج پانے چلیم، دام زٕ ژورٕ کرٕنس تہٕ تھاوُن مار پیچ دار جچیر پیٹھ تہٕ لوٗگ وَنہٕ لاس کُن ــــ" مہارا ٹینڈی بیٚنیمٕ وسِتھ۔ بیٚنیہ چھُم لڑکہ بیمار، دِکھنا فرصت لالہ اوس وُنہٕ مشغول۔ وُٹھن اوس حرکت کران، زن اوس کوکر ژورن ووہوان، رسولس میوٚل نہٕ جوابے۔ سُہ اوس وُچھان لالہ صابس کُن۔ مگر اَز آسہٕ رسولس سو نظر یوسہ اَز بروٚنہہ کینہہ کال آس۔ اَز اوس تتھ نظر منز سینٚسرٕ تہٕ نفرت بروٚنہہ آسہٕ تمہ ستہٕ نظر درأنی لاس بروٚنہہ کنہٕ۔ اتی سَنہٕ ہاز لاس کیٚتھ پوٚشاکھ چھیوٚہ؟ شانَن پیٹھ دُسہ کیٚتھ چھُن ماربیچ ... تکیہ ... پلنگ ژادر ... مگر اَز اوس تمِس سورُے فکرِ تران۔ سوٚن تہٕ ووٚگُن سیاہ تہٕ سفید ــــ تہٕ لالہ تہٕ اوس ووٚنی زانان زلمی تام چھس کُل کدٕمٕ۔

.....

شیٚن اوس پیوان تہٕ لالہ اوس حساب کران۔ رسول اوس اکھ نظر پنُنین کھورن کُن دِوان یمَن دُپوٚسیٚن پٔلہ ہور لأگِتھ اوسُس، یم شیٚنہ ستیٚ ووٚزلیمتی آسی تہٕ یمَن بٔہہ ووٚتھان اوس، بیاکھ اوس لاس کُن دِوان۔

کیا مہارا چھِمہٕ فرصت؟" رسول پرژھنس بیٚنیہ۔

لاسن پھِر گردن ــــ" کیا چھک وَنان؟ ... فرصت ... اَدِ گرٕژھ دُنی کیس۔ مگر پگاہ وا آتی زِ دُ ہکہ کھوٚتہٕ سُلہ بیٚہن"۔

"اَہن مہارا ، اوسے لڑکس خاطرٕ؟"

"تس کیا پَچھے خبر؟ توت آبا گوز تھس دِیُن۔ تپ ہمہ ہیس، خاطرٕ خُدا کرِس سہلے!" ــــ سلام دُعا کرِتھ دڑاو رسول تہٕ لوگ گھر کُن پکنہٕ۔ اُدرٕ تڑا درِ زِٹ اَہِس کلہٕ نہٕ ڈلِتھ۔ زِیٹھی زیٹھی قدم اوس تُلان۔ کالہٕ اُوُس لالن فکرِ تورمُت زِ پگاہ کیُتھ رُت دوہ چھ۔ سُہ لوگ پکان پکان سوچنہٕ زِ دویمہٕ دوہ چھنے ہندوستانس بڑ آزادی پننہٕ۔ یعنے ہندوستان گژھِ پورٕ پاٹھی آزاد۔ جمہوریہ ہند! ــــ مگر ستی دوٚ تھس یہ خیال زِ اگر یہ پوز چھ صمد کاکن، جمال ڈارن تہٕ قادرٕ سِنٛزِ کیاز دوٚن نہٕ تمس کالہٕ۔ تم اے دوہے کانچھ سمکھان آسی پانہٕ وأنی تہٕ کارخانک جھگڑٕ۔ قالبافن ہُند مشکل۔ موزورن ہندی مسلہٕ تہٕ بییہٕ حالات وِ پرٕ ھناوان آسی۔ تمو کیازِ تھاو تمس لنشہٕ یہ کتھ کھٹِتھ۔ لالن اوُس سیٹھاہ کینہہ اوٚ نمُت۔

پکان پکان ووت سُہ امیرا کدل۔ فوجی گاڈِ آسہٕ وارِیاہ اکھ اَکس پتہٕ کڈس تران۔ ٹانگہٕ وألی آسی گُرن ژھیپہ کرِتھ قدمہٕ قدمہٕ پکناوان۔ سڑکِ ہندی دٔلی آسی کڈس شین تژٹان۔ سُیتھ ٹانگہٕ گرُن گژھنہٕ رس تہٕ بییہٕ اوس پگاہ فوجُک جلوس۔ امیرا کدلکس فٹ پاتھس پیٹھ اوسُنہٕ ازکانہہ فقیر یا بیچھوُن ساری آسی چھیمتی اورٕ یورٕ۔ فٹ پاتھس پیٹھ آسی بہان وارِیاہ مگر تم آسی آمتی موژان موژان۔ وارِیاہ آسی گریزکی تہٕ تیلیکی۔ یِم قبائلی حملس کیُت ژلِتھ آسی آمتی۔ تمو منز آس اکھ لوکٹ کورِ ہن ووہ نی باقے روزِ منز۔ رسول توٚر کدلہٕ تہٕ وُچھن یہ کورِ ہن شینس پیٹھ بہتھ اَکس دُکانہٕ کس دُرج استس تل۔ ہلم اوُس ڈہرتھ۔ ستی اوس اکھ چھایرٕ وول۔ تس تہٕ آسہن کانسہٕ بکیہٕ کس متعلق کتھ کرمژ تہٕ تمہ تہٕ اوس بوزمُت زِ پگاہ نیرِ جلوس۔ بییہٕ اوسُن بوزمُت زِ پگاہ گژھن ساری آزاد۔۔۔ پورٕ پاٹھی۔۔۔۔۔ رسول ٹھہرِ وو قدم چھایرٕ وألس لنشہٕ۔ بییلہٕ زِ خاطرٕ پاٹھ کوٚرُس، اَمہٕ کورِ دوٚن رسولس کُن: "نبی کریمؐ کری تیٚہٕ آزاد تہٕ چأنس آس

اَولادِس تہٕ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ اَکھ پوٗنسہٕ دِتہٕ۔"

رسوٗل اوس اَمِس کُن وُچھاَنی زاورِ ترٛ اَکھ فوجی ٹرک شینک سیٖنہٕ چیران چیران تہٕ بوٚرُن اَمِس کورِ ہُند وُہرِتھ ہلمَ شینہٕ ستۍ۔ رسوٗل یُتھُے یہِ وُچھ تمِس نٕچ ہسَر۔ کیاہ تام بیوٚس یاد۔ قدم تُلن تیز۔ ژادر وُجن زورِ تہٕ پوٚت نظر تہٕ دِرٛژن ہنٕ۔ سیٹھاہ ژیرا اوسُس گومُت حالانکہ اَز موکلیو وُسہٕ سُلی بی بہٕ اوسُس دوٚپمُت۔ لڑکہٕ چھُے بیمار تہٕ پوٚت کھوری یِیہِ زِ اَز۔ لوگ سوچِنہٕ زِ تس کیا خبر چھےٚ۔ باباریٚ نوکری کیاہ گیہِ؟ موٚزوٗرِ دوہ کیاہ چھُ آسان! نموکِنہٕ چھُ خوٗن پھٹان۔ یہِ زن اوس اَز شین پیوان۔ نہٕ کتہٕ میلہِ ہَس موکہٕ جار۔ یہِ کتہٕ دِہِس کالچس کھیوٚن کیُٚت کیہنہٕ یا لڑکہٕ ہِندِ خاطرٕ شنگر، کاہ زبان تہٕ سپستان۔ یُس مرٕ دیادِمہٕ ہمسایہ وہاب صابن اوسُس تمِس تجویز کوٚرمُت زِ ڈیک اوسُس نہٕ حکیم کاہنہٕ۔ تہٕ لدِس کوٚت پھرنا وِہے۔ گیوو ڈاکٹرس تمہِ اوسُس دوٚپمُت توٚرۍ گرٛژھِ اَنُن، نمریگاہ دوہ کڈِتھ تہٕ کیازِ پگاہ اوس آزادی ہُند دوہ۔ تمہٕ اوسُس سیٹھاہ زور کوٚرمُت زِ پگہٕ ہے وُچھتوس، مگر ڈاکٹرن اوسُس دوٚپمُت پرٛتھ کاہنہٕ مناوِ آزادی۔ تمِس شوٗنٹھس ژلہِ نا تمہٕ دوہ تہٕ یہِ بیمارن وُچھنکُ مُصیبت۔

گھر نِکھ وآتِھ ہیٚژن اَمِس زیادٕ پریشانی سیدتی، تہٕ کیازِ اَکھ انسان یمِس نہٕ کیہنہٕ شبدرِ شاند آسہٕ، مُصیبت آسنَس۔ سُہ دِیان گھرے اَژہٕ نہٕ زنانہٕ دیبس اَذنِتھاہ کیہنہٕ۔ اَڈی بچہٕ نیس بروٚہنہٕ کُن وَدان تہٕ ہتہٕ تہٕ بوچھہٕ تہٕ نہٕ ژٹ تہٕ نہٕ میٚٹ۔ اَڈی آسنَس بیمار۔ مگر رسول اوس اَتھ کیُٚت برٛہ دلدار پریشان تہٕ اوس مگر ہمت آسس ستۍ ستۍ۔ گھر اَژان پیوس سوٗرُے یاد۔ دوٚہ اوس لوٚسمُت۔ ژرِ ہارِ آسہٕ صُبحہٕ پیٹھے بہتھ آین اَژِتھ تہٕ کیازِ شینَن اوسہٕ تمن تہٕ اَپارِ پیوٚژ تار دیتمُت۔ اَدے اوسہٕ تہند شور تہٕ۔

بۄ ژاو رسوٗل تہٕ دِنٕ شین ژادرِ بیٖنٛہ۔ سو آس چیرٕ لایق گمژ۔ فرِکھاہ ہیوٚ ترووُن زِ بیٖنٛہ چھُنہٕ ووٚ ذ کیہنہ بوان۔ مگر یتہٕ ڈیوٗر بہر یٖلہِ ہیر ہیوٚتن کھسُن۔ وُتھ وُچھُن دِگنہِ وسان۔ پانٕ شین اوس کملان تہٕ زاڈ ناو آسس پرٛیتھ طرفہٕ گمژ۔

گُنٛڈکس اکس کوٗنس منز اوٗسس بمار لرٕڑکہٕ یمس اکھ ژادر پٮ۪ٹھ وُرٕنی آسس۔ بیب آس تس سِتؠ کوٗنس منز شژ ہمژ تہٕ سو تیمہٕ تھ پأٹھی تارس بیٖنٛہ اوُسکھ تیلہِ دادِ ژونگ دزان دزان ہیوٚ تمتس سو تَن۔ بی بہٕ وُچھ خانہٕ دارس تہٕ چھیوٚرس رنگ ہیوٚ۔ بڑےیس ہمت ہش۔ رسول درِ ژ بیٖنس کوٗنس کُن نظر۔ یتہٕ نس بیاکھ کنٛڈ ہرٕ تہٕ کہر ہیرٕ بیہمتؠ آسی۔

"کیہہ آسس دوہس خیراہ" پرژھنس رسولن
"کیاہ چھس خبر، یتھ اوس تِتھے چھُ"۔ بی بہٕ دوٚپنس
"شربت چینیہِ نہٕ؟ ــــ یتھے زور زارٕ گوٚل کھنڈ"

یم آسی کتھ کرانی زِ بمار لرٕڑکس ہیرٕ ن ژاس یِنؠ تمس ہیوٚتُن کھرٕ ہنو کھرٕ ہنو گژھُن ــ "وائے بابا ــــ" کہوزِ گوٚ برا؟۔۔۔۔ کیہہ چھے خبر؟" رسول نیوٚنس وُچھس کُن اکھ تہٕ وُچھُن تمس فوٚر گژھان وُتھی وُتھی یتھ پأٹھی موردِ گرِ چھُ گژھان وُتھ وُتھ۔ ترٛیٚز اوُسُس سَخ۔ شاہ اوٗسس گینومُت۔ بیب آس اکھ نظر خانہٕ دارس کُن دِوان تہٕ بیاکھ بمار لرٕڑکس کُن۔

"ژتان ترٛان شُر کانہہ پروائے چھُنہٕ" رسول کوٚر بی بہِ تسلی ــــ "اَدٕ یتؠ دوہ واتس یتھے پأٹھی۔ یوٚت تام سُری یٖنٛہِ سالاب یِمَ" بی بہٕ ترووو وش گُنٛڈکس ترٛ آیمس کوٗنس نشہٕ اوُسُن ہیوٚتمُت ووشُن۔ ژاگس ادس آمُت برود۔ رسول ووٚتھ ژھوہ بہٕ کرِتھ تہٕ برودٕ کاستھ۔ پرژھُن بی بہِ ــــ "صمد کاک مے ادس آمُت؟" ــــ "آہنو،

اَکھتے اوس آمُت جمال کاک تہٕ قادر شیخ تہٕ"

"کیا ووٚنکھ؟"

"دوٚپُکھ رسول ووٚنے تہٕ ژُلہٕ چھُ بیمار گومُت ـــ پَتہٕ کرِکھ پانہٕ واٚنی کتھ، دوٚپُکھ صُبحس یِموٚ ڈاکٹر ہیتھ، گیایہٕ وُنی کیسے۔ مگر سُہ آکھنہٕ، توٚ آسہٕ بجے مرِتھ تہٕ بێیہ اد سناشین ہیوان ـــ"

"ہہ ہہ ہہ ـــ تِلے ووٚتھ چاوُن شر برِتھ داماہ". بی بہ ترِوو بێیہ ووٚش "ووٚتھ یا ژُو ـــ وائے خُدایہ ـــ مُلکس جہانس آیہ آزادی، اَسہٕ آو شکس وَلنہٕ".

"ہہ ہہ ہہ ـــ خُدا کیا کرِ؟"

بی بہ ترِوو زور زارٕ ژُلس شر برِتھ اوڈ پیالا تِمہ پَتہٕ کھێیکھ پانس مێنڈۍ زمینڈی بتہٕ۔ بی بہ پلہٕ نا اد خانہٕ دارس مَل بُرِتھ لیف شکراہ تہٕ پانہٕ شونژ ژُلس لرِ ـــ رسول ترِاو ڈاف تہٕ وُنس تَل ہیرِتھن کانگرِ کھوٚرٕ، ترِیو مُت اوس جَل جَل آیس تہٕ نیندرٕ۔ لرِ پھرُن دِتُن تہٕ بێیس ژانگس کُن نظر۔ یُس وارٕ وارٕ ہیوٚمُت اوسُن سوٚتُن۔ ژانگس کُن وُچھتھ آس کھوٚژُن ہیوٚ۔ بڑے یُس بێیہ پریشانی ۔ ییٚس وارِیاہ کتھ یاد۔ اکِہ طرفہٕ آس بکیچ آزادی تہٕ بێیہ طرفہ یہ پریشانی ییٚمہ ددہٕ ہ نێچوٚو بیمار اوسُس پیومُت تِمہ دوہہ ژون بی بہ ستی ژن ہرٕ سیٹھاہ شرمند اوس نێنس کرتوٚتس پێٹھ۔ تِمہ بےچارِ کوٚر مُت کُس تقصیر اوس؟ یا گو وزانہتھ مانہتھ اوس تِمی کوٚرمُت بیمار؟ ـــ دب ہسہ لوکُس بچارِ آس معصوم شرُس آنگنس منز۔ آیس زچہ بچہ برنہٕ رُبہ ستی۔ تِمہ کجہ نِس زچہ ہو کھناونہٕ خاطر مالی اوسُس تہٕ بیا کھ جورٕ سوٚ مُت یُس تِمہ وزلاگِہ ہس۔ ادٕ روٗد گانٹس کھنڈس نیتھ نوٚن تہٕ بیوٚو بیمار۔

یِمہ کتھ یاد ہیوان ترِوو رسول گوڈ ووٚش تہٕ پَتہٕ کھرُس لانس پێٹھ ژکھ ییٚمی زن وارِیاہ کتھ آسس وَرِنہٕ مرِتھ آزادی متعلق۔ سوچُن "تِہندِ ن لالہ بابن

تہٕ چھایی گژھان؟ تمِس تہٕ چھا گھر تالہِ تالہِ وسان؟ تمِن تہٕ چھا رٔبہ منز دٔب لگان؟ ــــ موٹر نے آسہِ ہکھ تیلہِ اوس ممکن زِ دٔب مالکِہ ہیکھ۔ اسہِ ہوین چھے عموماً رٔس گژھان۔ دٔب لگان تہٕ زخم لگان۔ مگر اسی چھہٕ برداشت کران تہٕ بیٚیہٕ تھوٚد ووٚتھان۔ تمِن اگر اکِہ لٹہِ دٔب لگہِ زانہہ ووتھن نہٕ تھوٚد "اوترے خشم کھرِ ووٚس گوڈ بہٕ کیازِ کرٕن آس سُر وِتھ کیتھ؟ ــــ بیٚیہٕ کوٚت کال چلیس یہٕ چالاکی۔ بیشہٕ گی منجیمس روپیہ پانژھ۔ دوٚیمس لرٕکہ چھم بیمار تہٕ ہیوٚتن یب۔ زن دراس زوٚ ــــ یمن زوٚ نیرٕن چھُنہٕ بُڈ کیتھ۔ اُڈس اپوٚنُس اگر چھِس بہان۔ لیڈر چھِس بیھران۔ حالانکہ کُمی چھِس نہٕ۔ کارخانہٕ اکھ زٕ تہٕ چھِس یمن شراکت چھِس خوجہ سُلطانُس سِتۍ۔ کمیشن ایجنٹی تہٕ چھُ کران۔ گاڑِ پانژھ تہٕ چھِس یٚتنہٕ یمہ امرتسر پیٹھ مال تاران چھِس۔ یُس مال تٔتہٕ بھتھ بے سوزان چھُس۔

ژوٚنگ سوٚتیوو۔ کٹھس منز آس بلکل خاموشی۔ منز منز آس آہ خاموشی تھر تھر ووتھان ہوٚتی ووٚیھ سِتۍ۔ اچانک گیہ بیب ہوشیار۔

"رسولیا؟ ہشارے چھُ کھاہ؟ بی بہٕ کرٕنس لوتہٕ کر ہکھ۔

"کہے زِ خارے چھے؟ رسول پرژھنس

"بہا چھُس کھوژان۔ مے ہاوُچھ خواب"

"ہہ ہہ ــ شوٚنگ کر آرام ــ تلے سُلس وُچھتہٕ ترٚنز رہیوسا"؟
رسول پرژھس ــ سُلس ترٚنز وُچھنہٕ خاطر کُڈ بی بہ نزہ تہٕ کاژوین کرٕن دہن گوٚد صدا، دوپنس، وُنہ ہا چھُس مگر کہے بہن ــ مے ہا وُچھ وُلہٕ خواب"

رسول کرٕ خندہ نا تہٕ بی بہ ہووُس جل جل قسم "باخدا ہا کھوژن آم۔ ازاسی نا دِیان زِ پگاہ نیر جلوسہ دلہ (دہلی) تی وُچھم خواب۔ گکھ وُچھم سیتھا، جلوٚسُس منز۔ واریاہ زنانہ تہٕ آسہِ وُچھ ژیٹان، مے پرژھہ کمکھ۔ کیازِ دِبد چھو

وَدان"؟ دوٚپہم" اَسہِ چھِنہٕ ژٕرۍ اَتھ لِوان۔ یِتھ جشنَس منٛز گژھِنہٕ لَتہٕ موٚنجہِ گژھِنہٕ۔ وُچھان چھکنا بڈٕ تام چھہٕ لَتہٕ موٚنجہِ گژھان"—— مےٚ ہا دوٚپُس" مےٚ ہدی چھہٕ ژُٔ ناہموار۔ اَسہِ یٮ۪لہ اوس کشیر منٛز آسان مہاراجس زٔنگ دوہ تمہِ دوہ اوس دریاہی جلوس وَسان۔ سون لَڑکہ اوس ہانٛز ژٕرن ستۍ شکار کِتھ گژھان تماشہِ وُچھنہٕ۔ اَگَن بوٚڑجہِ گِتھ ہدی اَسہِ سارنے ناون پِتھ رَٹان۔ واریاہ شکار آسہٕ پھٹان۔ بہٕ تہٕ ہدی اَسہِ تیلہِ وَچھ وَچھ دِوان"—— یِتھے بییب موکلیایہِ خواب ڈٕنتھ۔ رسول سوٚنچ پانَس ستۍ

——" ژٕ کیاہ زانکھ، تہٕ وُچھتک آزادی ہندِس جلوسَس منٛز لوٗکھ لَتہٕ موٚنجہِ گژھان۔ مگر یٮ۪تہٕ گےٚ بہٕ وُنہٕ سو گَت ختم کیہنہٕ۔ وُنہٕ چھُ تمہِ گَتہٕ ہندۍ اثرات۔ فرق چھےٚ یِژےٚ یا ژٕ اَسہِ چھےٚ یہِ گَت پیرِ والان تہٕ لاسَن تہٕ تمَس ہیوٚن لوٗکن ہندِ خاطرٕ چھےٚ یہِ گَت روٗدِ بیِن ہنٛز گَت۔

رسولس گَژھِ بییہِ ژٕکھ، بییوس لالہٕ بییہِ یاد، یِم سیٹھاہ کیہنہٕ اوسُس وٕنمُت آزادی متعلق۔ کُنہِ وِتہٕ آیِس نہٕ نیٚندرٕ، لَربھِرن اوس دِوان تہٕ سوٚنچان۔ دماغس منٛز آیِس اکھ بڈٕ کتھ۔ دوٚپُن بیٚنِس دِلَس ستۍ زِ لالُن وٕنمُت اگر پوٚز چھُ تہٕ تیلہِ گژھِ یہِ میانۍ کتھ تہٕ باعمل پَنٕ ۔۔۔۔۔

لَربھِرٕنۍ دِوان دِوان آس گاش۔ بییب تہٕ وٕژھ نیٚندرِ۔ سُلس وُچھُن فرٕس۔ دوہنۍ اوسُس کالہٕ کِھوٗتہٕ کمےٚ دوہ تھان۔ کھٕ بوٚکھ بوتہٕ اوسُس بیوٚڑھمُت۔ تَپ تہٕ اوسُس ہیموٗمُت ۔۔۔۔۔

"کہےٚ چھُس خبر یِوٚکہِ کھوتہٕ؟" رسول پرژھُس اَتھ بیٚنہٕ پریشانی منٛز۔

"یِوٚکہِ کھوتہٕ ہا چھُس خُدایہٕ سنٛدِ فضلہٕ ستۍ فرقے۔ دلوٗ ہا گژھِ آزاد اَمہِ تکلیفہٕ نِشہِ" بییہِ دوٚپُس۔ سو وٕژھ ژٕرن دوہن ژٕھنُن وُرن پیٹھ کُن تہٕ گیہٕ خاندارس کیٚنہہ ٹیوٚکھ داماہ کرنہِ۔ رسول مۄتہٕ ر دارٕ تہٕ وُچھُن شین اوس پیوان بدستوٗر۔ کالہٕ کِھوٗتہٕ ژُورٕ۔

گراہ پونژ اوس تَلہٕ پیوٚمُت ۔ گاشس پتھ تہٕ آس اَہ گٔڈ باسان ۔ از باسیو دٕنہٕ تس
یہ شینہٕ نکی نکی کیمہٕ ۔ بلکہ باسیوس زیٖم چھہ ہالو وُسان اَسہٕ مُہنھ نہٕ خاطرٕ ۔ یانس
ہتی دوٚپُن "از آسن منگ پوش لالہ جی نِس بنگلس پیٹھ بہوان"۔

کالکی یاکھٕ اوس اَزٕ بٔیہٕ دِہہ تہٕ وُنُل ۔ نظر اَسہٕ دوٗر پلان ۔ نہ دوٚچھن
نہ کھوفُر ۔ نہ پھ تہ نہ ۔ برونہہ ۔ تمہٕ کوٚر محسوس انسانیتس کتہٕ گنڈ گرِ صان ۔ جر
سڑکہٕ تہٕ کوچن ہنز بجلی تارٕ یمہٕ سفید گُدامی ہشہٕ آسہ بوزنہٕ یوان ۔ باسے یٕس
شیتسٕ وِ ہانکلہٕ ۔ یمو ستی زٕن تمہٕ سُند گھر بارٕ تہٕ شُربار گنڈنہٕ آسی آمتی ۔ زندگی
باسے یٕس شیتھم ۔ رسولس آو جیر ہیوٚ ۔ وۄٹھ تھوٚد پریشانی منز۔

"بی بی —! بٔیہٕ دِتُن آلو۔

"کیہوٚزٕ؟ بیب آیہٕ دوران دوران ۔ "کیہوٚزٕ کوٚتو دراکھ؟"

"بہ ہے کھسے ام اکدل ۔ تورٕ پتھ جمو تھو!"

"ناصمد کاک تہٕ قادر شیخ تیتے آمتی آسنے ۔ ڈاکٹر تہٕ ما پیاری ژرے۔"

بی بہ دوٚپُس ۔

تم تہٕ تمکھ یہ یانس ہتی ۔ تہند بغار اندنہٕ کام — اَدٕ بوزو ڈاکٹر۔"

رسول دِتُنس جواب۔

"کوسا کام؟ یتھ تعجلی کیہو چھے؟ بیب گیہ حاران۔

رسول لوگس تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ ۔ زن بٔیہ ہندس بتھس پیٹھ اوس پننس خیالن
یک جاکرنچ کوشش کران ۔ کم تام خیال، کم تام تمنا، کم تام حسرت، اسی ساری اکہ
ارادس برونہہ بیکہ ناوان — اکھ اراد ... ...

بیبس کُن نظر دِتھ لوٚگ رسول یانسے ہتی وننہٕ ۔ تعجلی چھے — کام گرِتھ
اندنی — بہ تہٕ گرِتھ آزاد — ژونگ سوٚرتہٕ نہ تیلہ دادٕ — انگریز ژٕول تہٕ

شین کوٚنہٕ گوٚل — لالہٕ چھُ بوٚڈ، اُسی کٔمی بناوی لوٚکی — لوٚکِ تہٕ گرٛشھن بَرٕژ۔ منز لیکھ ماروٗد منزلی — شُلہٕ تہٕ گرٛشھِ پانٕے بوٚڈ — یِیلہِ زنٛدٕ روزٕ —— ہاہاہا۔ تِمس چھُ زنٛدٕ روزنُک حق — آزادُکھ چھنہٕ جل جل مران — فرٛہنگی کوٚنہٕ لوٚکھٕ مران۔ فرٛہنگی! — بازی گار — تٕہ کوٚنہٕ زانکھ — لچھ بَدی بازی گار اَسہٕ چھِ بازی دِتھ نم جیران — مُہتھ مارِتھ نوان — سانی محنت، سون غارت۔ سانی ہمت! ہمت نی نہٕ نی نہٕ کُنی نہٕ رسولس کھوٚت خشم تہٕ ہیوٚتن گرزُن۔ وُٹھ تہٕ کَن ہیٚتن تیز تیز فور رُنی۔ بازی گار دھرنہٕ ییتہٕ۔ بازی گار چھُ نیبر کَڈان۔ سُلہٕ روزٕ زنٛدٕ — صمد کاکُن عمہٕ روزٕ زنٛدٕ — قادر شیخنُ جان روزٕ زنٛدٕ ——" رسول دڑاو یِی وَنان وَنان تہٕ بیب لجُبس حارانی ستی تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ۔

بجن سٹرکن آسہٕ لوٚکوٚ شینُک سینہٕ جیر تھ وَتہٕ کھمہٕ۔ کوچن اوسہٕ وُنہٕ کانہہ پُوکمُت۔ رسول اوس گوڈنیُک انسان یٔمی یَتہٕ کوچ وَتھ کَڈ۔ یوسہٕ وَتھ بجہٕ وَتہٕ ستی میج۔ تَس باسیوو زَن یمہٕ وَتہٕ آسہٕ آزاد لوٚکن ہنز۔ وَتہٕ۔ یمو انسانیتس کتہٕ کنڈ سید نہٕ نیہ موکجار اوس دتیمُت۔ یمو زندگی آس شُٹھنہٕ نیشہٕ بچاومٕژ۔ بجلی تار دیٚپھ ییٚنہٕ شینہٕ ترٛزلہٕ۔ رسول دِژ ہوٚرکُن نظر۔ سفید گُمامی وُچھن ژھینٛی متی — یوٚرتہٕ پاٹھ باسیوس یہے پتھے آزادی ہنز وَتھ ...... یُس گوو تیز قدم تُلان .. .. .. !

UNIVERSITY RESEARCH JOURNAL

# ANHAAR

# 2002

## Afsaanuk fun

## (THE ART OF THE SHORT STORY)






DEPARTMENT OF KASHMIRI,
UNIVERSITY OF KASHMIR,
HAZRATBAL, SRINAGAR- 190006.

ISBN:81-87351-04-7

Printed at :- MAKOFF PRINTERS,
Ph.: 478928